ژٕدٲہمہٕ تہٕ پٔنداہمہٕ صدی ہنز کٲشر شاعری

# انہار

کٲشرِ ادبُک سلسلہ وار مُطالعہ : خصوصی شمارہ ۱



کٲشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر

کشیر یونیورسٹی ہند کاشُر ڈپارٹمنٹک رسالہ

# انہار

ژۄداہمہ پنداہمہ صدی ہنز کاشُر شاعری

(خاص شُمارہ)

ایڈیٹر ـــــ ڈاکٹر مرغوب بانہالی

مجلسِ مشاورت:-

ڈاکٹر رشید نازکی ، شاد رمضان

رتن لال تلاشی، سومناتھ پنڈت

قاضی ظہور، معراج ترکوی !

کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشیر یونیورسٹی حضرتبل سرینگر

یونیورسٹی رِسرچ جرنل فیکلٹی آف آرٹس

# انہار

جلد ———— ۱۱

شمارہ ———— ۱۴

ؤری ———— ۱۹۸۸ء

گوڈنیک چھاپ ———— اکھ ساس

مول ———— ۲۰ وُہ روپیہ

خطاط/سرورق ———— معراج ترگوی

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی حضرت بل، سرینگر

# ترتیب

# گوڈکتھ

کاشُر ڈپارٹمنٹ چھُ پننِن سالانہ سیمنارن ہند خاطرٕ بُزرگ کیو نوجوان قلمکارو ڈسی لیکھنہٕ آمتِن مقالن ہُنٛد اکھ بیش بہا ارزتھ زانان۔ یمہ کِنۍ بہندِ ژھُرنُک مُناسب انتظام تہٕ کرنہٕ چھُ پوان۔ یِتھِن سیمنارن ہندِس ماحصلس پیٹھ مبنی اشہارک خاص شمار چھِ تدریسی تہٕ تحقیقی مقصدس پوٚرہ کرنہٕ رٔنگی ساہِن طالب علمن تہٕ ریسرچ سکالرن سیٹھاہ بکار پوان۔ مثالہٕ پاٹھۍ شیخ العالمؒ نمبر، لکہ ادب نمبر تہٕ گریرسن نمبر بیترِ۔ پرُس پیٹھ یوٚژھ میہٕ کاشر زبانۍ ہندِ دستیاب ادبُک عہد بہ عہد تفصیلی مطالعہ کرنس کُن کشیرِ اندر تہٕ کشیرِ نیبر موجود صاحبِ نظر لوٗکن دعوت دِیُن۔ یِتھ زَن اکھ مفصل ادبی تواریخ مرتب کرنہٕ یِیہ وَتھ بٔٹِہ ہَن روشن نیِدتھ ہیکہ۔ چنانچہ یُدٕ اتھۍ مقصدس تحت ۱۹۸۷ ہُک سالانہ سیمنار معروف ادیبا تہٕ چین ابتدائی دوٚن صدین دوران تخلیق پیدہ یمتس کاشرس ادبی سرمایس پیٹھ بلکہ آو امہ دورکین ادبین حصہ آمتس معاشرس مزید مطالعہ کرنُک تہٕ سنز کرنہٕ۔ سیمنارہ خاطرٕ ژارنہٕ آیہ موضوعک عنوانہٕ اوس پیٹھ پاٹھۍ مقرر پُد "زِو داہمہ، پندا ہمہ صدی ہنز کاشر شاعری"۔ اَمہ کھوو امہ کتھ خاطرٕ پتھ ذہن صاف تہٕ واضح زامہ بتکہ

# لل

مجروح رشید

## پیٹھ سُپُد مُت تنقید

( اکھ موخصر سام )

---

کاشرِ چھِ پننس کُنہٕ چیزس تیٚلہٕ مازان ییٚلہٕ گوڈٕ ووپر لوٗکھ تمیُک تگہٕ ہارِی ہُند اعلان چھِ کران۔ میٚہ چھُ یِتھ کنِتھ بیٛٹھ پوٗرٕ یقین زِ اگر نےٚ انگریزی تہٕ باقے زبانن ہنزن کتابن منز کٔشیر ہِند جُھنکُ ذِکر آسِہے شاید ما آسہِ ہے پٕہ کاشرِن ییتہ بہان زِ کٔشیر چھیٚہ اکھ خوبصورت علاقہٕ۔ یہ ہیوٚم اوٚموکھ وَنُن زِ لّلہٕ واکھن ہُند تگریٚلہٕ تہٕ زانہہ ببٕد تیٚلہٕ ییٚیہ گوڈنیتھ یوٗرپی لکھارن ہُند ناو ہیوٚن۔ یہِ چھیٚہ اکھ مجبوٗری تہٕ تہٕ اکھ المیہ تہٕ۔ میٚہ چھُ یِتھ کنِتھ بیٛٹھ تہٕ یقین زِ اگر نےٚ یوٗرپی لکھاری لّلہٕ ہِند عظمتُک باس دِیٚن شاید ما آسہِ ہے سوٗ وُنہٕ تہٕ سانہٕ خاطرٕ لّلہٕ ژٕ یا فقط اکھ خُدا دوست زنانہٕ تہٕ بنیہٕ نہٕ کہنی۔

سیمنارہ خاطرٕ آسہٕ قدرتی طورٕ اَسہٕ آیند شُراہمہ صدی پیٹھ دٕہمہ صدی تام ییٚن لوٚ سفر
برونٹھ کُن پکناوُن۔ سائنس گوڈنکس قدمس قدر کران کٔر کینژَو بزرگ ادیبو تہٕ
نوجوان نقادو پنٕنۍ موٗلۍ مقالات پیش۔ کینژَو ادیبو کٔر گوڈنکہٕ پھِر اَتھ کامہٕ منز
شرکت۔ اَسۍ چھِہ دۄشوٕنۍ قسمہٕ کین اَتھ واس دِنہٕ والین ہندۍ مقالات
شُکر گُذٲری سان اَنہار کٔرِتھ شمارس منز شامِل تھوان۔ پیٹھ میوٚل اَسہٕ
وائس چانسلر پروفیسر مشیرالحق صابنہٕ بینہٕ ڈین سٹوڈنٹس ویلفیر ڈاکٹر معراج الدین صابنہٕ
ذاتی دلچسپی کِنۍ یوم مہجور پننہٕ سالانہ سیمنارک حصہ بناونک تہٕ موقعہ ییمہ کِنۍ
مہجور صابُن تفصیلی مطالعہ کرٕن والین پننین ایم اے فاینل کین طالب علمن
تہٕ اَتھ موضوعس پیٹھ تحقیق کرنُک شوق تھوَن والین سکالرن ہندِ خاطرٕ تہٕ
اَسہٕ کینہہ مقالہ تیار کرناونۍ پیۍ۔ اَسہٕ چھیہ وۄمید زِ سالانہ سیمنارہ تہٕ یوم مہجور
تقریباتن ہند زٕ ژھرٕ پنہٕ وول بہٕ مواد پڈ پسند اَمیُک لگہار بہٕ تہٕ
معنویت گژھہ تمہٕ وقتہٕ ییٚن مطلوبہٕ منزل پراوُنس منز کامیاب، ییلہ کٲشُری
دورٕ پتہٕ تُرک دورس، مُغل دورس، پٹھان دورس تہٕ سِکھ دورس تام تخلیق
سپدیمتہٕ کاشر ادبُک صحیح متن مُشخص کرنُک طریقہ۔ اَسۍ آیند کین سیمنارن منز
موضوع بحث بناوِتھ ہیکو کھ ییمہٕ شمارُک بیشتر حصہ چھُ کٲشیرِ دورکس
کاشرس ادبس سٟتۍ تعلق تھوان۔ البتہ چھُ مہجور صدسالہ تقریبہٕ ہندِ وساطتہٕ حاصل مُت سپد
موادتہٕ امیک اَتھ حصہ بناونہٕ آمُت۔

ڈاکٹر مرغوب بانہالی
صدر شعبہ کشمیری

تنقیدی نظرٕ تراوان۔ پننہٕ انگریزی کتابہٕ "LAL DED" منز چھُ بار بار یہ کتھ ہنز۔ ژینہٕ وُن دوان زِ انگریزی زبانٕ منز لَلہٕ واکھن ہُند ترجمہ کرٕتھ چھنہٕ سو تیتھہ باتھ روزان یوسہٕ یمن پننہٕ اصلی زبانٕ منز موجود چھیہٕ۔ سُہ چھُ یہ کتھ تہٕ وَنان زِ اَکس دوٕیمہٕ زبانٕ منز لیکھن وِز چھُنہٕ بہٕ لَلہٕ ہندِس بجرس سِتہٕ انصاف ہیکان کرِتھ۔ سُہ چھُ لَلہٕ بہ خراجِ عقیدت پیش کران زِ سو چھیہٕ پننہٕ صنفہ یعنے واکھہٕ زِنٛدٕ تمام کانٛشرٕن منز فنی نوقطہٕ نگاہ کِنہٕ سرس۔ کول صاب چھُ ترٕن لَلہٕ واکھن ہُند تجزیہ کرِتھ وَنان زِ لَلہٕ واکھن چھُ پنُن اکھ اسلوب تہٕ روح تہٕ یہے زٕ چیز چھِ لَلہٕ واکھن ہنز اصلی پہچان۔ سُہ چھُ بڈ زور دِتھ یہ کتھ وَنان زِ لَلہٕ ہُند اسلوب چھُ اکھ بدوٗن اسلوب یُس نہٕ بیٚیہٕ کانٛسہٕ سِتہٕ رلہٕ۔

اوتار کرشن رہبر چھُ لَلہٕ واکھن متعلق بحث کران تتھ ساری سے مواد س سام ہیوان یُس تمہٕ ہنزِ کتاب "کانٛشر ادبچ تاریخ" لیکھنس تام بارسس اوس آمُت۔ سُہ چھُ لَلہٕ ہنزِ شاعری منز لَلہٕ ہند وقتکی حالات لبنچ کوشش۔ تمہٕ سُند مرتبہ چھُ بحیثیتِ محقق زیادٕ تہٕ بحیثیتِ نقاد کم۔

پروفیسر رحمٰن راہی چھُ لَلہٕ واکھن ہُند مطالعہٕ خالص فنی زاوِ جارن کِنہٕ کران۔ راہی سُند تنقیدُک سارِوے کھوتہٕ اہم وصف چھُ یہ زِ سُہ چھُ لَلہٕ ہندِن اوسطورن تہٕ عقیدن ہُند بحیثیت نقاد احترام کران تہٕ پننہِ ذات چھُ تنقید لیکھن وِزِ پتھ کُن تھوان۔ راہی چھُ لَلہٕ ہُند مطالعہٕ کران کران یہ اہم کتھ برونٛہہ کُن انان زِ لَلہٕ ہندِس کلامس منز چھُ اکھ اَندرِ جنگ نظر گژھان

للہ ہندین یوٗرپی لیکھن والین منز چھ گریرسن، برنٹ تہ رچاڈ ٹمپل قابلِ ذکر۔ یموٗ چھ للہ ہندِس فنس متعلق کم تہ تمہٕ دٔتکین مختلف فلسفن متعلق زیادٕ لیوٗکھمت۔ تمن اوس وننہٕ آمت زِ سوٚ آس اکہِ خاص فلسفچ مانن واجنہٕ یہ سپد اوٚ موکھ تہ، تہ کیاز شو فلسفچہِ اصطلاح چھیہٕ للہ ہیٚنز پاٹھۍ ورتاومٕژ۔ یموٗ نقادو چھ للہ واکھن منز ورتاونہٕ آمژن بحرن متعلق تہ بحث کوٚرمُت یمن لش چھ کُنہٕ جایہ کینہہ تنقیدی اِشارہ تہ میلان۔ کاشُر زبان آس یوٗرپی ین ہندِ خاطرٕ سیٹھے اجنبی لہذا اوس نہ تہند خاطرٕ ممکن زِ تم ہیکہن للہ دٔید ہند شاعرانہ شخصیتُک پوٗرٕ پوٗرٕ مطالعہ کٔرتھ، تہ کٔرتھ تہ چھیہٕ کاشر زبان ینن ہنز احسان مند۔

یوٗرپی لکھارین ہندِس تحقیقس منز یم کوتاہیہ روزٕ تمن ہنز نشاندہی چھیہٕ پروفیسر جیالال کولن پننہٕ انگریزی کتابہ (LAL DED) منز کٔرمژ۔ یوٗرپی لکھاری آسۍ تذکرٕ نگارنہ زِ نقاد۔

للہ ہند گوڈنیُک نقاد چھُ عبدالاحد آزاد۔ آزادن چھ بڑٕ عرق ریزی تہ محنتہ سان للہ ہند مطالعہ کوٚرمُت تہ پیٚلہ تہ زانہہ للہ متعلق لیکھنہٕ ییہ لیکھن داکس پیٚیہ ضرور تمۍ ہنز کتاب "کشمیری زبان اور شاعری" پرٕنی۔ آزادن یہ کینژھا للہ واکھن متعلق لیوٗکھمت چھ تہ سوٗے ہیکون اُسی تواریخی تنقیدکس زُمرس منز شامل کٔرتھ۔ سہ چھ پننس مطالعس دوران جایہ جایہ للہ واکھن ہند حُسن تلاش کران، ژینان تہ تتھ داد دوان۔ سہ چھ للہ واکھن ہندِس لسانی زادی جارس سان تہ اہمیت تسلیم کران۔ آزاد بحیثیت اکھ نقاد چھُ پننہٕ کتابہ "کشمیری زبان اور شاعری" ہندِس ترٛیمس جلدس منز نمودار سپدان۔

آزادس پتہ چھُ پروفیسر جیالال کول للہ واکھن ہند مطالعہ کٔرتھ تمن متعلق پننۍ تاثرات لیکھان۔ سُہ چھ اکہ طرفہ للہ واکھن ہندِس موادس متعلق بحث کران تہ تمن غلطین ہنز نشاندہی کران یم گریرسن کران چھُ تہ بیٚیہ طرفہ چھ للہ ہندِس کلامس

کران یم اکثر للہ واکھن منز نظر گژھان چھیہٕ تہٕ یمن پانہٕ وٲنی اکھ باطنی رشتہٕ چھُ۔

پتہٕ مین کینژن وریٚن منز یمو نوجوانو للہ دید ہندِس کلامس متعلق شین خیالاتن ہند اظہار کوٚر تہٕ یہندی مضمون شیرازٕکین کانژن شمارن منز شایع پیدی یمن منز بشر بشیر، عزیز حاجنی، فاخر حزین، رشید راشد شامل۔

ہُنر بے بانو تُیلہٕ چھ یوٗہے اَندرٕی جنگ للہٕ ہندِن واکھن آفاقی بناوان۔ رٲی چھُ للہٕ واکھن ہندِس موروٗثی اظہارس داد دِوان تہٕ امیک تہٕ حُسن بدٕ کڈان۔ رٲی ہندِس تنقیدس منز چھ کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ ہتھ جملہٕ نظرِ گژھان یمَن منز شاعری زیادٕ تہٕ تنقید کم چھُ آسان۔

للہٕ واکھن ہندِن مختلف پہلوٗن پیٹھ یمو بُزرگ لکھاریو بحث کوٗرمُت چھُ تِمن منز چھ ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈت، پروفیسر کاشی ناتھ دَر، ڈاکٹر مرغوب بانہالی، محمد یوسف ٹینگ، ڈاکٹر رشید نازکی، موتی لال ساقی تہٕ ڈاکٹر ٹی، این گنجوٗ قابلِ ذکر۔ امہٕ قسمکس تنقیدس متعلق چھیہٕ اہم کتھ یہ زِ یم ساری نقاد چھ للہٕ ہندِن واکھن منز تمہٕ وقتکی عکس ژھانڈان تہٕ تمن فلسفن ہنز وژھنے کران یم اتھ وقتس منز آکھ اکس ذہب آکو یوان۔

نیہ بیہ ہندِن نقادن منز چھُ ڈاکٹر شفیع شوق تُنہٕ ناو ہیوٗن مینہ فرض باسان۔ تمیٚ ییمہٕ محنتہٕ تہٕ ہمدردی سان للہٕ واکھن ہندِس فنٕس متعلق لیوکھمُت چھُ تہٕ ہیکہٕ نہٕ کُنہٕ حالس منز مشراونہٕ ییتھ، شفیع شوقنس تنقیدس منز یوسہٕ اہم کتھ مےٚ نظرِ گیہٕ سو چھیہٕ یہٕ زِ یُس واکس چھُ تِمن بظاہر لےواڑھ شبیہن ہنز اہمیت وانشگاف

باگ ڈور سنداریخ زور آزمائی کرِ۔ یتھس ماحولس منز ییٚتہٕ کاشرین ہنز
نظر سیاسی افراتفری تہٕ خوف وہراسس کُن آپہ پیٚز لل دید ہُنٛز
شخصیت تولد۔ تسُند زاسنہٕ ہیکو نہٕ گنڈتھ ژُٹھ مقرر کرِتھ البتہٕ
ہیکہِ دٔویم تہٕ ترٛیم عشرک کانہہ وٕری تسُند تولد پدنک وٕری
اُستھ۔ یہ کتھ وَنوٚ ہیتھ کُنہٕ تہٕ زِ لل دید زایہ پرٛیتھیہ پوٚھٹیہ تہٕ انتقال
لوٚبن اُتھی ژوداہم صدی اندر۔ تہٕندس ۱۳۳۵ء زاسنہٕ آسنس
پیٹھ چھُ اکثر اتفاق۔ لل دیدِ ہندس وٲقس بہٕہنس منز روز بیٚیہ
تہٕ کیہنہ شاعرانہٕ شخصیژ علمی تہٕ فلسفیانہٕ لحاظہٕ اثر انداز۔ سدہ مول
تہٕ لل دیدِ ہُند ادش تہٕ چھُ شاعرن اندر گُنز راوہٕ لوان۔ مگر شاعرانہٕ
مکالمہٕ نگاری یوس صرف گُرِن تام واتھن پیٹھ مبنی چھےٚ ہیکہ نہٕ
پہندِ شاعر آسنچ سند اُستھ۔

البتہٕ ہیکو یہ کتھ ضرور وٕنتھ زِ اتھ دورس منز ہیکن شاعر
اُستھ تہٕ ضرور ہیکن اُستھ تیکیانہٕ واتھک فارم چھُ اتھ عامیانہٕ فارم ادسمت
تہٕ اَمِچ غایت چھےٚ عام آسمژ۔ اگر کانہہ عام شخص کانہہ کتھ گنگراوان آسہے
شہ آسہے اُتھی لیہ اندر گنگراوان۔ اَدمو کھ چھےٚ یہ کتھ تہٕ نہٕ زِ لل دیدِ ہندِ
خاطر چھےٚ یہ فارم پچھہ دِتھ روٗزمژ۔ اَمِچ رلوایتھ چھےٚ چھم پدو نہٕ مہانے
پرکاش پیٹھ نوان روٗزمژ۔ البتہ چھےٚ یہ کتھ وَنہٕ لایق زِ لسانی طور چھِ
للہ واکھ اَمہِ صدی ہندِ تمدنکی عکس لفظہٕ کین قالبن اندر بران۔ اَسہ چھُ
لل دیدِ ہُند کلامہ پرٛتھ تمہِ دورچ ہمہ جہت سماجی، سیاسی، تمدنی فکری

# لل دېد تہٕ شیخ العالمنٛ شاعری

# سمٲجی پس منظرس اندر

رشید راشد

پٔہمہ دیوٕسند دور چھُ ژٕداہمہِ صدی ہُند اکھ مُغل دور۔ سُہ دزاو پانہٕ کمزور تہٕ ناہل بادشاہ۔ اَمیُک ثبوٗت چھُ اَتہِ برونہہ کنہٕ تہِندِس پرایم منسٹر رامہٕ ژندر سنٛز چالاکی۔ اَمہِ صدی ہندین گوڈنکین دون عشرن اندر چھےٚ کٔشیرِ اندر اہم شخصیژٕ وٲرِد پیٚدان۔ کینہہ آیہِ بحیثیتِ فوجی، کینہہ بحیثیتِ پناہ گزیٖن تہٕ کینہہ بحیثیت حملہٕ آور۔ زٕلچو ہندی حملن چھِ کٲشرِ کانگرین لارناوی متۍ وزیٖرن تہٕ اُمیٖرن چھِن تیٖرِ پھاٹناومٕژٕ۔ تہٕندی فوجن چھُ عوامس کنہٕ بتر کوٚرمُت۔ رینچن سنٛز کٲشرین پیٚٹھ حکوٗمت کرنٕچ تگ ودو تہٕ روٗز اَندری وٲری کٲم کران۔ ہٕپارِ رؤد شاہ میر تہٕ بارسوٗخ لوکن ہُند ساتھ حاصل کرنہٕ خاطرٕ وارٕ وارٕ کٲم کران یُتھ سُہ تہٕ

اُکی چھِ ادب یار مطالعہ کرنہٕ وِزِ اکثر یِتھین ہتھارن کش

کڈان تہٕ صرف حظ حاصل کرنہٕ خاطرٕ یہٕ پران ۔ شاعری چھیہٕ

قارِیَس تلمیحاتن تہٕ عام رِواجس، پوشاکس تہٕ کھین چِن کین طریقن، سیاسی

حالاتن ہنز پرامن یا غار یقینی تہٕ شاعرس سنز ذاتی آدرشن کُن ظون ضرور

پھران ۔ یِم چیز مطالعہ کرنہٕ وِز چھِ نوی نوی گوشہٕ نٕنہٕ نیران ۔ لل دیدِ

ہندِس دورس منز یُس شاعری ہندی کینہہ محرکات ۔ فلسفیانہٕ اوگطرف

تھوتھ وُچھو اَسی زِ لل دید ہنز ۔ شاعری کاتیاہ گوشہٕ ہیکن نیرتھ تہٕ تمہٕ

دورکی کینہہ سماجی پوت منظرکی محرکات وُچھنی چھِ ضروری ۔

لل دید ہندِس لوکچارس منز چھُ سیاسی افراتفری ہند اثر سماجی

زندگی ہنز تبدیلی کُن پھیور متھ آسان ۔

لل دید چھیہٕ پننہٕ ماحول شیو فلسفہٕ کین نظریاتکا تانترن

ہندِس اثرس اندر وُچھان ۔ لل دید چھیہٕ سماجی زندگی اندر تلخ تجربو

اندری پانہٕ گذران تہٕ کینہہ تجربہ بڈ سنجیدگی سان ژینان ۔

لل دید چھیہٕ نوو مذہب نزدیکی سان وُچھان تہٕ ژینان ۔

لل دید چھیہٕ تمدنی زندگی ہنز ریہ ریہ تہٕ اہم تبدیلی اندر

پانہٕ آوری آسان ۔

سائنس فہمس منز پننہٕ واجبنی کاشر شاعری چھیہٕ ژوداہمہٕ

صدی پیٹھے شروع گژھان ۔ یہٕ صدی چھیہٕ کلچرل سنگم آسنہٕ کنی تہٕ خاص

اہمیت تھوان

یا مذہبی زندگی کُن یکوٹہٕ ظوٗن گژھان۔

شاعری چھنہٕ چھنے یوت، بلکہ پَتہٕ دوٗرک توارٟخ، زبان تہٕ تمدن تہٕ بروہہ کُن انان۔ زبان مطالعہ کرنہٕ وِزِ نوٚو گوشہٕ نٮ۪ر نٟرس کُن چھُ ROY HERVAY PEARCE وَنان زِ

" STUDYING LANGUAGE WE STUDY HISTORY, WE STUDY HISTORY SO THAT WE CUT STUDY LANGUAGE, STUDYING HISTORY WE STUDY CULTURE, STUDYING A CULTURE WE STUDY ITS POETRY, STUDYING ITS POETRY WE STUDY ITS LANGUAGE, SYSTEM IS ONE AND THE WHOLE."

HISTORICISIM ONCE AGAIN

ترجمہ: "زبانٕ ہُند مطالعہ کران کران چھِ اَسی توارٟخ پران۔ اَسی چھِ توارٟخ مطالعہ کران گوٚو زِ اَسی چھِ ہٮ۪کان زبان مطالعہ کٔرِتھ۔ توارٟخ مطالعہ کران چھِ اَسی تمدن مطالعہ کران۔ اکھ تمدُن مطالعہ کٔرِتھ چھِ اَسی اَمۍ شاعری مطالعہ کران۔ اَمہٕ کاپٕھ شاعری پران چھِ اَسی زبان مطالعہ کران۔ طریقہٕ چھُ کُنُی تہٕ کُل۔"

بنیادی چھیٖ للہ دید ہندو فلسفکۍ رموز تہٕ اسرار مطالعہٕ کران تہٕ پالان تہٕ آخر تتھ مقامس پیٹھ واتان ییٚتہٕ سو پرمتھ آنند شوٗ سُند ظہور لبان چھیٖ۔ یہٕ سیٚدٕ تیٚلی ییٚلہٕ تمہٕ تنہٕ پیٹھ گیانکۍ امبر پرٛی۔ یہٕ سیٚد تیٚلی ییٚلہٕ تمہٕ زیٚو سرائر معرفت کوٚڈ آنز۔ شاعری ہنٛدس پوٚت منظرس منز چھیٖ کُنٛتر ہنز زیٚٹھ روٗحانی تہٕ فلسفیانہٕ آب ہوٚ ہیچ اڈٕرن میلان۔ یہٕ اڈٕرن چھیٖ شوٗ متکین اصوٗلن سگ دِوان روزمرٕ تہٕ للہ دیٚدِ ہنٛزِ شاعری منز کوٚڈُن کارِ تھوٚد بجر لوٚن، یتھ منز سماجی زندگی ہنٛدی عکس تہٕ کُنہٕ کُنہٕ دریٚنٛٹھی گژھان چھہِ۔ کاشر شاعری ہنٛدس گوڈٕ کالُک منزیمہٕ تصنیفہٕ شوٗ متکین اصوٗلن ہنز عکاسی کران چھیٖ تمہٕ چھیٖ مہلنے پرٕ کاشُر شتی کنٹھ۔ للہ دید تہٕ "شیخ العالمؒ" واکھ۔ "مہلنے پرکاش" زبان چھیٖ اپ بھرمش۔ پراکرت چونکہٕ امہٕ زبانۍ ہنٛدی موٗل چھیٖ، روٗدی متی سانٛس فہمس منز۔ لہٰذا ہیکو نہٕ اسی امہٕ کامہٕ ہنز ادبی قدر ہُند اندازٕ کرٕتھ۔ مگر امکہٕ پرنہٕ تلہٕ تہٕ وُچھنہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ اتھ پیٹھ چھُ شوٗ فلسفکۍ الہامُک اثر۔ [1] واکھُک تہٕ شرکیُک فارم چھُ گنے۔

یہٕ چھُ سُہ دور ییٚلہٕ دوٚن تمدُنن ہُند سنگم تہٕ میُل سپدان اوس اکھ اوس پننۍ قدم مضبوط بناوان تہٕ بیاکھ اوس ڈکسہٕ ہیوان دِنہٕ۔ بقولِ ٹینگ صاب "للہ دیٚد ہنٛدِس کلامس منز چھیٖ اکہٕ تمدنچہٕ وُجارٕ گژھنچ شکست وریٚخنچ سوے دردناک کریچھ ژھوپہٕ ہُند عالم یادٕ کران

[1] تریلوکی ناتھ در: "شومت تہٕ کاشر شاعری" کاشر ادبُک فکری پوٚت منظر
صفہ ۴۷، ۴۸

اَتھ چھِیہٕ سیاسی طور تہٕ پزٕ پاٹھۍ اہمیت حاصِل۔

تمدنی پٲٹھۍ منظرس منٛز چھُ یہ اکھ اہم پڑاو۔

اقتصادی زندگی کُن نظر تراوِتھ چھُ اَتھ صدی یہٕ نشاۃ الثانیہ ہُک ہیوٗ دورس لبنہٕ یِوان۔

ادبی طور چھِیہٕ یہ صدی دۄن تہذیبن تہٕ تمدنن میُل کرِتھ پیش پیش رۄزمٕژ۔ ژوداہمہٕ صدی برونہہ یوسہٕ کٲشُر شاعری چھم پد تہٕ مہانے پرکاش زٕنگ چھِیہٕ، چھِنہٕ عام فہم۔

یمو دۄیو صدیو پتہٕ یوسف شاہ چک نِس دورس تام چھِیہٕ اَکھ شرنی خاموشی ادبس اندر لبنہٕ یِوان۔

یم چھِ کینہہ تناظر یمن اندر دۄن ہتن وریٛن ہنز شاعری وُچھنۍ لایق چھِیہٕ حالانکہ حضرت شیخ ہندِس دورس دوران تہٕ چھِ یِنۍ خاص تنوٗلُم وُچھنۍ لایق۔ حالانکہ یمن دۄشونی شاعرن نِش چھِ ذٲتی روحانی کرب تہٕ تجربہ یہٕ نِشن کُنکُن تام واتناوُن تہٕ شارن ہند قالب رٹان۔

اَتھ بٔڈِس دورس اندر چھِیہٕ خاص پاٹھۍ کٲشرِ شاعرو اندر ییمہٕ زٕ شخصیژ یِمن بجرٕ تہٕ کار تھزر از تہٕ اُسہٕ قٲیل کرِتھ۔ ییلہٕ زن اَتھ دورس اندر لوکچۍ شاعر گُذریمتۍ چھِ یمن اَتھ ہنز شخصیژ نِش کھینٛے تہٕ اہمیت چھِیہٕ[1]۔

---

[1] ۔ یمن لوکٕچن شاعرن اندر چھِ بڈشاہ۔ سدھ مول، نصر بابہٕ، شامہٕ بی بی، یودٕ بٹ بینز ناو ہنس لایق۔ ونہٕ چھِ یِوان زٕ زانہٕ دلاس چھُ نظمس اندر یہ ونہٕ آمت۔

کم اہمیت واکی چھہ۔ مگر کانہہ نتہٕ کانہہ درجہ تہٕ چھکھ۔ لفظ آمی ٹاکی۔ گج تہٕ کراجٕ چھہٕ اکہٕ خاص طبقچ نمایندگی کران۔ یتھین ہوبن واکھن اندر یوٚدوٕے یہٕ شاعر سُند غرض یہٕ حالت باوٕنی چھیہ یمکہٕ اُسی عکس وُچھان چھہٕ مگر تواریخس اندر سماجی زندگی ستیٚ یہٕ لرٕ لور تھونہٕ ستیٚ چھہٕ نوبن گوشن ہنز تہٕ نشاندہی پیدہ ہیکان۔ وُچھتو یم عکس کتھ کنٕ چھہٕ واکھن اندر یمن معجز آتی منتظر پیش کران۔

چندس وُچھم تہٕ ہانٛہ اتے
ناوٕ تارس دِمہٕ کیا بوو

آمن ٹاکین لوٕنٛ زن شمان

ڈُمی ڈٕیٹھم درزوٕنی گجی
ڈُمی ڈٕیٹھم کراجی ماس

یتھہٕ اُسی اُمی اتھانہٕ یمن دوٕن شاعرن ہُند کلامہٕ وُچھو اُسہٕ یہٕ وارہاہ چھہٕ تیتھ لبنہٕ یُس کنہٕ نتہٕ کنہٕ زنگ تمہٕ دورکہٕ سماجک منتظر باوان چھُ۔ یہٕ کتھ ہکو یتھ کنٕ تہٕ وٕنتھ زٕ سماجی زندگی اندر یُس طور طریقہٕ یُس رسم و رواج تہٕ یُس SOCIS POTENTIAL زیادہ موثر او سمت چھُ تمی چھُ یہندِس کلاس پیٹھ کنہٕ نتہٕ کنہٕ زنگی یمنُ دخل دیتمُت تہٕ یہٕ مداخلت چھیہ یمن طبقاتی لفظن ہُند انگ تہٕ یتھ کنٕ چھُ اُسہٕ اُزی کس دورس

یُس بیدٕل ہندِس کلامس خاصہٕ چھُ۔[۱]

دوٚشوٕنی شاعرن ہُند کلامہٕ چھُ سماج مطالعہ کرنہٕ خاطرٕ مواد آیتن تھوان۔ یہِ چھُ نہٕ مواد یتھ کُن تواریخ کینہٕ کینہٕ اشارٕ دِوان چھُ تہٕ کینہٕ چھُ اچھ وٕڈٕ ہیتھے تھوان۔ اُتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ لَل دٕیدٕ ہنز شاعری چھیہٕ مافوق الفطری موضوعن للہٕ کھوٚل کران مگر تمہٕ خاطرٕ چھِہ تمہٕ تمے ہتھیار، تمے آلات کشاورزی۔ سوٕے زمین تہٕ بیول استعمالس اَنٕمتی (یعنے یوسہٕ زبان ورتاومٕژ چھن تہٕ تمٕکی الفاظ) یم سائنس موروٗثی دٕنیہس اندر کانہہ خاص حیثیت تہٕ قدر تھوان چھِہ۔ یوس حیثیت سمٲجی طور سیٹھاہ اہم چھِہ۔ دلیس رنش واتنہٕ خاطرٕ یم جسنہٕ خاژ سو کران چھیہٕ تہٕ تتھ اندر یم مشکلات تس درپیش چھِہ، تتھ چھُ تمہٕ سٕہ بیان دیمُت زِ بیک وقت چھِہ تسنز اضطراری کیفیت تہٕ ظاہر سپدان تہٕ سمٲجی زندگی ہند اکھ لوکٕٹ کھوتہٕ لوکُٹ عکس تہٕ درِ ییٹھی گژھان۔ سو چھیہٕ چندس ہارنہٕ وُچھتھ واویلا کران تہٕ ناوٕ تارٕ خاطرٕ التجھ

سو چھیہٕ آمِن ٹاکین پانٕکی پاٹھی شمان
سو چھیہٕ ڈی دزٕ وٕنی گژھ وُچھان
تہٕ ڈمی چھیہٕ کراج وُچھان

یم ژور روٗپ چھِہ سمٲجی زندگی ہندی ژور عکس برونہہ کُن انان یوٚدوٕے

---

[۱] کشیری ادب کو لل دید کی دین

امیر طبقس اندر آسی اکثر برہمن تہٕ یہندے اوس زیاستر اثر و رسوخ باقے طبقن پیٹھ۔ تِم آسی مختلف دل ورتاوتھ غریبن نِتھ ہوان تہٕ پننی بالادستی قایم تھوان۔ لل دید چھیہٕ یمن ہند کردار پانہٕ پرکھاوان تہٕ یہندی نفسہٕ ساتھ پانہٕ وُچھان۔ سو چھیہٕ پانہٕ اُکس پری ہتس پنکھ متس گرس اندر زامُت تہٕ ازیٕ اوسُس شو درشن باگہٕ آمُت۔ یمہ کنہٕ اتھ مصنوعی تیندی لوہ لنگرس خارباد کور تہٕ نِتھ ہیتہٕ والین بٹن پیٹھ نیون تِتھ کنہٕ طنز کرتھ زیہندز اصلیت پیشی آشکار۔

پرتھ تہٕ لوزتھ برہمن تزھیٹھ
آکر کھٹن یہندہٕ ویدہٕ ستہٕ
پٹنیج سن نِتھ تھون مٹن
مُہتھ من گرتھ بکھ اہنکاری

چونکہ برہمن چھیہٕ ہندو دھرمس منز سو ذات رُوزمژ یم مذہبی پیشوا ماننہٕ چھہ یوان تہٕ آسہٕ یوان۔ یہند ڈسی یہٕ فعل سپدن ماہیکہٕ نہٕ ممکن آسہٕ۔ البتہٕ ماہیکہٕ یہٕ کتھ اُسہٕ تہٕ یہنز کارکردگی آسہا زور پیدہ کس معاملس اندر پوت منظرس منز ییمہ کنہٕ لل دید پوت منظرس اندر یم گندن والی کردارے چھہٕ ایکسپوز نیمتی کرتھ۔

تہٕ پتھے پاٹھی اسلام مکمل طور متعارف گژھنس ستی لوگ تموے سماجس پیٹھ سکہٕ جماوُن یم عام لکن زنش پین پان اسلام زانہٕ دُن دیان

اندر تمہِ دورُک سماج اکھ خاص جہت ہتھ بروٚنہہ کُن پکان۔ مگر اَتھ چھِنہٕ تواریخن منٛز تقوِیَت مِلان یمیُک ہُند مصداق اکھ گنڈ ژٕ تھ پزر بناوتھ بروٚنہہ کنہِ تھاونچ کوشش کرٕنۍ۔

چونکہ لل دید ہندِس دورس دوران چھنہٕ بجایہٕ خود کانہہ تواریخ لیکھنہٕ آمٕژ، بلکہ چھُ تس پتہٕ کہے کینہہ کالی لیکھنہٕ آمُت تہٕ یہ لیکھنہٕ آو تمیُک مورخ اوس دربارس سٍتۍ تھ کنۍ وابستہٕ، زِ ژہ تواریخ رُود زیادتر بادشاہی تہٕ سیاسی تواریخ بنیمہِ اندر کم کاسہٕ سماجی زندگی ہُند تذکرہ آسنچ وۄمید آسہِ تہٕ تی چھُ پیدٕ مُت تہٕ۔ بڈشاہ ہندِس دورس اندر یڈشاہ سُنز زیرکی تہٕ انصاف پسندی ییِتھ ڈرامہ (منظوم یا نثرس اندر) زانہٕ واس تہٕ زانہٕ ژرت رنگی آسن یُس شوہرا از تہٕ ساہن کُنن تام کریکہ دِوان دوتمُت چھُ سو چھیٕہ تہٕ بدس ہیٚنہ تام ہوٚچھ آواز۔

مگر ییلہِ کُلی طور ییمہ زُنڈی یہِ مطالعہ کروٚ تہٕ اَتھ وسیع دورس اندر چھِ یم امکانات اغلب زِ کینہہ نوٚۍ طور طریقہٕ آسن قبوٗل آمٕتی کرنہٕ تہٕ کینہہ آسن ترک آمٕتی کرنہٕ یہ زِ تمدنی ثقافتی، سماجی طور طریقن تہٕ لسانی تبادلس اندر اکھ لازمی گتھ آسہ ہیکہ۔ اَتھ کتھ چھِنہٕ تواریخ گواہ زِ ساداتن ہندِ واردِ کشمیر سیدہٕ سٍتۍ پیٚد اسلامی رسم و رواج متعارف یُس اسلامی نقطہ نگاہ کنۍ قبوٗل تہٕ کرنہٕ آو۔

ہنٛدی دورس دوران اوس کاشُر سماج دوٚن بڈٚن گرُوہن منٛز منقسم سپدمت۔ اَمِچ بُنیاد آس صرف امیری تہٕ غریبی۔

ترجمہ:۔ "کمپلن تہٕ بادشہٕس درمیان آسی طاقتور ڈامریم زٕن فیوڈل لاڈ آسی"

حالانکہ کشیر چھیہٕ اکھ بوٚڈ مس طبقس پیٹھ دارمدار تھوٚوتھ تہٕ یہ بٔنیم طبقہٕ چھُ اکثر گریستین ہُند روٗدمُت۔ کاشتکاری ہنٛز آمدنی پیٹھ چھیہٕ حکوٗمت زیادٕ ترٕ چلان روٗزمٕژ۔ "ہندوٗ دورس منٛز اوس ملک فصلکس شیٛمبس حصس پیٹھ تہٕ دورِ سلاطینس اندر نصفس پیٹھ گنڈاہ کران۔" (۱)

حصن شیخن رحؒ چھُ غریبن ناشس گژھان واویلا کوٚرمُت۔

غریبس گژھان دہ ہے ناسو

ہندوٗ دور اندو آتنس ستی ییلہٕ کاشُر بجٲیی تہٕ پاپرجٲیی کُن پکان اوس یہ زٕن بڈشاہ ہندس دورس اندر لیکھنہٕ آمُت تواریخ باوان چھُ تیلہٕ گژھِ یہٕ حضرت شیخ ہندِ دسی منٛ پیٹھ طنٛزکی نقوٗش اکھ ستی تضاد کھیٚنی۔ ہیٚرِم پاپرجٲیی تہٕ غریبس ناشس گژھن چھُ اکھ لمحہ فکریہ بنیتھ ووتلان۔ حالانکہ اکھ جایہٕ چھُ یہ وُچھُن تہٕ ضروری زِ حضرت شیخس اندی پکی کم کم حالات چھِ آسی مٕژ۔

۱۔ حضرت شیخ ہندس ولادت لبنس دوران اوس سلطان شہاب الدین ہنٛز بہودری ہُند شوہر۔

۱۱۔ سلطان ہندِن آخری دوہن دوران اوس کشیر اندر قحط تہٕ امہٕ زلوٗن حالی ہُند چرچہٕ آسہٕ ہا لاژمی منٛ حضرت شیخ ہندِن کُن ووتمُت۔

---

(۱) THE VALLEY OF KASHMIR LAWRANCE

اَسی - یم چھِ تمے لُکھ یم سمٲجی رۆتبہٕ ژھانڈنس پَتہٕ روزِتھ اَسی - تِمو تہٕ لوگ
سُے طریقہٕ کار ورتاوس اَمِ یُس ہندو دورس اَندر برہمنو پنتھ ہیتھ خاطرٕ استعمال
کورمُت اوس - اَمہٕ طبقکین لُکن ہندی نفرٕ پاٹھٕ اوس حضٕ یشح پانہٕ وچھان
تہٕ ژرزان - سُے چھُ وجہٕ زِ تِم رُودی نہٕ اَتھ طبقس کُن انگشت نمائی کرنہٕ نش تھ۔

ملا ڈیوٹھم ماچھ کھوان
ہُکس دِپان یہ چھُ کچھ
ڈاکر ژھنان باکر کھوان
مُشدہ دپان زاُتہ چھُ یچھ

اَمہٕ طبقٕچ یہ بالادستی تہٕ سانگ برونہہ کُن اَنُن گیُو یہنز سمٲجی زندگی
اندر غلط طریقہٕ کار ورتاوِتھ سماج نے مقام وَتُن کُن نیُن - کیُنہ تہٕ وۆس اندر ییلہ
یہ فیوڈل اِزم پاد گژھان چھُ ، سُہ طبقہٕ چھُنہٕ قطعٕ برژھان بلکہ تیٚ لُکن ہنز خوشحال
زندگی یِمہ ستی یہنز اجارداری پیٹھ صرف ییہ تہٕ کشیرِ اندر چھُ برونہہ کالہ
پیٹھٕ اُدی طبقن تہٕ مکمل پاٹھی پیٹھاوُلی کرمنز - یہ چھُ سُے طبقہٕ اوسمت تواریخ
یمن ہنز ذات ڈام باوان چھیہ -

"BETWEEN THE TILLERS OF THE SOIL AND THE KING THERE STOOD THE POWERFUL[1] DAMRAS WHO WERE THE FEUDAL LORDS"

---

1. STUDIES IN HISTORY OF KASHMIR BY M.L. KAPOOR

اُدر کھل پداں چھیہٕ ۔ پوٗزاہ دوران یمَن اشیاہ استعمالن ہُند ناو "ینل مَت پران" دِوان چھُ لل دیدِ ہندِس دورس اندر تہٕ چھ تمے استعمالس اُسی متہٕ پوان اَنہٕ ۔ لل دید اگرے پرٕتھ پوٗزاے یوٚہ زوٗ زہِ بنار چھیہٕ تامہ ژَٹان چھیہٕ بلکہِ اَندہٕ چھُ ذکر تمَن چیزن ہُند اَکھ ٹاٹہ ژٹنس اندر میلان ۔ گوو سماجی طور کیہہ طور طریقہٕ چھیاسی افرادی ہندس ولگتنس اندر تہٕ زندہ رٔزِتھ ہیکان ۔

کش پوش تیل دیتھ زال ناگرٕ ژھے

یمن چیزن ہُند ذکر میلنہٕ ستی ہیکوہ نیتے مطلب کڈتھ زِ مذہبی طور اہمیت آسنہٕ کِنی چھُ یمَن ہند استعمال او سمُت پدان، بلکہ چھُ یمن چیزن ہُند کاشت تہٕ وُچھن لایق آیایم چیز آسیا کشیر اندر کاشت پدان کِنہٕ درآمد آسی سپدان ۔ یتھ ہیکَن یمن تذکرِ ستی بیہہ تہٕ گوشہٕ نیرتھ ۔ کونگہٕ پوشک تذکرہ چھُ لل دیدِ نیلہ پاکھٹی کورمُت تہٕ حض شیخن چھُ تشبیہاتی طور گونگل کرنہٕ بیتھ کرِ او کرنس تام اَکہ زیتھ تگ ودوچ بازیافت پیش کرمژ ۔ داند واٚلی سُند داندس پتہٕ پتہٕ الہ باٚنی ہیتھ روزن تہٕ بیہہ ہینہٕ واٚلس داندس لور پوتہٕ ٹاسرائے نٚلتھ کامہ لایق بناوُن چھُ اَز تہٕ سانہٕ گامی زندگی اندر لبنہٕ پوان ۔ اگرے اَمیُک تذکرہ حضِ شیخنیٚ روحانی تجربہ باونہٕ خاطرٕ اکھ تمثیل وٚنمژ چھیہٕ تمہ باوجود تہٕ چھیہٕ سماجی طور وُچھنہٕ کِنہ یہ پنہٕ دورچ سماجی زندگی ہنز عکاسی ہُند اکھ زاویہ ہاوان ۔ کاشت کرن واٚلی فصل چھ اکثر جے آسی متہٕ

iii) بعض شیخ سند بن لوکچارس دوران یاتہ آسہ ہے ییمہٕ کتھہٕ ہُند چرچہٕ زِ سُلطان قطب الدین چھُ سبھا یہ ستہٕ نکاح کورمُت یاتہ چھُ مسلمانَن ہندِ اَثرٕ رسوٗخکہِ زورٕ پہٕ عمل عام اوسمُت۔

سلطان سکندر ہنز اسلامی طرز حکومت استعمال کرنی تہٕ غٲر مسلمانَن پیٹھ روب داب آسُن آسہ ہے بعض شیخن پانہٕ وُچھمُت تہٕ بعض شیخ چھُ اَکس حاس وُچھن والی ہندی پانٹھی وُچھان۔ تمی آسہِ سلطان سکندر ہنز لوکچہِ وانٕہ ہُند مرُن تہٕ وُچھمُت تہٕ عانہٕ ممکن چھُ یہِ اشارٕ آسہ توٚری کُن

راج کوٚر سِکندرٕ تاجدارن
تمۍ کھٕنہ مال نیوٚ پانس ستۍ
دِل دِتھ ژھونڈ دِہہ پٕلہِ مزارن
اَسہ بروٚنٹھٕ اَسہ ہی گامتۍ کتۍ

سُلطان علی شاہ تہٕ شاہی خانُک دور تہٕ چھُن وُچھمُت۔ سماجی زندگی اندر تبدیلی چھنہٕ یکدم پیدٕ تھہ ہکان، بلکہ یہ عمل چھیٚ آہستہ آہستہ کارفرما روزان تہٕ سلاطین ہندِس دورس چھُ سماجی طور ہندوٚ دورس سٕتۍ وارِیاہ وابستگی روزمٕژ۔ ہیارٕ چھُنہٕ یمن دوٚن شاعرن ہُند دور تہٕ کم کینہہ الہیہٕ چھِ ژ ہتھ وُرِین پیٹھ یم وحاط کرِتھ تہٕ یوٚت زِ لوکھ دور ہیکہٕ نہٕ سماجی طور ہوٗے آسنہٕ البتہٕ چھِ کینہہ رسم و رواج یتھی تہٕ آسان یم سماجس اندر موٗل دِتھ چھِ آسان یہند پرانٹنہٕ سماجی زندگیہ

ہُند تذکرٕ کُنہٕ نَتہٕ کِنہٕ دۄشوٕنی شاعرن نِش میلان ۔ ان، مُتھ، گُرس، پنگہٕ، ترٛٲب، ہاکھ، وۄپل ہاکھ، نَدُر، آنچار، سوٚژُل، بیتَر ۔ زلچہٕ ہندِس حملس دوران لوٗٹ کھسوٗٹس منز یِنہٕ وٲلۍ چیز چھہ غلاوہٕ علاوٕ دانہٕ خاص اوسمُت ۔ زلچہٕ ہندی فوجن "کھوغلہٕ تہٕ توٗل تیوٚت یہ ہیوٚکُکھ"[1] مگر دورِ سلاطینس اندر چھُ خاص پٲٹھۍ سولہٕ اوسمُت ۔ کملین آبہا پوان مُہنٛزِ نِنہٕ تہٕ یمیٚے آبہا پوان بازرن اندر سولبہٕ کِنہٕ ۔ یہ زن لارنس سُند بیان چھُ زِ سلطانن ہِندِس دورس اندر آس حکومت نِصف غلس پیٹھ چلان ۔ مگر "بہارستان شاہی" چھیہٕ زین العابدین ہِندِس دورس منز اَیِ فراوانی پیٹھ کُنی باوان ۔

" فراخئ اغذیہ و ماکولات وارزانی غلہ و حبوبات
در عہد وے چنداں بود کہ در ہیچ زمانے آں چناں
نشاں نمی دہند در معماریٔ ملک و آبادانیٔ مملکت
مساعی جمیلہ بجاے آورد۔ واکثر قریات و مواضع
عطیہ و بسیار اراضی نام۔ روع و معطلہ کہ بہ
سبب نفرت ذوالجو خراب و ویران شدہ بود
بواسطۂ اہتمام مساعی او معمور آبادان گشت"[2]

البتہٕ یمین دۄشوٕنی شاعرن نِش چھُنہٕ نُنی پٲٹھۍ کھنکین چیزن یا

---

۱، ۲ بہارستان شاہی

ہیم پانس استعمال پدان اُسی یِمہِ اُندرٕ اَسی تِمن لوٗکن کھین چین وُچھتھ ہیکان چھِہ۔ یِمَن فصلن ہُند کاشت یا ہیم کھینہٕ رنگی استعمال کرنُک تذکرٕ چھُ دوشوٕنی شاعرن ہِنش میلان زِ اَتھ ہِنش چھُ عام زندگی گُذارنُک معیار تہٕ برونہہ کُن پکوان۔

نُنتشہِ بودی اُنتھ وانہِ لاگن۔ شیخ العالمؒ

وون مٹھ کپس تہٕ ان

یا

للہٕ درائیس کپہٕ پوشس ترٕے۔ للہ دید

یا

تریٕ یارٕ تہٕ گنڈن وارے

وون ہا کھسوٕزل تہٕ کرم

ہنگ لوکھر تہٕ گرس نارے

کھیٕنہِ زن ہہن ہیم

حبہ خاتون

یا

ہنگ لوکھر تہٕ ترونہٕ ڈُلی

یٔیتہٕ کُنجن بگہٕ زھو

اَمہٕ دورکی بیٚیہ خاص کھینہ چینکی چیز چھہ ہیم روٗدی متی یِمَن

پتہ حضرتِ شیخ وَنان

وۄڈِ کاژ بہٕ پتہ مُنلۄ وٕلی

مِیٛہانَس بِستہٕ کھوان

امیُک اِشارٕ چھُ مخصوص لکَن ہندِس لباسَس کُن یتھ بجر چہ نظرٕ وُچھان آسو - مگر یہ پوشاکھ چھِنہٕ طبقاتی تہٕ مذہبی بنیاژن کُن سون ظون پھِران۔ البتہٕ ہیکہ ہے پوشاکھ اَتھ ابتدائی دورس اندر مشترکہ تہٕ آسنہٕ۔ اَتھ متعلق چھُ "بہارستان شاہی" یتہ وَنان۔

"و چوں درآں زماں بیشتر مردم مشرک وکافر بودند

و شعایر کنار میان اہالی ایں دیار شایع و مستعمل بود

سلطان قطب الدین کسوت ولباس کافراں داشت وبا مرزودند۔

وحضرت ایشاں ترک آں کسوت نمود ولباس اہل اسلام

اختیار فرمود وحضرت ایشاں قطب الدین رایک کلہ پوشی

از لبستہ خاصہ خود تبرکاً عنایت فرمود" لہ

دۄ شوے شاعر چھِ کیٛہ ہُند کاشت اطمینانہٕ سان بووُمت تہٕ لل دٕید چھِ کیٛہ ہند مختلف مرحلو منز گذرتھ ہرِس تام واتُن تہٕ بیان کورُمت یتھ اندر کاڑی اندرس کھسُن تو یتہ دۆنس نِشس واتُن یتہ تومبین اژُن پن بن، دوورٕ ٹند وونُن، دۆبی ٹسند

---

لہ۔ بہارستانِ شاہی صفہ ۲۶

چنانچہ پیٹھن ہند ٹھ تذکرہ میلان یُس کُنہِ سماجچہ اَمہِ نہجہِ ہنز وَتھ بدِ کڈِنس کافی روزِ ہے۔ حالانکہ لَل دیدِ ہندِ کھوتہٕ چھُ بعض شیخنس ؔ کلاس اندر کینہہ خاص اشارہٕ میلان۔

یتھے کنٛہ چھُ دوہہِ دِشچہٕ زندگی اندر پوشاکھ اکھ خاص اہمیت تھوان۔ کشیرِ ہُند موسمیائی ماحول چھُ ضرور بلون پوشاکن کُن ظوٗن پھران تہٕ دوشوے شاعرو چھُ امی نہجہِ کنہِ پوشاکک تذکرہٕ کورمُت بعض شیخ ؔ چھُ جندس پاری لگان تہٕ لَل دید تیرِ ژلنہ خاطرِ امبر ہوان مگر دوشوٕنی ہنز شاعری نِش چھنہٕ پوشاکِچ ساخت تہٕ بناوٹ وۄتلان۔ حالانکہ یہ چھُ ضرور زِ سادہٕ بلون ہند تاکید چھُکھ کورمُت یہ زن یہند طریقہٕ کارُک خاصہ چھُ۔ مگر سادہٕ بلوٕن ہند ذکر کرِتھ چھُ یکدم تمن پوشاکن کُن ظوٗن گژھان یم سماجی طور عام معیارہٕ ہیٛور چھِ آسی متی۔ پوشاکس ستی چھُ زیوراتن ہند استعمال تہٕ تتھ دورس منز اوسمُت۔ یہ پوشاکھ چھُ سلاطینن ہندِس ابتدائی دورس تام تہٕ پٔھندین ہندِس اثرس تل ورتاوس منز اوسمُت۔ پلہارن تہٕ نستن رۄنگ برنگ رلواج چھُ اَتہٕ وۄتلان۔ حالانکہ "تاریخ حسن" تہٕ چھُ اَلہٕ پلہٕ اتھی دورس کُن اشارہٕ دِوان۔

" در دور دیرینہ مردمان کشمیر در تابستان

وزمستان سراپا کسوت پٹو لباس می پوشیدند

کرتہ پاجامہ درمہ کارِ نہ لونگی " ؎۱

---

؎۱ تاریخ حسن جلد اول صفحہ ۲۵۲

صدی ہندس اِبتداہس منز چھُ نژنس تہٕ گیونس ذکہٕ لوگمُت، تکیازِ اسلامکہ پھہلاوچ تحریک چھیہٕ سیدنین ہند وارد سپدنہٕ زورسان پکان۔ مگر امہ باوجوٗد تہٕ ہیوٚک نہٕ یہ فن ختم سپدِتھ۔ اکھ رواج چھُ دوشوے بہلہ پایہ شاعر وچھمُت تہٕ حصہ شیخن رُ چھ کنہٕ کنہٕ لفظہٕ کین سانگن ہندس پوٚت منظرس منز ورتوومُت۔

کیٚلک گرگر رِیش لاگن تہٕ

یُتھ پاٹھر لاگن منز رنگن

تہٕ مل ڈیڈ نژ چھُ ڈراہک حصہ "ناٹکس لفظ استعمال کرُتھ" اکھ خاص دُنیاوی اہمیت تھوان۔ حالانکہ باقے کینہہ گِندنُک ذکر چھینہٕ یمن نش واضح پاٹھی میلان، بلکہ چھ سماجی طور یُتھ مواد تہٕ یمن آیتن تھووُمُت زِ ڈراہکُ حصہ یا ناٹکس لفظ چھُ یمن قدیم تواریخ آیتن تھوان۔ محظوٗظاتن اندر چھیہٕ ژمر بوسنی لژھ ڈوٗن واجنہٕ سوندرِ روبہ خانن اندر مسکی تہٕ رسکی پیالہٕ ضرور آپران یتیمکُ اِشارِ راز جلوکہٕ بیٹھ ژک دورس تام کینژن ہندین دربارن ہند سرُود تہٕ ناٹک دِوان چھُ۔

سوندر ڈیٹھم ہری وکھناوان

ژمر بستی ڈوان لژھ

یا

سوندرن بتی چھُوتھ موٗلو

سنز تہ صابنہٕ چھلنہٕ یُن تہ اَدٕ سنز ہندِ ڈسی امبرچ شکل رٹنہٕ واضح کرُن ییمہٕ کنہِ اَمہٕ لحاظٕ مختلف کارکُنن کُن تہ اشارٕ میلان چھُ۔

لل بہٕ درایس کیپہٕ سٔنزِ تہ
کاڑٕ تہ دۄنی کرٕنم یرٕ تہ کتھ
تیہٕ ییلہِ کھارنم زاوِجہ تہ
وۄوٕری وانہٕ گیم اَلانزٕ لتھ
دۄبی ییلہِ چھاونس دۄبی کنہٕ پیٹھے
سزٕ تہ صابن مژھنم یژے
پتزٕ ییلہِ پھرنم ہنہٕ ہنہٕ کاژے
اَدٕ للہِ میہٕ پراوم پرمہٕ گتھ
تتہٕ از ڈیٹھم کیسہِ کھنان
نفرٕ میہٕ وُچھ تہٕ وُچھنہٕ گژھ

کاشرٕ چھِ پتہ کالہٕ پیٹھٕ مختلف طریقو پٹھٕ پان رنزنا وان رُودی پتہ، ییمِچ نشاندہی ہارونچہ ماُل تہ اونتی پور کین کھنڈراتن پیٹھٕ وۄتلیمتی کینہہ تصویر کران چھِ۔ اَمہٕ لحاظٕ چھُ کاشرن ہنز زندگی منز پاتھر اکھ خاص جُز رُودمُت۔ اَمیک طرح چھُ بُنیادی طور مندرن تہ واہرن اندر صرف مذہبی رِواجہٕ کنہٕ رُودمُت مگر وارٕ وارٕ چھُ اَمی باضابطہٕ محظوظاتن اندر اَتھ عام زندگی منز قدم ترودمُت۔ چونکہِ ییٚدا ہمہٕ

زندگی اندر خاص تبدیلی ہنز حاؔل مگر کاشر زنانہٕ چھیہٕ تھٕی طورطریقن لور روزمرہٕ۔ البتہٕ چھیہٕ اسلاؔمی طرزِ زندگی ہندِس متعارف گژھنس ستۍ ستۍ پہندس پوشاکس منز ننۍ تہٕ ٹاکارہ تبدیلی۔ تُہند روتبہٕ تہٕ تُہند رول چھُ تِتھۍ پاٹھۍ روٗدمُت یُس بٔتہٕ امہِ کالہٕ برونہہ چھُ اوسمُت۔ زنانہٕ ہُند سیاستس اندر حصہٕ نیُن۔ تعلیم پرٕنۍ تہٕ امہِ خاطرٕ اقدام تُلنۍ اگرے ہیرِمس طبقس تام محدوٗد روٗدمُت چھُ تاہم لل دید بجایہٕ خوٗد زنانہٕ اُستھ تہٕ مُنزِ یمہٕ طبقچ اُستھ تُہند اکس فلسفی ہنز زندگی گذارنٕۍ چھینہٕ بجایہٕ خوٗد کیہنہٕ لوکٹ مثال۔ البتہٕ دہٕ شوے شاعرن نش چھُنہٕ "کینژن رٕنۍ چھیہٕ شیہج یوٗنۍ" یا برہ پیٹھ ہوٗنۍ وٗنِتھ تہنز فطرتے بوت آشکار کران، بلکہ دیوان خانن اندر تہنز زینت بننۍ تہٕ چھُ زنانہٕ ہندِس سماجی روتبس بیکہٕ اندہٕ نوٗن کڈان۔ یہ ہکو پیٹھ کٔنۍ تہٕ وٗنِتھ زِ سو چھیہٕ اکھ تماشہٕ بٔنِتھ تہٕ سماجس اندر زندگی گذاران آسمِژ۔ سو چھینہٕ بحیثیت سوندر گچھ مندورِن گچھ کران تہٕ ہانزنۍ بٔنِتھ گامہٕ گوم پھیران تہٕ ندری آنچار کنان۔ زنانہٕ ہندی دہٕ شوے روٗپ چھہٕ بڈٕ بے نیازی سان ہمو کلامس اندر باوی متہٕ۔ سماجی بوٗت منظرس اندر اگر یمن دہٕ شونٕۍ شاعرن ہند کلامہ پرکھاونہٕ ییہٕ بٔنِیہ تہٕ کیہنہ وارِیاہ گوشہٕ ہکن تٕنۍ نیرِتھ یورکن تواریخ کم ہبن اشارٕ دِوان چھُ یا ییمک تذکرہ کرنے تواریخن مشر ودمُت چھُ۔ تکیازِ یمن دہٕ شونٕۍ شاعرن نش چھُ شعوٗری طور سماجک اکھ زندہٕ خاص حِس تہٕ سماجی

"پیٚٹھ ہے پالیٚس یاوَن مرٛژی" نظمہِ اندر چھُ حفض شیخن یاوَن مرٛژہِ ہندی رُوپ مختلف انمانہٕ پیش کرٕتھ متی۔ اَتی چھیہٕ سۄ کانٛہہ نٲوِتھ پکان تہٕ اَتی چھیہٕ لایق وۄزُلہِ ہٕژی گلناوان، اَتی نایکن (سنگیت کارن) ہُتیٚ رنگن منٛز یوان تہٕ اَتی سادن مہتہ نوان تہٕ اَتی چھیہٕ کرٛیہٕ ہندی کۄڈل نیٚوٹھ نوان.

اَمہِ تلہٕ چھیہٕ یہٕ ژیٚنون تہٕ میلان زِ نسوانی حُسن چھُ بازرن کُن نیرٕنیٚچ اَمہِ لحاظہٕ تنگ دۄ کرٛان زِ ہیرِم طبقہٕ چھُ اوسمُت اَمچہِ بے نقٲبی جان پاٹھی مازان۔ توارٟخ چھُ اَتھ گواہ زِ بادشٲہن ہندین دیوان خانن اندر تہٕ چھِ نژٕنچہِ تہٕ سرٛودچہ محفلہٕ لگان آسمژٕ۔ جشن آسی لگان تہٕ خاصکٔرِتھ وتستایہٕ ہندس جشنس منٛز آسہٕ گیتہٕ رینہٕ یمن خاص مقام تھوان۔ "سلطان زین العابدین اوس یمنن مٲرۍ مُنٛدۍ وۄلرکس زانٛہہ لانکہٕ ہندین تہٕ ڈلہٕ کین سوٚنہٕ تہٕ روٗپہٕ لانکہٕ ہندین پولین پیٹھ جشن لاگان یتھین موقعن پیٹھ اوس مس باگرنہٕ یوان۔ سنگیت کار تہٕ گیتہٕ رینہٕ کور آسہٕ سامعینن یمنہٕ کارکردگی ستی محظوظ کران"[1]

سانہٕ سماجی زندگی اندر چھُ زنانہٕ خاص روتبہٕ تہٕ اہمیت روٗزمژ۔ زنانہٕ ہُند سماجی کِردار چھُ قومی ترقی تہٕ تہذیبی زندگی پیٹھ خاص اثر انداز روزان۔ چونکہِ یمہٕ زِ صدیہٕ چھیہٕ ثقافتی تہٕ سماجی

---

[1] STUDIES IN HISTORY OF KASHMIR. M.L. KAPOOR P. 184

ژوٗدا ہمہ ، پنٛدا ہمہ ، صدی ہنز

# رۄحانیت

مرزا عارف

یہ نکتہ میں نے سیکھا بوالحسن سے
کہ جاں مرتی نہیں مرگِ بدن سے

(اقبالؒ)

روٗح چھُ امر۔ وۄنہِ پٔتہٕ وانٛچی یوت چھیٚ فرق تہٕ چھِ ساری بڈی مذہب اَتھ نتیجس پیٹھ واتٕمٕتی زِ سہٕ انسانی جوہر یُتھ آتما زُدیا روح چھِ وَنان تہٕ یتھ قرآن مجید "اَمرِ ربیّ" خُدائے تعالےٰ سُند فرمان یا حکم وَنان چھُ۔ چھُ ہمیشہ روزن وول۔

خُدائے بندٕ بوٹا ٹھبو چھُ روح اَتھ حدس تام بدٕ نِچوٚ بُندٕ شوٚ نِشہٕ آزاد کوٚرمُت زِ تیٚر تھٕ، دود دگ کانہہ چیز چھُنہٕ یمَن پیٹھ اثرانداز سپدان۔ یِم چھِ خوفہٕ تہٕ غمہٕ نِشہٕ آزاد گرٛھان

زندگی اندر اگرنے َلں دیَدٕ شعوٗری طور تبدیلی اَنٛنہٕ آس مگر تٔمنٛد
استعارٲتی نظام چھُ سماجکُ خاص عکس برونہہ کُن اَنان تہٕ پتھے کُنہٕ
چھُ بعض پٔنٛنہٕ تہٕ اکھ سماجی انقلاب یرٛٹھان اَمی نُکتٔچ اسلٲمی نقطہ
نگاہہ کِنہٕ خاص اہمیت تھَوان چھُ۔

ڈھاڈھ باڈھ سان روزن وول شخص گوو شمس تبریز یہ اکی کتھ دیواہ۔ شمسن دوپ ہنس علم یوت تامتھ یہ پاہ نشہ پان مُشراوُن، بدنہ نشہ رُوح الگ کرُن پریزناوُن تہ تھزراوُن، ییچھاوی، تمہ نشہ چھُ جاہل بے علم آسُن بہتر یتہ حکیم سنائی سُند شعر پور لنس ؎

علم کز تو ترا نہ بستاند

جہل زاں علم بہ بُود بسیار

کھبن جیبن موٹھس، جنگل ژٹنہ، ہفتہ واد اوس وجد و حالسن منز روزان ۔ یہے باتش گیہ للہ یہ۔ برہمن زادی تہ برہمن گرِچ نوش، رسمن تہ رِیواجن منز ہینہ آمژ بے زبان چارو دے ہش۔ ژنی شتے شتھ ہیتھ وژیہ برونیتھ گرِپی گرِچ برہمن بلے گوہ پندی اکی وژنہ مست کے عرفان سپدان تہ ونان ؎

گوہ رن وونم اکے وژن

نیبر دوپتم اندر اژن

سے گوم للہ واکھ تہ وژن

تینے ہیوتم ننگے نژن

نیبریم دُنیا ہیچ زانُن مایا زال مانُن تہ ہیُن اندریم آسُن پریزناوُن یہ چھُ انسانہ سندِ رُوحانی نظریچ یتھ ہمہ اوست یا (ھُوالکل) سے چھُ پریتھ رنگہ جلوہ دیتھ ونان ۔ ایٔیک ابتدا چھُ یان پریتھ مُشکلس منز تراوُن ہیُن اوندپوکھ فضول زانُن ہلو ژٹنہ، ننگے پھیرُن تہ

تہٕ یمنے متعلق چھُ خُدائے سُند ارشاد "اِنَّ اَولیاءَ اللّٰہِ لَاخَوْفٌ عَلَیْھِمْ وَلَاھُمْ یَحْزَنُوْنَ)

پرانہٕ وقتہٕ پیٹھٕ چھُ رُوح ترقی کرناونہٕ باپتھ رُوحانیت رُکس آگُرس یعنے خالقس تام واتہٕ ناونہٕ خاطرٕ یا تَس ستیٖ ملناونہٕ موکھ بُڈٕ بٔڈ طریقہٕ رُودی متیٖ۔ اکھ یہٕ زِ دُنیہَس نِشہٕ دِتھ ژُندہ لاگِتھ گربار ترٲوِتھ پھیرٲری سپدُن یا گوپھہٕ رٹنہٕ تہٕ وُن ژھنڈُنیا گرہستی زندگی رٔٹِتھ ہیٚنی تہٕ رُوحٕچ ترقی پرٲونٕچ کوشش تہٕ کرٕنی۔

نبی ین تہٕ اوتارَن ہنز رُوحانی زندگی چھیٖ مثالی اٲسمٕژ۔ گرٕ بار تہٕ دُنیہچ رنگارنگ کامہٕ تہٕ مَنٛہٕ ہیٚژمٕژ۔ مگر تمی بند یم خاصہٕ خُدا بنٛیہ چھِ دٕہیو دٕلو رُوحانیتہٕ چیٚن بلندین پیٹھٕ واتی متی۔ سیٹھاہ چھُ دُنیا مُشراومٕژ۔ راتس دوہس ست الست رُودی متی۔ مگر صحابہ صحابیو تابعو تہٕ تابعینو چھُ طریقِ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم پرٲوِتھ انتہائی رُوحانی ترقی تہٕ پرٲومٕژ تہٕ دُنیاہس پرٕتھ رنگہٕ پُرٕ ژٕلومٕژ۔

پانژھ اَٹھ شُتھ وری پَتھ کُن اگر اَسی پنٕنی نظر دورناوَو اَسہٕ چھُ لُوان لبنہٕ زِ سیٹھاہ ترٛٲٹھ بجہٕ شخصیژ چھِ کشیرِ منز وُژھ مٕژ یمو عُقبیٰ حاصل کرنہٕ باپتھ یعنے رُوحانی ترقی خاطرٕ دُنیا ترٲوِتھ بدنس سختین لاگِتھ ناو چھُ پادٕ کوٚرمُت۔

مولانا جلال الدین رومیؒ چھِ اکھ جامع اندر بسر فہرستا۔ تمہٕ دُکھ بوڈ عالم تہٕ قاضی القضاۃ یعنے چیف جسٹس۔ نہایت

وول اوس آیہِ شیچھ واتناوہٕ۔ بأے بند بیٚیہِ وأتھ۔ ییٚتہِ تیتھ واتہٕ نوٗ کھ جوٚم۔ گر رضا اوس پانہٕ زِنتہٕ بےٚخبر مژرکس سوٚدرس منز لوٚڈان تہٕ وۄتلان۔ گرٕ اتہٕ وُن موٗنٕ ہٕ۔ ہُہوٗ جنگلس منز ییٚوٚ ٹھ ییٚتہِ خطرناک جانور آسی۔ سہہ، ہاپتھ، سرف، بچھ پرنتھ کانہہ بلاے روزن آس۔ ماجہِ کرٕس جتنہٕ کم کم کیٚتھ پاوِن یاد۔ موٗذی جانورن ہُند ڈر پوٚوٗس مگر رضاہس آس نہ وۄنی رضاے الٰہی ژھانڈنہٕ روٚس بیٚیہِ کانہہ کل۔ اُمس آس قلندرن ہُنٛز ژھنی مرٕ، دِل مُتھ نِیومُت۔ واپس پھیرُن اوس تسندِ خاطرٕ ناممکن بنیومُت۔ ماجہِ ہنزن کتھن میٹھ کرٕن خندہِ تہٕ دوٚپُس موج میأنی فکر تراو خدا یے ہنز خدا ئی چھیہٕ وۄنی میأنی۔ تسنز پیدائش چھیہٕ سأرے مےٚ بیٚتھ مہربان۔ سہہ سرف بیترِ چھی وۄنی میانہِ گرٕکی بأژ۔ گرٕشہ یگاہ شامس بأگی یہ مازرالا ہیتھ۔ موج وأژ ہنٛ بیاکھ نیچو شیخ فیروز دین تہٕ بیٚیہِ کیہنہ اُشناو تہٕ ہمدرد ہیتھ دوٚیمہِ دوہ دُفنس پیٚٹھ۔ مازران تھوٗن رضاہس بروٚنٹھ گنِہ تہٕ بجس بیٚیہِ ترٕ لہِ کرنہٕ۔ اڑ پارٕ کرنہٕ، سوال دِنہٕ ییتی ہیے کانٛس گوو دوٗر سہہا یادٕ۔ متی رضاہن کوٚر سہہس اکھ ستی اِشارٕ۔ وۄنہ ترادان ووت سہہ بروٚنٹھ کُن۔ کلہٕ نوٚم روُن مازران لژن آسُس تہٕ بیٚیہِ کرٕن سلام تہٕ دراو جنگلس کُن ؎

---

؎ بابا جین بوے شیخ فیروزالدین ریٹائیرڈ سپرانٹنڈنٹ جیلخانہ چھہ وۄنہٕ زِندٕے۔ جوٚمہ چھُ روزان یہ سأرے کتھ چھیہٕ مےٚ تمی بأوٕمژٕ (مرزا عارف)

بقولِ سرمد دہلوی پہ زانُن زِ میٖنہٕ کُس راز چھُ وُرنِس تَل تھوٗن لایق زِ بہٕ لاگہٕ پلوٗ۔

سائنس وقتس تام چھِہ یِمو گورٕ یِمو صاحبِ طاقت مرشد موجوٗد۔ پہندِس اَکِس پیٚٹھ وُڑنس اَکِس پیٹھ کَتھِ منز سیٚٹھاہ زور چھُ یِمہٕ لل گرہستی زندگی مُشراوِتھ پلوٗ ژٕرِہ ناوٕ تہٕ للہٕ مُژ بناوِنھُ لکہٕ پامن دوہ لامن لاج تہٕ پنُنین تہٕ پرٚدین ہنزن غیبژن ہنز شکار بنادو۔ مگر یِمی ہندِس مُژرس پموٗ سار دپے چیز دِکھتے اثر گوڑ نہٕ۔ پرٕژ مثال چھیہٕ باباجی یُس ازکل جبکہٕ برُزن ہندِس اَکِس بڈِس باغَس منز اَکِس کُٹیا پہٕ منز بٮ۪نہٕ مجبتکو تہٕ مژرکی دوہ گذاران چھُ۔

باباجی اوس پنژاہ شیٹھ وُری برونہہ علیگڈھ یونیورسٹی منز فلسفہٕ پران۔ ایم، اے فاینلس اوس وۄتمُت۔ دوہ اکہٕ گوو ڈِسبرسرس (DISBURSER) نشہٕ فیس بیترِ دِنہٕ یاپتھ زِ اکھ ژندِ متوتاہ اکھ قلندرا گوو ظاہر۔ باباجی یُس علیگڈھ یونیورسٹی ہنز یُنی فارم لاگِتھ یعنے کرہُن اچکن تنگ پاجامہٕ تہٕ روٗمی ٹوپۍ دِتھ اکھ خوش لوٹ نوجوان یارن بایَن ستی خوش گپ کران اوس۔ یونیورسٹی منز بحیثیت اردوٗ شاعر رضاتخلص زانہٕ اوس یوان یتھے قلندرس نظر گوو تہٕ دوٗنِس "ژٕیکے سون چھکھ ژٕ کیا بنیتہٕ کران"۔ رضاہس گوو قلندر نُندیتے دِنُ بقولِ لل دید" واکھ تہٕ وژُن"۔ وردی تہٕ چِھنُن ژٕ ٹھ تہٕ الف ننگہٕ روٗد۔ اورٕ یور ہیوتُن مژرس منز دورُن تہٕ دوٗن۔ یونیورسٹی منز وُژھ کھلہٕ بلہٕ۔ جوٗم یٖیتیگ پہٕ لڑکہٕ رودُن

یا باجی کتہ لبہ از تتھس مردِ کاملس یُس اُمی ہندِس دزِ ونس توندرس
ژھینہ کرِتھ گُل پھولراوِ۔ یُس اُمس للہ عارفہ ہنز زیٖو اعلان کرِ ناوِ۔

کلمے پوٚرُم کلمے سوٚرُم
کلمے کوٚرُم پننُ پان
کلمے ہنہ ہنہ مولیٖس تووٚرُم
اُدِ لل داتِ ہس لامکان

ژودٲہم تہ پنداہم صدی چھیہ دۄن رۄحانی دریاون ہند
سنگھم آسمژ۔ وحدت الوجوٗدُک تہ وحدت الشہوٗدُک سنگھم،
میلن جاے تہ یمن دۄن دریاون ہند آب چھُ از تام ساینن روحانیکین
ڈدِ ہلدن یڈ برِتھ ترییش چاوان رۄدمُت۔ وقت چھُنہ اجازت
دِوان زیتھ مقالس منز ہیکہ بہٕ اَتھ بیٹھ پوٗر روشنی تراوِتھ۔ یہ چھُ
بجایہ خود اکھ مفصل تحقیقی مقالُک مطالبہ کران۔

اتھی صدی منز چھُ بیاکھ رۄحانی ڈرامہ حضرت شیخ العالمؒ یس
نُندِ ہنز ناوٕ اوس، ہندِس صورتس منز بروٗنٹھ کُن یوان۔ یہ لڑکہ چھُ
کُنوُہ وُہر گرِ بار تراوان۔ شری باٹہ موج باے مشراوِتھ گوہِ اژان۔
اُمس نوجوانس کمی کوٚر یہ انقلاب پادٕ وَنُن چھُ مشکل مگر میون خیال
چھُ یہ چھُ کُمس تام قلندر ہندے کار۔ کُمس تام باکمال ریشی ہندے

ماجہ گوو تسلا تہٕ ووش ترٲوِن دیان تہٕ پشان آپہ گرٕ واپس یِہِس پیٹھ حکم چلاونکہ واقعک ذکر چھُ سعدین تہٕ کورمُت سہ

| | |
|---|---|
| یکے دیدم از عرصۂ رودبار | برون آمدہ بر پلنگے سوار |
| چنان ہول زان حال بر من نشست | کہ ترسیدنم پائے رفتن بہ بست |
| تو ہم گردن از حکم داور مپیچ | کہ گردن نہ پیچد زحکم تو ہیچ |

یِمہ چھِنہٕ ظاہری علمچہٕ کتھہٕ۔ یہ چھُ علمہٕ باطنک کمال یتھ علم لدُن وَنان چھہٕ۔

مگر بابا جیس تہٕ للِ دیدِ منز چھیہٕ ٹاکارٕ اکھ فرق لبنہٕ یوان۔ للِ دید پھیر حضرتِ شاہ ہمدانؒ ہندِ زورٕ عرفانہٕ ستی جلبہٕ۔ سو چھیہٕ ہمہ اوست منز نیران تہٕ "ہمہ از واست" منز اژان، سو ژایہ وحدت الوجودس کرِتھ وحدت الشہودس منز۔ ہتھ منز چھُ "وصل" انتہا تہٕ یتھ منز "عشق" آخری منزل۔ ہتھ منز چھُ پننہٕ پان راوان تہٕ سُے یوت روزان۔ یتھ منز چھُ حبیبس تہٕ معبودس ڈکھرٕ وکھرٕ مقام لبنہٕ یوان مگر بابا جیس چھِنہٕ کانہہ شاہ ہمدانؒ ونیک تام سمکھمُت، لیُس اُمس اَمہٕ محویتکہ سوٗدرٕ لوٗبھ کھالہٕ ہے ہیپھر۔ برِ ہے تہٕ دُنیہس منز بندگی ہند جامہ ناگی ترٲوِ ہے۔ ننگہٕ نرشُن ہسرَن فاش کرُن، بے پردٕ بھاوُن تہٕ ننگ یا کھُٹ ہاوُن مُشراوِ ہے۔

ؔ فلسفہ فقرا از نواب سر احمد حسین نظام جنگ بہادر

چھُ اُمس مُشتھ گومُت۔ مگر دُنیہس ستی تہٕ آسہٕ تیوت رٕتی پاٹھی زٕلتھ زٕ باسان آسہٕ ظاہر چھُنہٕ اُمس خدا یاد پے۔ اَتہٕ نس حضرت خسرو دہلوی زٕ دن شُر کن ہُند ذکر کران۔ دپان چھُ ۔

دادہ ام بر سر کلاہ چار ترک۔
ترک دُنیا، ترک عقبےٰ، ترک مولا، ترکِ ترک

یوت کمال ترک یتھ اُزی چہٕ بولہٕ منز DETACHMENT وَنوان، باوجود اوس دُنیہس ستی تیوت اَوُر زٕ وزیرِ اعظمٕ ہُند رتبہٕ تہٕ پر دوُن، یہ اوُس ATTACHMENT کُ عالم۔

اوُت نس واتتھ چھُ نُندہٕ سنز شیخ العالم شیخ نورالدین نورانی رحٕ سپدان۔ مگر رُوحانیتھ ترٕیش چھُنہٕ ہمان۔ للہ عارفس کُن چھُس لٔنرٕ بوان تہٕ تمنا چھُس بوان کرُن زٕ

نس پدمان پور چہٕ للے
تمہٕ گلے امرت پیوو
گو تہٕ گورس زاٹھا زٕ رو
یتھ مینہ وردتم دوو

للہ دزایہٕ گورس اپور حضرت شاہ ہمدانہٕ ہُند کمال عرفانہٕ کنی۔ شیخ العالمؒ تہٕ سپُد فیضیاب اُمی سرچشمہٕ منز۔ مگر شاید آسہے حضرت شیخ زانان زٕ یُس کمال شاہ ہمدانس رحٕ یعنے ماہس اوس سُہ اوس تس میر محمد ہمدانی رحٕ نیچو ہندی کنی ووتمُت۔ براہِ راست حاصل

پھوکھ، تہٕ کیاژِ پننہٕ چھُ ماجہِ بابا زِ جینی پاٹھۍ وَنان زِ "موج میانی فکرمہ کرسہہ۔ نہٕ ہا پچھہ تہٕ رِنٛج وہندکھ پہ پننۍ انگ، پننۍ بأے بند۔"

ہرگاہ زاہدانہٕ زندگی اختیار کرِتھ ننُدہ سنز (شیخ العالمؒ) دُنیا ترک کرِہے پہ تس ژلِہے نہٕ خوف تہٕ غم ابتدا پہے منزہ عشقچی وتھ، فنا ہکۍ مقام یُس بندس معبودہس کوچھہِ منز آنن تہٕ فانن اندر وٲتناوِتھ محفوٗظ کران چھُ۔ زاہدس چھُ سُہ جومیکُ گوسوانی گژھان یُس کیہنہ وُری برونہہ، یمن دوہن پہ جومہِ ملازِم اوسُس، اوس توُی ہندِس ٹھٕس بیٹھ اکس مندرس منز پوزا کران تہٕ اکس سرِس بٕس اُتھی مندرس منز نظرِ گژھان اوس پرچھ دوہ دوہ کٹور پُرتھ تھوان تہٕ سُہ اوس پہ دوہن جیتھ پننس اُس منز گژھان۔ اکہٕ دوہہ اُس سخت سردی۔ گوسانس لج تیر۔ سُہ ژاو بترس منز۔ اتھ منز اوس اُمی سُند دودِ مجلوٗن سرفُ وتشنیر کران۔ یتھے گوسانس اُس پیٹھ اتھ پیوٚو۔ کُنی کریکھ ژجس پتہِ تھ تہٕ اُتہٕ ہے شہلیوو۔ ننُدہ سنزس تہٕ آس خوش قسمتی۔ اُمس تہٕ پیوٚو رہبر کامل میر محمد ہمدانیؒ سنز شکلہِ منز۔ تمی کوٚر شہوُدس واقف۔ کلمہ تورِنس فکرِ تہٕ گوپھ غار تراوِنووُن تہٕ جیہہ پھیرِتھ زانی روُون زِ فنا گژھنے یوت چھُنہٕ روُحانی کمال۔

بقا لبنُ تہٕ دُنیا خدایہ سُند کارخانہٕ زانِتھ خلق خدایس بکار ینُ چھُ کمالِ روُحانیت، سُہ کمال پراوُن زِ انسان گژھہِ لبہ ینُ خدایس ستۍ میولمت۔ تس منز جذب گومُت تیتھہ زِ باس دیہ زِ دُنیا

پنن پان "وحی" کورُن چھُ سہ عالمانہ تہٕ صوفیانہ بیان ییُس مولانا رومیٖن
نہایت حسین پاٹھی وِپژھنوومُت چھُ۔ مولانا چھُ وَنان زِ "وحی" کیا
گوو دپان چھُ زِ ( دفتر اول مثنوی )

دپان چھُ ظاہری پانژھن عناصرن علاوہ چھِ باطنی پانژھ عناصر

پنج حسے ہست جز این پنج حس
آں چو زرِ سُرخ وایں حسہا چو مس
آئینہ دل چوں شود صافی و پاک
نقش ہا بینی بروں از آب و خاک
پس محل وحی گردد گوشِ جاں
وحی چہ بود گفتن از سرِ نہاں

یِیلہِ للہ دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ "گوش جاں" "محل وحی سپُد" یعنے
روح تیوت پاک تہٕ صاف سپُد تہٕ زِ وُٹھ۔ کن گیہ "وحی" نازل پدھ
بوزنس قابل نمو کُر پوشیدہ رازن ہنز ترجمہ کتھ یمہ بقول غالب
"سرحدِ ادراکہ" نبر چھِیہ آسان کشفس تہٕ کرامژن ہیٛتھ چھِ خندہ
کران۔

زل تھمہ وُن واہ تر ناوُن
دور دواہ لگن ہیر و ژُرِ تھ
کاٹھ وینہ دہ دشر ماوُن
اَنہ سکول کیٹ ژُرِ تھ

کرِتھ للہٕ ہند ہیوٗ بنجاور آسُن اوسُس تمنا !

عقلہٕ تہٕ ظاہری علمکیو پیمانوٚ علم باطنکی ناگ مینٛنۍ چھُ ناممکن۔ مگر یہِ حاژانی چھیٚ سیدہٕ ضروری زِ تِمہٕ کیتھہٕ ہمہٕ نہٕ کتابن منٛز چھیٚ درج آسان تہٕ ہمہٕ نہٕ کُنہٕ یونورسٹی منٛز موٗلیٚر سیدان چھیٚ تِمہٕ کتہٕ چھِ اَنان ہم روٗحانی بزرگ۔ یِمن ظاہری ناخواندن کم علمہٕ سوٚدُر چھِ وَنہٕ گرٛٹھان تہٕ اَتھہِ یوان۔

للہ دیدیا شیخ العالمؒ دوٚنوٚے چھِ ناخواندہٕ۔ کُنہٕ کالجس منٛز کُنہٕ یونیورسٹی منٛز کانہہِ علامس نِشہٕ آبکھ نہٕ بجہٕ بجہٕ بوچہٕ موٚچہٕ کتابہٕ پَرمٕژ۔ مگر للہ دید چھیٚ شومتکی تِم اسرار باوان زِ شومتکۍ اُستاد چھِ دنگ گرٛٹھان۔ شیخ العالمؒ تہٕ اَسی نہٕ پَرِیمتۍ۔ مگر تہٕ ہندس کلامس چھِ کاشُر قرآن وَنان، تہٕ کیازِ تہٕ ہندین شرکین اندر چھُ قرآنکُ رنگ ٹاکاہ پاٹھۍ لبنہٕ یوان۔ تِم چھِ پانہٕ وَنان ؎

مقام محموٗد محمدؐ ڈیوٗٹھم
علم تہٕ حکمت باوٗنم سارے

کلمہٕ زان سیدہٕ کتھ۔ ذکر چہار ضرب سرتھ چھُ شیخ العالمؒ پننہِ آسُن للہ دیدہٕ ہندی پاٹھۍ ظاہر کران۔

| | |
| --- | --- |
| کلمے پوٚرُم کلمے سوٚرُم | کلمے کوٚرُم پننہٕ پان |
| کلمے ہَنہٕ ہَنہٕ صحی کوٚرُم | وحی کوٚرُم پننہٕ پان |

پتھ پیان "وحی" کوٚرُن چھُ سہ عالمانہٕ تہٕ صوٗفیانہٕ بیان یُس مولانا رومین
نِہایت حسین پاٹھۍ وِبرِتھنووِمُت چھُ۔ مولانا چھُ وَنان زِ "وحی" کیا
گوو دپان چھُ:- (دفتر اول مثنوی)

دپان چھ ظاہری پانژو عناصرو علاوٕ چھ باطنی پانژھ عناصر

پنج حسے ہست جُز ایں پنج حس
آں چو زرِ سُرخ وایں حسہا چو مس
آئینہ دل چوں شود صافی و پاک
نقش ہا بینی بروں از آب و خاک
پس محل وحی گردد گوشِ جاں
وحی چہ بود گفتن از سرِ نہاں

بیلہِ للہِ دیدِ تہٕ شیخ العالمسٕ "گوشِ جاں" "محل وحی سپُد" یعنے
رٗوح تیوٚت پاک تہٕ صاف سپُد تہٕ زُوکِ۔ کن گیہِ "وحی" نازل سپدتھ
بوزتس قابل تموکرُ پوٚشیدہ رازن ہنز ترٛجھ کتھ یمہ بقول غالب
"سرِ حدِ ادراک" نبر چھیہٕ آسان کشفس تہٕ کرامژن ہیٛتھ چھِ خندہ
کران۔

زل تھم وُن واہ تر ناوُن
دور دواہ تگن ہیر وژرِ تھ
کاٹھ ویٚنہٕ دٕد شر ماوُن
اَنہٕ سکول کیٛٹ ژرِ تھ

کرِتھ للہٕ ہند ہیوٗ بجاور آسُن اوسُس تمنا!

عقلہٕ تہٕ ظاہری علمکو پیمانوٗ علم باطنکی ناگ مینٛنۍ چھُ ناممکن۔ مگر یہِ حاراَنی چھیہٕ سیدہٕ نۍ ضروٗری زِ تِمہٕ کیتھ پمہٕ پٕ کتابن منز چھیہٕ درج آسان تہٕ پمہٕ پٕ کُنہٕ یوٗنیورسٹی منز مولیر سیدان چھیہٕ تِمہٕ کیتہٕ چھِ انان یم روٗحانی بزرگ۔ یمن ظاہری ناخواندن کَم علمہٕ سوٗدُر چھِ وُنہٕ گرٛزھان تہٕ اَتھِ یوان۔

للہٕ دیدہٕ یا شیخ العالمؒ دوٚنوے چھِ ناخواند۔ کُنہٕ کالجس منز کُنہٕ یوٗنیورسٹی منز کاَنہٕ علامس نِشہٕ آبکھ نہٕ بجہٕ بجہٕ سوٚ چہٕ موٚ چہٕ کتابہٕ پرِمژٕ۔ مگر لل دید چھیہٕ شوٗمتکی تم اسرار باوان زِ شوٗمتکی اُستاد چھِ دنگ گرٛزھان۔ شیخ العالمؒ تہٕ اَسی نہٕ پرِیمتۍ۔ مگر تِہندس کلامس چھِ کاشر قرآن وَنان، تہٕ کیازِ تِہندین شعرٕکین اندر چھُ قرآنُک رنگ ٹاکارہٕ پاٹھۍ لبنہٕ یوان۔ تم چھِ پانہٕ وَنان ؎

مقام محموٗد محمدؐ ڈیوٗٹھم
علم تہٕ حکمت باوُنم سارہٕ

کلمچ زان سیدٕ کھ۔ ذکر چہار ضرب شرتھ چھُ شیخ العالمؒ پنُن آسُن لل دیدِ ہندی پاٹھۍ ظاہر کران۔

کلمے پوٗرُم کلمے سوٗرُم
کلمے کوٗرُم پنُن پان
کلمے ہتہٕ ہنہٕ صحی کوٗرُم
وحی کوٗرُم پنُن پان

گوبہٕ غار پراوٕنی چھُنہٕ انسانس کُنۍ واتہٕ ناوان یوٚت تام مُتہٕ نفس ترقی کرِتھ ناوِتھ اطمینان لبہٕ۔ من یوٚت تام نہٕ صبر تہٕ سکوٗن لبہٕ توٚت تام کرِنس نہٕ ہیم کینہہ مدد۔

لل دید چھےٚ وَنان۔

کنہ بوٗگےٚ تہٕ نزی کنہ بو ونواس
ووچھِل من نارٕ ٹھِتہ تہٕ واس
دِہن راتھ گَنز رِتھ ہن شوٗ اس
یُتھےُ چھکھ تہٕ تِتھے آس

کانہہ ژھینہٕ کرِ بار ترٲوِتھ جنگل رٕٹہٕ۔ یوٚت تام من پھرٲری روزِس صبر تہٕ سکوٗن بنُن چھُس مُشکل۔ راتس دوہس اے پنٕنۍ ژیتھ تھاوِ تیٚلہٕ واتہٕ کمالس اَدٕ گرِ ہہِ تنٕ یاونس منز روزِتھ تہٕ۔ اَتھی نتیجس بیٹھ چھُ شیخ العالمؒ تہٕ واتان۔ دیان چھُ گاڈِ ہندی دوہ درہندی پاٹھی پرِتھ ساعتہٕ بدن تھٕلہٕ چھو کھ کرِتھ خدٲے گارن اگر ممکن آسہٕ ہے۔ تیٚلہٕ آسہن گاڈِ تہٕ دوہ در بیتر تہٕ بزرگ بنان۔

بہرحال مضموٗن چھُ سیٹھاہ کینہہ وَنہٕ بیان کرُن منگان دقیق نزاکت چھےٚ وَنان ژہ دٲہمہٕ تہٕ پنداہمہٕ صدی ہنز روحانیت متعلق اکوے جملہ وَنِتھ بس کرُن نہٕ ژمن دوہ ہن ہنز۔ روحانیت آس وَنہٕ شوٗد تہٕ صاف۔ وَنہٕ آسی وحدت الوجوٗد کی تہٕ وحدت

پکہٕ ہٕنی وُچھ روکنہٕ، ناپرلمبکھ زٕھبوراونی۔ ہواہس پیٹھ پکُن،
ہیچھو گاوٗ دوہ دہ ہیوٚن چھ سارے کشف وکرامژ بکرٕ تہٕ فریبچ چالہٕ۔
بالکل یہے کتھ چھیہٕ حضرت پیر دستگیرؒ ہندی مُرشدٕ کامِلن ہنٛزن
مُریدن باوژ۔ تمہٕ آیس شیٚچھ ہیتھ۔ حضرتس شہرس منز چھُ تیتھ اکھ
بُزرگاہ آمُت یُس ہواہس منز وُڈان چھُ زمینہٕ ہیوٚر کھسِتھ ہواہس
منز پکان چھُ۔ فرمووہکھ یہٕ کُس کمال چھُ مہٕ تہٕ مچھٕ چھنا ہواہس
پیٹھ پکان۔ بیٚیہٕ دوہ دوٚنہس۔ فلانی بزرگ حض چھُ آبہٕ پیٹھ دوان
دوران۔ دوٚپنکھ لاشہٕ، موٚنڈی چھنا آبہٕ پیٹھ پکان۔ بیٚین پرٛژھنے
کھتن پیٹھ فرمونکھ زِ یہٕ گیہٕ شعبدہ بازی۔ مکر تہٕ فریب۔ قرب خُدا
حاصل کرُن چھُ فقرُک مقصد۔

للہ عارف چھیہٕ رسمہٕ رلواجن، یاکھن پوز ہن علمس
تہٕ ریاضژ سارے ہے ایچ تہٕ بے کار زانان۔ عمل کرنی تہٕ ساز گارن
چھُ کرئوٹھ تہٕ یہے چھیہٕ پوٚنس میٹھ بنیتھ واصل بناوان دپان چھیہٕ۔

پرُن سولب پالُن دورلب
سہز گارُن سکھم تہٕ کروٚٹھ

پرُن چھُ سہل۔ مگر عمل کرنی چھیہٕ مشکل تہٕ ذات گارنی تہٕ
حقیقژ ہُند تلاش چھُ کرئوٹھ تہٕ زیوٹھ۔

دہ نوٚے للہ دید تہٕ شیخ العالمؒ چھ کمال روحانیت
حاصل کرتھ اکی سے ہنجس پیٹھ واتان زِ گرٕ بار ترادُن، ون تہٕ

# شیخ العالمؔ سُند

## شاعرانہٕ تھزر

ڈاکٹر حامدی کاشمیری

شیخ العالمؔ سٕنز شخصیژ چھےٚ وسعی، تہہ دار تہٕ پاسل۔ تِم چھِ ژوداہمہٕ صدی ہندی تھدٕ پایکۍ دانشور، صوفی، معلم اخلاق تہٕ شاعر۔ ممکن چھُ تِہنز شخصیژ اَسن بیٚیہٕ پہلوٗ تہٕ چھِ تہٕ، مگر میانی کُنہ چھےٚ یمَن ژودن پہلوون تِہنز شاعرانہٕ شخصیژ رٕنگی خاص اہمیتھ یِم پہلوٗ یعنے تِہنز دانشوری، تصوف، اخلاقیات تہٕ شاعری چھےٚ پانہٕ وانی رٕلتھ تہٕ بیٚون بیٚون آسنک باس تہٕ دِوان۔ تعجُب لایق چھُ یہٕ زِ وُریہٕ واد غارن تہٕ گوپھن منز گذارتھ تہٕ دُنیہک گاشہ تہٕ وُچھنہٕ باوجود چھُ تِمو اَندی پکِچہٕ سماجی، اخلاقی، مذہبی تہٕ سیاسی زندگی ہنز کھہٕ وُسہٕ تہٕ پیچیدگی ہنز دانشورانہ زانکاری حاصِل کرٕمٕژ۔ تِم چھِ یتہٕ وقتہٕ کین مختلف سماجی

الشہود کی فلسفہ نو افلاطونی خیالو تۆ نشہٕ پاک ۔ وُنہٕ آسی دۄہ ہہ وے دُریاو
ژھوہڑ وۄہڑ ورأے زورٕ شورٕ سان پکان ۔ خدائے سُند لبُن تہٕ
اوس ضروری تہٕ خلق خدایس فیض واتہٕ ناوُن تہٕ لول بُرُن تہٕ اوس جٲری ۔
تہٕ یمن دۄہ شونی ہستی تین اوس سُہ روحانیتُک مقام حاصل کٔرُس ایکُ
تنہا مقصد چھُ یعنے بلند ترین آسمانی رہ تہٕ پرأوِتھ خاکی آسُن تہٕ
زمینی زندگیہ منز پوٗرٕ پوٗرٕ دِیتُ دیُن ۔

اظہارس کراماتھ بناونس منز مدد کران، یتہٕ چھیٚہ میانی کنہٕ کراماتھے زِ تتھ دورس منز تھدٕ پایچ شارونہٕ، یٚیلہٕ شاعرن برونٹھ کنہٕ کانہہ پرانہٕ وینز مایہ دار تہٕ باگہٕ بُرُژ شاعرانہ رِوایتھ آسہٕ، سوایہٕ للہٕ واکھو، یم تھند وقنہٕ برونٹھ یہن وجودس آسہٕ آمتہٕ تہٕ یٚیہ یٚیلہٕ دون تھذیبن مُیل گژھہٕ ستہٕ اکھ نوٚ صورتھ پرٛاوٕنی سماجی تہٕ لسانی وحدت آسہ تھنہٕ بیوان رینچن شاہن اوس اسلام قبوٗل کٔرتھ کشیرِ ہُند حاکم بنیومُت۔ امیرِ کبیر میر سید علی ہمدانیؒ تہٕ بلبل شاہن اوس اسلام لوکن تام واتہٕ ناونہٕ خاطرٕ مناسب ماحول بنوومُت۔ یتہٕ اوس اکھ نوٚو دور تہٕ اَتھ ستہٕ مفاہمت کرٕنی یا اَمِچ وَژھ واجہٕ ترجمانی کرٕنی اوس نہٕ سہل۔ شیخ العالمؒ دیُت اَتھ دورس سینہٕ تہٕ اَمِچ کھبہٕ وَس وتہٕ راونن امہٕ دورِچہٕ تھذیبی بلہٕ ژارکُ اثر بیوٚو زبانی بیٹھ تہٕ تہٕ شیخ العالمس بیوٚو اکھ نوٚ شاعرانہ لسانیاتھ بدرٕ کرتھ نکہٕ ملکُ سامنا کرُن۔ تمو کوٚر کامیابی سان یہ مسلہٕ حل، تمو کٔر زبان تخلیقی اظہارس قابل۔

کمال چھُ یہ زِ تمو کرٕ یم دۄ شُوے چلینج قبول تہٕ قابلِ شناخت شاعرانہ رِوایژ ہنٛز غار موجودگی منز تکہٕ تم للہٕ دیدِ ہنز وَتہٕ پتہٕ پنٕنہِ منزل پرٛاونس منز گے کامیاب:

تس پدمان پورِچہٕ للے
تمہٕ گلے امرتہٕ چوو

حالاتن ہُند مُشاہدہ کران تہٕ نام نہاد عاٗلمن، مذہب دارن تہٕ دُنیا دارن ٹُسہٕ کران تہٕ تِہند ادل وانگُن نوٚن کڈان تہٕ یِتی دُنیاہس کُن تھر پھرتھ تہٕ اُچھ وٚٹِتھ اَتہٕ گِنٛدس منٛز اَندریم گاش گاران۔ یِتھے کُنہٕ چھِہ تِم پیٚترِ تہٕ پرٛتھ سان لوکن اخلاقیاتچ تعلیم دِوان تہٕ واعظِ کشمیر لقب پراوان تہٕ یِتی خاٗلص شاعرانہٕ تجربن، یِم جمالیاتی عملہٕ ہُند نتیجہٕ چھِہ، زلہٕ دِوان۔ یِہ عمل چھیہٕ تِہند زٕ و بنان، اَتھ رٲچھ کرٕنہٕ تہٕ بِیہٕ بارسس اَنٛنہٕ اَمس پٔتہٕ سہل، میہٕ چھُ بتِنس زُوس گنٛدُن، واو ہالہٕ منٛز ژونگ زالُن، یُنخ العالمن چھُہ ژونگ زولمُت تہٕ اتھ تیلہٕ کُنہٕ علم تہٕ دین زولمُت۔

یُتھ واو ہالے ژونگ کُس زالے
تیلہٕ کُنہٕ زولُس علم تہٕ دین

تِہندی یِم متضاد زٕ وی چھیہٕ تِہنز شاعرانہٕ شخصیژ ہِندس دوتلنس منٛز کانٛہہ ٹھوس یا ٹھوٚر اَنان، بلکہٕ چھُ اَتھ سَنیراد ریر، برٛزر تہٕ وُسعت عطا کران۔ یتہٕ چھُ پوٚز زِ تِہنزِ شاعری منٛز یِمن شژکِین تِہنز دانشوری، تصوف یا اخلاقیات، تِہنز شاعرانہٕ شخصیژ ہُند اژھِن جِہہٕ بنٕنہٕ وٲرٕے تِہنز زباٗنی بیٚٹھ لوان چھیہٕ تِم چھِہ غاٗر شاعرانہٕ کاٗم کران، مگر یِمن موقعن پیٹھ یِم تِہنہٕ وجوٗدکی لاٗزمی جُز چھِہ بنان یِم چھِہ تِمہٕ ہِندس شاعرانہٕ

شاعرن عام پاٹھی تہٕ صوفی شاعرن خاص پاٹھی مرغوب خاطر روٗدمُت۔ کاشرِس منز چھُ لل دیدیہِ تہٕ "نیٚبر پیٚٹھ اندر اژنُک" للہٕ ہُند زوٗ یہ حاوی روٗدمُت، یہ زوٗ چھُ صوفی شاعرن مثلن شمس فقیر، احمد بٹہٕ وارِ صمد میر تہٕ احد زرگرس منز خاص پاٹھی نوٗن، شیخ العالمؒ صوفیانہ زندگی منز غار نشینی ہُند طریقہٕ چھُ تہنز شاعری منز دروٗن ہینی ستہٕ واتھ کھوان چناچہ تمن ہندین شعرن منز چھیہٕ "پردیشہٕ" بجایہ "پننہ دیشہٕ" زان پرتھان

نخقہٕ ژھونڈُم میہٕ پردیشے
پننے دیشے میہٕ یار آو

شیخ العالمؒ شعرُک چھُ تمُسند پننہ دیش یعنے اندرِمہ دُنیاہُک کینہہ ژہہ تہٕ وِہہ دِہ تلاوان تہٕ نادیدہ اسرارن ہُند پے دِوان تہٕ پرن والی چھُ یمن اسرارن منز راوان تہٕ کیاہ تام لبان تہٕ یوٗہے راوُن تہٕ لبُن چھُ تُہندِ زِچھِہ شاعری ہُند مقصد تہٕ مُدعا آسان تہٕ شیخ العالمؒ چھُ پوٗرِ پاٹھی یہ مقصد پراوان۔

فرض پھول تہٕ راتھ گیہٕ آدا
اَتہٕ کہو روٗدک راداہ دِتھ

ژالُن چھُے وزلہٕ تہٕ ترٛلوٗ
ژالُن چھُے مندنین گہڑ کار

پتھے کٔنی کرٕ تمو اکھ سو شاعرانہٕ زبان وضع، یوس مقامی روزمرٕچہ زبانی ستۍ سنسکرت تہٕ عربی فارسی پٔکۍ لفظو ستۍ تشکیل پذیر سپنٕز، چناچہ سنسکرت لفظو مثلاً اہنکار (غرور)، کاے (جسم)، لوب (لالچ) رل (آب تہٕ آدیتہ (آفتاب) ستۍ چھہ تمو ذات، صفات، لامکان، ابلیس، تسبیح، نفس، آخرت، رسول تہٕ افضل ہوی لفظ تہٕ ورتاوس اَنٛمتۍ تہٕ یہ کتھ چھیہٕ ونس لایق زِ شیخ العالمؒ چھیہٕ کاشر زبان لسانی اعتبارٕ طاقتور، برٛز تہٕ لوٚبہٕ وٕنی بناومٕژ۔

سوال چھُ یہ زِ شیخ العالمؒ کٔر پننہٕ شخصیژ ہنز وسعت تہٕ زبانی ہند لوٚ انمانہٕ ستۍ پنٕنۍ شاعرانہٕ مقصد حاصل؟ شیخ العالمؒ چھُ پرٛزی پاٹھۍ کاشرِ زبانی منز اکھ تھوٚد مقام پرودمُت۔ یہ چھُ پوٚز زِ تہندی واریاہ شُرکی چھہ ناصحانہٕ اندازٕکۍ۔ مگر تمو چھہ تتھی شارتہٕ وُنۍمتۍ یم تعدادٕ موجوب محدود آسنہٕ باوجود کیفیژٕ رنگۍ سیٹھاہ قیمتی چھہ، ییتھی شار چھہ تخلیقکُ حق ادا کران، یہ شار موکھ چھیہٕ شیخ العالمنہٕ ہنز شاعرانہٕ حثیژ تہٕ بصیرژکۍ ناکارٕ ثبوت پیش کران۔

ژدن یا ژورو کھوتہٕ زیادٕ مصرن پیٹھ مشتمل شُرکی یمن نظم پارٕ تہٕ ہیکو وُنتھ چھہ صنفہٕ نظمہٕ چہ خارجیت، تفصیل تہٕ وضاحتہٕ بجایہ غزلچہ داخلیتھ، اجمال تہٕ ایمائیتس لارِ تہٕ دروٗن ہنی ہند غالب روحجانکۍ مظہر تہٕ یہ وَنُن چھُنہٕ غلط زِ یم شُرکی چھہ کاشرِس منز داخلی شاعری ہندی موٚلی نموٗنہٕ، دروٗن بینی ہند رُودیہ چھُ

شاعرن عام پاٹھی تہٕ صوفی شاعرن خاص پاٹھی مرغوب خاطر روٗد مُت۔ کاشرس منز چھُ لل دیدیتہٕ تہٕ "نیبر پیٹھ اندر اژنُک" للہ ہُند رُوی یہ حاوی روٗدمُت، یہ رُوی چھ صوفی شاعرن مثلن شمس فقیر، احمد بٹہٕ وارِ صمد میر تہٕ احد زرگرس منز خاص پاٹھی نون، شیخ العالمنؒ صوفیانہٕ زندگی منز غار نشینی ہُند طریقہٕ چھُ تہنز شاعری منز دروٗن ہینی ستی واتھ کھوان چناچہ تمن ہندین شُرکین منز چھیہ "پردیشہٕ" بجایہٕ "پنٕنی دیشچ" زان پرتھان۔

نخقہٕ ژھونڈم میہٕ پردیشے
پننے دیشے میہٕ یار آو

شیخ العالمنؒ شُرکی چھہٕ تمیٕ بند پنٕنہٕ دیشکی یعنے اندرِمہٕ دُنیاہکی کینہ زہہ تہٕ وہ دوتلاوان تہٕ نادیدہٕ اسرارن ہُند پیٚ دِوان تہٕ پرن والی چھُ تمن اسرارن منز راوان تہٕ کیاہ تام لبان تہٕ یوٚہے راون تہٕ لبُن چھُ تُھندِ رچھر۔ شاعری ہُند مقصد تہٕ مُدعا آسان تہٕ شیخ العالمؒ چھہٕ پوٚرِ پاٹھی یہ مقصد پراوان۔

فرض بیھوٗل تہٕ راتھ گیہٕ آدا
اُتہٕ کھو روٗدُک رادا دِتھ

ژالُن چھُے وزلہٕ تہٕ ترٗلو
ژالُن چھُے مندین گٕرڈ کار

پیٚتھے کنہٕ کرٕ تِمَو اکھ سۄ شاعرانہٕ زبان وضع، یوٚسہٕ مقامی روزمرچہٕ زبانہِ ستۍ سنسکرت تہٕ عربی فارسی ہِکہِ لفظو ستۍ تشکیل پذیر سپٕز، چناچہٕ سنسکرت لفظو مثلاً اہنکار (غرور)، کاے (جسم)، لوب (لالچ) رل (آب تہٕ آدیتہ (آفتاب) ستۍ چھہٕ تِمَو ذات، صفات، لامکان، ابلیس، تسبیح، نفس، آخرت، رسول تہٕ افضل ہوۍ لفظ تہٕ ورتاوِس اٴنِمتۍ تہٕ یہِ کتھ چھیہٕ وَنُس لایق زِ شیخ العالمؒ چھیہٕ کاشُر زبان لسانی اعتبارٕ طاقتور، بُرزٕ تہٕ لوٚبہٕ دِتۍ بناوِمٕژ۔

سوال چھُ یہِ زِ شیخ العالمؒ کُرٕ پنٕنہِ شخصیژ ہنٛز وسعتٕ تہٕ زبانۍ ہند لوٗ انٛمانہٕ ستۍ پننہِ شاعرانہٕ مقصد حاصل؟ شیخ العالمؒ چھُ پٕزی پاٹھۍ کاشُر زبانۍ منٛز اکھ تھوٚد مقام پرودمُت۔ یہِ چھُ پوٗز زِ تہندۍ واریاہ شُرکۍ چھہٕ ناصحانہٕ اندازٕکۍ۔ مگر تِمَو چھہٕ تِتھۍ شارٕ تہٕ وَنِمتۍ یِم تعدادٕ موجوب محدوٗد آسنہٕ باوجوٗد کیفیژ رنٛگۍ سیٹھاہ قیمتی چھہٕ، یِتھۍ شار چھہٕ تخلیقُک حق ادا کران، یہِ شارٕ موٚکھ چھیہٕ شیخ العالمہٕ سنٛز شاعرانہٕ حٔیثیژ تہٕ بصیرتٕکۍ ٹاکارٕ ثبوت پیش کران۔

ژٕدن یا ژٕدرٕ کھوتہٕ زیادٕ مصرن پیٹھ مشتمل شُرکۍ یِمن نظم پارٕ تہٕ ہیکو وَنِتھ چھہٕ صنفہِ نظمٕچہِ خارجیت، تفصیل تہٕ وضاحتہِ بجایہِ غزلچہِ داخلیتھ، اجمال تہٕ ایمائیتس لارۍ تہٕ دروٗن ہٕنی ہند غالب روحجانٕکۍ مظہر تہٕ یہِ وَنُن چھُنہٕ غلط زِ یِم شُرکۍ چھہٕ کاشرِس منٛز داخلی شاعری ہندۍ موٗلی نموٗنہٕ، دروٗن بینی ہند رُودیہٕ چھُ

وِدِ کوٚتہٕ رۄدس ژوٚنہٕ وٕنی پھارٕن
دٕلو ییکھ ہنٛم ہستارن ستیٚ

اُڈٕ چَن سیٖنی انجر ہنجرو
ژٕتس پادے اَوٕلم راتھ

صاحب دوہ اکہٕ دوراہ کرے
یِتھ سمارس کَرِ تُرٕ پار

ڈُنٛہکس تِتس مُتس نارس
ڈٕلشتھ انارس کرُم گگَھ
شیطانٔ تُشٕ لاجم پیٚشرٕ بارس
راوٕم تارس ژۆرس وَتھ

دۄیم چھُ تِم علامتی تشبیہہ کأری کأم ہیٚوان، باسان چھُ زِ تِم چھےٚ زانِتھ مأنِتھ یا صنعت کأری ستیٚ پننٕ خیالات علامتن تہٕ تشبیہن منٛز وَرتاوان۔ اَتھ برعکس چھُ تِم تخلیقی کیفیژ منٛز پننِس شاعرانہٕ دورکس ژھایہِ فضہس منٛز علامتی تشبیہہ دریافت کران تہٕ اِشارٕ پأٹھی پننہٕ کتھ باوان ۔

ژمس تلہ کنہ ہیٚشرمس زاگے
اُشِس تہ گمُس دِرٛم ژھانٹو

کانن تھندِ ین داری زِہ سپیر
کرتجہ چھوکنہ پھری زِیس پہ روۓ

تِم چھِ یہ مقصد دوٚیوٚ ذرِیوٚ پرٛاوان ۔ اول چھُ اَتھ تھند لہجہ اَتھ رذٹ کران ۔ بُڈ شاعر چھِ پنٛنہ ذاتھ پرنہ ناوِ پھِرنہ انفرادی لہجہ شناخت کران تہ یوٚہے چھُ آسان تمن تھرِ رس واتنکہ کریوٚکھ مرحلہ ۔ لہجک آہنگ موٗسیقیت ، میچھر تہ زیر و بم چھِنہ صرف شاعرہنز انفرادیتھ ثٕہ کڈان ، بلکہ چھُ یہ شاعرانہ تجربچ کیٚن جہات منور کران ۔ میر ، غالب تہ اقبال چھِ بیوٚن بیوٚن لہجن ہندی شاعر ، یتھے کٕنہ چھِ شیخ العالمؒ ، رسوٗل میر تہ حبہ خوتونہ ہند لہجہ الگ الگ ۔ شیخ العالمنؒ لہجہ چھُ اکس خدارسیدہ ، تجربہ کار تہ دانا تہ بینا ریشہ سند ماتھر دار لہجہ ، یہ لہجہ چھُ لفظہ کفایژ ستی مشکل گژھان تہ بوزن والین وانجہ سنان ۔ لطفن ہنز موٗسیقانہ ترتیب چھیہ تھندس لہجس گوہر ، تاثیر تہ دل نشینی عطا کران ۔

آدن پھیوٗرس ڈور بن تہ ڈارن
سارِ وانس گیم غارن ستی

دَمی ڈیُوٹھُم شبنمَ ہیوان
دَمی ڈیُوٹھُم ہیوان سوُر
دَمی ڈیُوٹھُم گُرِٹہ پچھ ہیوان
دَمی ڈیُوٹھُم پھولہِ ڈُن نوُر

ژالُن پرِ تس کرِنہ الوٹ
ژالُن منز اتھس ہیوٗن نار
آبے یوت بہ گرشہِ کوتو
زونم خُہ منز ما دُووُت پیٖٹھے

ہَہَہ اکہِ سنگر تارزِن وزن
گمبند وزن ، وُنٛ وُنٛ کَتھ
سوزؔن' اشارٕ ستیٖن بوزن
کوزن بوزن ڈٕم ڈٕمہٕ گَتھ

یہ چھُ اَکِس ڈونگہ سُند طریقہٕ، یُس سۄدرس منز غوطہٕ دِتھ موچھِ منز لال چھُ کھالان تہٕ فضا چھُ گاشہٕ راوانہٕ یوان۔ شیخ العالمینٛ پیٹھٕ بن شاعرن چھیٚہ لالہٕ نِہ ہنٛز نیہ ناوۓ تکمیلیت تہٕ حسن و شباہتھ، یس نہ شاعری چھنہٕ شاعر سُند بس پرٕھنس، گرتس تہٕ تگن گری لار روزان، بلکہ چھیٚہ شاعرس تہٕ پتھ کُن ترادِتھ پننہٕ آیہ تہٕ مرضی پننٕ وجودٕ نٛزراوان

مانہ بودیم بریں مرتبہ راضی غالب
شعر خود خواہش آں کرد کہ گردد فن ما

غالبؔ

علامتی تشبیہہ کاری ہندی کینہہ نمونہٕ وُچھو۔

ذکرے حق پر، زلو دِتھ تالس
رازٕ ہونز یی زالس کُن

کرشن آسۍ تن یا رام چندر، اپرانگ زرتشت آسۍ تن یا چینک لاوزی،
ابراہیمؑ خلیل اللہ آسۍ تن یا حضرت موسیٰؑ، حضرت عیسیٰؑ آسۍ تن یا حضرت
محمد صلی اللہ علیہ وسلم۔ یِمو سارِوے چھُ اِنسانیتہٕ کِس آسمانس
پیٹھ ہمیشہ پریرٕ لوٚنِس تارکن تہٕ آفتابن ہنز حیثیت پراوِمژ، یِوٚہے
رہنمائی ہُند فرض انجام دِتھ۔ یِمن سارنے چھُ اوٚے عام انسانو کھوتہٕ
داریاہ تھوٚد مول، تُل تہٕ مقام حاصل سپدمت۔ اگرزن یِمو اندرٕ
اکس بیٚیس پیٹھ درجاتن ہنز فضیلت تہٕ چھیہ مگر تِمہٕ باوجود چھیہ
یِہنز اِنسانی غمخواری تہٕ ابدی حقیقتس سیتۍ واٹھ آسنٕچ حیثیت گٔنی۔
قرآن شریف چھُ موٚمنن ہندۍ اوصاف بیان کران ز ماورن:۔
لَانُفَرِّقُ بَیْنَ اَحَدٍ مِّنْ رُّسُلِہٖ یعنی زِ "تِم چھِنہٕ خدائے
ہندِ بن سوٚزمتین (رسولن) درمیان کانہہ فرق ورتاوان"
پریتھ وزِ چھیہ انسانہٕ ہندِس پاد کرن وٲلِس یہ فکر روزمٕژ
زِ یہ سارِوے پادٲیشو کھوتہٕ تھزِ پادٲیشہٕ ہُند نالکھ انسان
گوژھِ کُنہِ صوٗرتہٕ پننیو مولبو تہٕ مخصوص اوصافو نِشہٕ اَتھ
چھلتھ دُرِندن ہنز خصلت پراوُنس واتُن۔ اَتھ کارس
اَند بوٚرِ دِنہٕ موکھہِ ییتہٕ روٗحانی اصلاح کرنہٕ باپتھ تِتھۍ روٗحانی
انسان پادٕ گژھان روٗدۍ تہٕ روٗدۍ پننِس پننِس دٲیرس اندر
معاشی، سماجی تہٕ اقتصادی مسلہٕ حل کرنہٕ موکھہٕ کُنہِ وقتہٕ تِتھۍ
انسان تہٕ پادٕ گژھان یِموٚ رِتھ میلِتھ انسانیژ مہرِنۍ پاراوِنس

# شیخ العالمؒ تہٕ مُسلمان

سوٗرے عالمِ انسانیت چھُ ہمیشہٕ پیٹھہٕ کینٛژن مخصوٗص تہٕ بےمثال اوصاف تھاوَن والین انسانن ہُند احسان مند روزان آمُت تہٕ تہٕ روزِ تہٕ۔ یِمو عام انسانن قُدرتچہٕ ذمہٕ دارانہٕ مہربٲنی ہند برکتہٕ ذَمہٕ ذَمہٕ لولہٕ تہٕ مایہٕ سان رہنمٲیی ہندی میٹھی موٗدری تہٕ وَلیوٗنی جام گنٛجارٕ سان بٔری بٔری مُہیا تھاوی۔ یِموٗ یِتھ سہٕ پَنٕنیو ازلہٕ پیٹھہٕ کیو باگہٕ آمتیو فرضوٗ تہٕ ذِمہٕ وٲریو نِشہٕ دوٗر گژھان تہٕ قُدرتچہٕ شفقتہٕ بوٗرٕ تہٕ پوشہٕ کو چھِ نہٕ للوتھ رٕچھنہٕ آو تہٕ سہٕ روٗد اِنسانیتہٕ کِس موختہٕ جرِس دامنَس منز پھبان، پھانچھ جارٕ لُبان تہٕ کاڈ کڑان تہٕ اَتی روٗد اِنسانیتہٕ کیٚن خوٗنخارٕ تہٕ وَتھ راوٕ راوَن والین دُشمنَن ہندِ شرٕ نِشہٕ محفوٗظ۔ ہندوستانکُ

صاٗبن کرٕنہٕ رہبانٕیت اختیار نہٕ آس تہنز۔ وَتھ زندگی ہِتی فرار چھ، بلکہ اوس سُہ پانٕس اندر اکھ شدید کٔشِش ہیٚتہٕ تاثیر پٔرٛھان پنٕنہِ عملہٕ ستی پاد کرُن سماجس چھلنہٕ تہٕ پاک کرنہٕ باپتھ یُتھ زَن تٔمِس تجویز کورمُت نیکی پراوُنہٕ چہِ تعلیمہِ ہُند نوسخہٕ کارگر تہٕ دٲیمی روزِ ہے۔ شخص شیخن کوٗر کٲشرِن لُکن ہندِس نفسس بیٹھ اکھ گہٕرٕ وَتھ رلوٲیتی عقیدن تہٕ نوٚوِن اسلٲمی اصوٗلن تہٕ فٲیدن ہُند پنٕنہِ عملہِ منز اَنتھ اکھ شوٗد تہٕ صاف، میوٕٹھ تہٕ موثر تہٕ جلد تاثیر کرن وول مے تیار یُس چوان چوان کٲلنہٕ تہٕ گوٚب یا وۄپر باسہِ نہٕ۔ شیخ العالمؒ ہٕنز حیثیت بنیٚ پہٕ پٔرٕ کٔشِش تہٕ زیادٕ وزن دار تہٕ قدر پایہٕ۔ تٔمۍ کوٗر سماجس منز رُوحٲنی بیمارِن لر لوٗر عام سمٲجی بیمارِن ہُند تہٕ اکھ تریاق بناوِتھ علاج پیش۔ تس اوس رلیشٕت وراثتس منز لوٗرمُت تہٕ اسلام آو تس تمہِ علاوٕ باگہِ سُہ بنیوو یمن دوٚنوٕنی سلسلن ہُند اکھ ممتاز حیثیت تھاوَن واجنہٕ شخصیژ ہُند مالک۔ اگرچہ زَن تٔمۍ اسلام قبوٗل کٔرِتھ تہٕ پراوِتھ سُہ پانٕس اندر جذب کوٚر، مگر یٔژ سلسلُک پٔرٕ ہِژر تہٕ یٔژ کالہٕ بیٹھ ورناوس منز آمتی تجربہٕ عمل تہٕ آیہٕ نہٕ تہندی ذٕسی بلکہٕ نزاوی تھے ژھنہٕ، بلکہ زون تٔمۍ یِمہٕ سلسلن لل دید ہِش اوتار پاد کرٕ سُہ ہیٚکہٕ نہٕ اسلامہٕ کیو بنیٲدی تہٕ عالمی پیمانہٕ کیو قبولیت پراوَن والیو اصوٗلو نشہٕ ژھینہٕ گرِژھن آسِتھ۔ تٔمۍ کوٚر ظاہری طور عام مسلمانن ہٕنز سطحی رأے تہٕ خیال اَدٕ کپور تھاوِتھ اسلامُک تمام مذہبن ہُند

منز ییٚن باگہِ بوٚرُت حِصہٕ پیش کوٚر ۔ بہرحال مُختلف حیثیتَن منز
آے مُختلف اِنسان ازتام ہِمو رنگہٕ رنگہٕ یِہ اِنسان ترقی ہندِس تھدِ تھدِس
مقامَس پیٹھ واتناونہٕ موکھہٕ پننہٕ زندگی قُربان کرٚ ۔ یِہ موٚجوٗدٕ عالمِ انسانیت
چھُ اَوے واریاہ رنگہٕ ازچ یِہ ترقی یافتہٕ صوٗرتھ ہیتھ حسین تہٕ دِلکش
پأراو کرِتھ سانِہ اَچھَن تَل گرایہ ماران ۔ اَتھ لرِ لوٚر اگر زَن شیطأنی
عمل تہٕ چلوُن روٗد مگر یِہ روٗد ہمیشہ کامیأبی لبان تہٕ پتہٕ گرٛہان تہٕ
روٗحأنی تہٕ نوٗرأنی قووتَن ۔ بروٚنٹھ کنہِ پایمال سپدان تہٕ انسانیتہٕ کین غمخوارن
بروٚنٹھ کنہِ ہارِتھ تہٕ شِکس کھیتھ ژلان ۔

شیخ العالمؒ تہٕ چھُ اِنسانیتہٕ کیو غمخوارو، دأدی لدو تہٕ شفیقو، اَندر اکھ
یِمو پننہٕ اصلیت تہٕ بُلند مرتبہٕ اَوے تسلیم کرنوو تہٕ پرٛزناونوو ییلہِ سُہ
وُنہِ لوچرس اَندرے اوس ۔ بایَن ستی ژوٚرِ گرٛہان گرٛہانے دیُت
تسندی اَندرِم پوٚشیدہ تہٕ کأمِل برگزیدہ گی تھاوَن وأل ضمیرن تس
حِس تہٕ ژیوون ییلِہ تمہِ ہوٚنیَن ہند وُنگُن تہٕ اَتھ کاربدس خلاف
احتجاج آواز گنزرأو ۔ تس اَس زمین پیدن تھپھ کران تہٕ آسمان لچھہ ہند
چشمو وُچھتھ گواہ روزان یوز نہٕ یوان ییمہِ کِنہِ تہندِس دامنَس پیٹھ یِہ
داغ لگُن مُمکِنے بنیوو نہٕ ۔ حض شیخؒ چھ سُہ وجوٗد ییمہِ پننِس اوٚندکھس
منز لچھہ ہدی سماجی تہٕ غارِ انسأنی مرضَن پرٛزناوی تہٕ تمن ہند علاج
ژھانڈنہٕ باپتھ ترووُن پننہٕ پان ریاضتہٕ چہ کوندِ منزہ تہٕ پوٚختہٕ بنِتھ
دراو عالمِ انسانیتہٕ کِس وَدہٕ ہأوکی ہندِس صوٗرتس منز نوٚن ۔ شیخؒ

کرِ تس پرٕ بیٚیہ اکھ لۆڑ سُہ شروٗک پرٕن یتھ منز تمہِ لل دید اکھ اوتار ماٗنِمٕژ چھیہٕ ۔

حقیقی تہٕ قابلِ قدر مُسلمانہٕ ہندی تعریف کران چھُ شیخ العالمؒ شیٚن بندن ہنز اکھ نظم لیکھان ۔ یم بند چھِ مختلف تعدادکہِ مصرعہٕ تھاوٕن والیٚن شروٗکیٚن ہندی پاٹھی اکس مخصوص مزاجس منز بیان کرنہٕ آمتۍ تہٕ یہ چھیہٕ اکھ نظم تیار گامٕژ تہٕ عنوان چھُس کرنہٕ آمُت

"سُہ ہے ڈیٚڈزٕ تہٕ مُسلمان"

نظم چھےٚ یِتھ کٕنۍ

انگ یُس خوشبوے موکھ زن وُدے
نِشہ وُدیٚن بُڈ گِتھ ہیتھ آس مان
سوستے کرٕ یہ تہٕ رٕوٚستے کروٚدے
سُے ہے ڈیٚڈزے مُسلمان

ڈیٚھچِہ کامہِ کرٕ وُڈاٗلی
آبس تنزِ ہرچ سکل کامان
ژیتھ کسرِ لو مٕدی والے
ژالہِ گوٚب وژٕن تہٕ او مان
یہ پرس یرٕنہٕ تہٕ پانٕس پالی
سُے ہے ڈیٚڈزے مسلمان

پرٛنت نظر تلٛ تھاوِتھ یہِ دُعاز :-

" تمہٕ پدمان پورچہٕ للے
تمہٕ گلے امرِتہٕ چیو
سو سانٛی اوتار لولے
تتھی میہٕ ور دِتم دِیو"

حضرت شیخنٕ ہِو وُلکہ بوٚنہٕ چہٕ کجہٕ ہُند مقام تہٕ تہٕ یوٚژھن ؎

وُلکہ بوٚنجہٕ کجی
اَکجی کوٚرن سِیو
ہِتی جاناوارن ژجی
تتھی میہٕ وَر دِتم دِیو

یم چیز نظر تلٛ تھاوِتھ چھُ وُچھُن وونی زِ شیخ العالمؒ ہندِس مسلمانَس کم اوصاف گژھن آسٕنۍ۔ اتھ چھیہٕ عام تہٕ ظاہری کھوٹ اوٚکطرف روزان، کلمہٕ پرٛن تہٕ نماز پرٛنۍ اگرچہٕ تِہندِس مسلمانہٕ ہندیو اوصافو منز چھیہٕ روزان مگر تِمنز ........ نظر چھیہٕ حقیقی روحانی پاکیزگی، انسانن ہِتی بلا تعلق ہمدردی، ماے، محبت ورتاونس، تِمن ہنز دگ دود آسنس، خلوص تہٕ صاف نیت آسنس، منہٕ کِس شوٗذرس تہٕ صفائی پیٹھ ہیوان۔ اَتھ اندر اگر کانہہ شک محسوس

کرٕتس پرٕز بێیہِ اکِ لێٹِسہٕ شروٗک پرٕن یتھ منز تمہٕ لل دید اکھ اونار
مانٛزٕ ہرٕ چھیہٕ۔

حقیقی تہٕ قابلِ قدر مسلمانہٕ ہندی تعریف کران چھُ شیخ العالمؒ
شێن بندن ہنز اکھ نظم لیکھان۔ یم بند چھہ مختلف تعدادکہِ مصرٕ کھاوَن
والین شروٗکین ہندی پاٹھۍ اَکِس مخصوٗص مرٕازس منز بیان کرنہٕ آمتہٕ
یہٕ چھیہٕ اکھ نظم تیار گامٕژ تہٕ عنوان چھُس کرنہٕ آمُت
"سُے ہے ڈٕیزٕ تہٕ مُسلمان"

نظم چھہٕ یتھٕ کٔنۍ۔

انگہٕ یٚس خوشبوے موکھ زن وُدے
لَشہٕ وُدین ہُڈ گتھ ہتھ آسن مان
سو ستے کرٕیہٕ تہٕ رٕوستے کرودے
سُے ہے ڈٕیزٕ ے مُسلمان

ڈٕچھٕ کامہٕ کرٕ وُڈ آلی
آسِس ترزہٕ چ سکل کامان
ژیتھ کسرٕ لو مدی والے
ژالہِ گوٚب ورٕژن تہٕ او مان
یہٕ پرس پرٕزنہٕ تہٕ پانس پالی ۱
سُے ہے ڈٕیزٕ ے مسلمان

پرٕنٛت نظر تل تھاوٕتھ یہٕ دُعاز:۔

"تمہٕ پدمان پورچہ للے
تمہٕ گلے امرتہٕ چیو
سوسانٛی اوتار لوٗلے
تِتھی میٚہ ور دِتم دِیو"

بعض شیخن ہوو لکہ بونہٕ چہ کجہِ ہُند مقام تہٕ پتہٕ یوٚژھن:۔

لکہ بونچہِ کجی
اکجی کوٚرُن سیو
ستہٕ جاناوارن ژرجی
تِتھی میٚہ ور دِتم دِیو

یم چیز نظر تل تھاوِتھ چھُ وُچھُن ووٗنی زِ شیخ العالمؒ ہُندس مسلمانس کم اوصاف گژھن آسنہٕ۔ اتھ چھیٚہ عام تہٕ ظاہری کھوٹ اوکطرف روزان، کلمہ پرُن تہٕ نماز پرٕنی اگرچہ تھدس مسلمانہ ہندیو اوصافو منٛز چھنہٕ روزان مگر تِتھنز ......... نظر چھیٚہ حقیقی روٗحانی پاکیزگی، انسانن ستی بلا تعلق ہمدردی، ماے محبت ورتاوس، تِمن ہنز دگ دود آسنس، خلوص تہٕ صاف نیت آسنس، منٛزِس شوذرس تہٕ صفائی پیٹھ ہیوان۔ اتھ اندر اگر کانہہ شک محسوس

وارے پکہٕ تہٕ شرح زانی
سُے ہے ڈٕپِزے مُسلمان

اَندوَن نیرِتھ ہندیٚمو لٕڑے
سٕرٕٹے لوٗگن پننٕ پان
یڈٕ یٚمو گنڈٕتہٕ ژٕبڈٕ تمٕ ہیٚرٕٹے
میٚرٕٹے دِلوٚنڈُن پننٕ پان
اندگُن ژٕہتھ بریٚمو پھیرٕٹے
سُے ہے ڈٕپِزے مُسلمان

یہٕ نظم پرٕتھ یم وصف شیخ العالمؒ اَکِس مسلمانہٕ ہندِ خاطرٕ لاٗزمی چھ تِم چھ موختصر پاٹھی یم:-

یمی شُند وجوٗد رنگہٕ تہٕ نَسلِ کرِ تفریقہٕ ورٲے تہٕ حسد بُغضہٕ سوٲے عقلہٕ ہنز خوشبوے ژٕھٹاں آسہٕ۔

۲ ییُس پانَس پیٹھٕ مُشکلات ہیتھ پان مَدٕدالہٕ تہٕ بے لوث کامہٕ کرِ۔

۳ ییُس خُدا ئیس کُن لولہٕ سان گژھہٕ۔ حسد تہٕ لالچہٕ تہٕ غروٗرٕ روٗس آسہٕ۔

۴ ینٕ پان بھتو بیشِ کش تہٕ پرس تہٕ واتناوِ پانَس ستہٕ

سُے پوٗرشا سوٗرگس پٕرولے
یُس اوہر ژوٗسے بیٚن سان

رتٕنَ دوہن یُس روزِ تھاوے
آسِ یوِ ڈٕستھ نوِ نمان
کرٕوٗد لوٗب مداہنکار تراوے
سُے ہےَ ڈٕپزے مسلمان

پانَس موٗل کرِنہٕ ہارے
ستیٚ بیٚنِس کرِنہٕ مانَس مان
دوٗزن تراٚوتھ سوٗزن گارے
راتَس دوہَس وارے پان
پرٕتھ پان یُس سوٗدرس تارے
سُے ہے ڈٕپزِ مُسلمان

بیٚنِس ووٗپ شم وکھی
پانَس پروٗنٹھ اَتی ایمان
بیٚنِس نظر کرِنہٕ ہٲسی
آسِہ نہٕ دِن ڈٕیشِتھ برٕمان

انسانی ہمدردی ہندی کردارن، اَمہِ کِس پیغمبر سُند رحمۃ اللعالمین تہٕ
اَمہِ کِس خُدا سُند رب العالمین آسنن پننن پیروکارن اندر پاد
کرِتھ تھوٗد۔ اتھی مقصدس شمع کرِتھ چھُ بعض شیخ ؒ کُنہِ تہٕ صوٗرتس
منز اوپُر لاگِتھ گژھ کرُن منز لدتھ تہٕ لبان تہٕ یہِ روٗح بیین تام
واتناوُن منز پننی مجبر حلیمی ہندِس صوٗرتس منز پیش کران۔

اَمہِ ساری بحثُک نتیجہ ڈراو یہِ زِ بعض شیخ ؒ چھُنہٕ اکِس مسلمانس
محدوٗد ژٕٹھ گنڈِتھ طور طریقہٕ ورتاوُن والِس مسلمانہٕ ہندی پاٹھی
کُنہِ اکِس ژھوٚٹِس دٲیرس منز یا شیشس منز بند کرِتھ پیش کرُن
یژھان، یِتھ پاٹھی زن عام طور پتھ ہند حقہ زانہٕ یوان چھُ بعض شیخ ؒ
چھُ یژھان زِ اکھ مسلمان گژھہِ آسُن مادی طور تہٕ سماجی طور تہٕ ہاوُن
باوُن لایق تہٕ روٗحانی طور تہٕ وزن دار تہٕ فولادی کُٹِش تھاوُن
وول انسان۔ تٔمِسندی تعلقات گژھن پننِس اوٚندٕ پکھس ستی،
پننِس گرس ستی پننِس پانس ستی، پننن گر باژن ستی، پننین یارن
دوستن ستی، پننن ہمسایَن ستی یعنی تمن سارِنے حالاتَن تہٕ زوٗ ذاتَن ستی
یمَن ستی تَس واسطہٕ پیوان چھُ، تیتی ہتی تہٕ بجان آسنہِ یتھ زن تٔمِسند
مقام وبژن لایق تہٕ شوٗبہ دار باسہِ یُس گژھہِ نہٕ کھنہٕ موٗت آسُن ہُس
گژھہِ نہٕ مرضہ لد آسُن، سُہ گژھہِ نہٕ ووتوف لشہٕ چھلتھ آسُن تہٕ نہٕ
گژھہِ منشہِ دموٗتے اوت آسُن، بلکہ گژھہِ پریتھ رنگہٕ رژر پراوُن
وول آسُن۔ سُہ گژھہِ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم سُند یمہِ فرمانہٕ

رٚتس مٔنز یِکس۔

۵۔ دوٚیِم ڈٲلِتھ تبلیغ۔ صبرس تہٕ ژیٚڈرٕ کھیٚیہِ ساد زندگی اختیار تہٕ حلیمی سان پکُن۔

دوٚیِم نظم چھیٚیہ کرٛوٗد نومُسلمانس پٮ۪ٹھ۔ یِمیک ہر ترٛیٚہ گنٛڈ چھُ۔

۱۔ کرٛوٗد چھُ نفع راوراوان تہٕ عمل زالان تہٕ رٗوحٲنی خزانہٕ چھُ ژوٗرہٕ بُزی گژھان۔

۲۔ حضرت سلیمانؑ پیوٚو آسمٲنی وُڈوٕنہٕ تخت پیٹھٕ وٚسِتھ کرٛوٗد کِنہِ ہٲنٛز گرِ پناہ لیٚن۔

۳۔ کٲنہٕ وٕچہِ پر زنانہٕ کٔن نہٕ بدنظرٕ وُچھُن۔ وٕچہِ پرِس تی دِیُن نہٕ پانس کیٚنٛہہ رُت آسُن۔ اِنسانہٕ سُند انجام چھُ آخر میٚژِ گژھُن، اوٚ کِنہِ پرٕ کرٛوٗد پٲٹھی تراوُن۔

یِم چیز چھِ تمہ یِم اسلامَس پیٚنٛن ماننَ والیٚن ہٕندِ خٲطرٕ لازمی قرار دِتیمٕتی چھِ تہٕ اسلام چھُ تُہ مذہب یُس عام انسانَن ہٕندِ اکھ تیُتھ لایحہ عمل چھُ ترتیب دِوان یِمہٕ سٟتۍ سمٲجی، سیاسی، اقتصادی تہٕ رٗوحٲنی زندگی ہٕندی ساری پہلوٗ سوٚ تربیت لبان چھِ یِمہٕ سٟتۍ تمِن زندگی ہُند حقیقی مقصد حاصل کرنس منٛز کامیابی ہٕنٛز میچھ کوچھِ منٛز واتناوِ۔ یوٚہے چھُ تُہ سیرت یُس اسلامکی

# ژٕداہمہٕ پنٛداہمہٕ صدی ہنٛز

# شاعری ہُند لسانی پہلوٗ

نشاط انصاری

کاشُر شاعری ہُند گوڈٕ دور چھُ ژُداہمہٕ صدی عیسوی یس اَندر
تھٕہ پےٚ ہنٛس شاعر مہاتما شتھی کنٹھ ہنٛد وقتہٕ شروٗع سپد۪تھ ریشٕ دٕنلک
امام شیخ نورالدین نورانی رحؔ یس پیٹھ اندٕ واتان۔ یہ دور یوٗدوٗے
۱۲۳۵ء پیٹھ ۱۴۳۸ء یس تانی زٕ ہتھ وٕری زیٹھ تہٕ چھُ۔ امہ موضوٗع
تہٕ اظہارِ خیالک آہنگ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ یہ وَنُن بآپتھ بیوٗر سپدُن
پیوان زِ کاشُر شاعری ہنٛدِس اَتھ زیٹھِس وقتس اَکے دور تصوٗر
کرُن روزِ مناسب۔ شتھی کنٹھ ہنٛدٕ مرنہٕ پتہٕ اکہٕ ہتہٕ وُہرِ چھیہٕ
لل دید تھٕہ پیوان۔ اَتھ ہنٛس وٕری یس دوران چھنہٕ کاشُر شاعری
اَندٕ تواریخی کتابن ہنٛدٕ حوالو مطابق کانہہ تہٕ پیش رفت سپدٕنی
لبنہٕ یوان، تہٕ کیازِ یوٗہہ لسانی ہیئت، فارم، آہنگ بینٛز

مطابق عمل کرن وول آسُن ۔ "طلب العلم فریضۃٌ علیٰ کلِّ مسلمٍ وَ مسلمۃ ولو کان بالصّین" یعنے اگر اکھ مسلمان مرد ٕس یا زنانہٕ چین تہٕ گژھن پیٚیہ تھند خاطرٕ چھُ علم حاصل کرُن اکھ فرض۔ حضرت شیخ اوس یرژھان میون مسلمان گژھہٕ دُنیہکیو نِو کھوتہٕ نو لو دٕریافتو لِنشہٕ آگاہ آسُن۔ تم اسہ زانان یہ دُنیا چھُ اکھ ضروری مقام ییٚتہٕ انسان ہرزر پراوِی تھے نوٚس تہٕ یتہٕ واٚس دُنیہس لایق بنہٕ ۔ تم آسہ ییمہ حدیثہٕ لِنشہٕ پوٗر آگاہ زِ "الدنیا مزرع الآخرۃ" یعنے یہ دُنیا چھُ آخرتُک زراعت۔

گویا یہ دُنیا چھُ عمل تہٕ یہ دُنیا چھُ پراوُن ۔ یعنے ییمہٕ دُنیاہکہٕ رژر واٚرے ہُمہٕ دُنیہک رژر پراوُن چھُ ناممکن ۔ ووٚنی گوو آتین چھُ معیارُک ضرورتھ سُہ معیار چھُ حضرت شیخ قایم کران ۔ حضرت شیخ چھِ یرژھان زانسان گژھہٕ علم حاصل کرُن، بحث کرُن، کستھن دل دیُن سوال جواب کرُتھ بروٚنہہ پکُن تہٕ کروٚدٕ یُس علمس گالان چھُ ہرژس سۅر کران چھُ گژھہٕ تراٚوِتھ ژھنُن اگر تہنزن کستھن سام ہمو اسہ تربیانے فکرٕ تُسندلے ڈیل مسلمان چھُ کروٚد انکار تہٕ تفریقی رجحانو لِنشہٕ بلکل الگ۔ سُہ گژھہ تہٕ زِنہنے امیک شِکار، بلکہ روزٕ صالح بُنیاد پیٹھ علمی تہٕ محبتہٕ برُتھ دُنیہس آے کانچھان تہٕ بروٚنہہ بروٚنہہ یتہٕ والین زمانن اندر سپدن والین علمی، سائنسی تہٕ صنعتی انقلابات کا یہ اَنہتھ تم یتِس ورتاوس منز اَنتھ روزِ سُہ دوہ دوہ کھوتہٕ دوہ کامیابی پراوان۔

کلام پٕرِتھ چھُ نَنان زِ تِہنٛز شاعری اٗس توحید تہٕ بھکتی تحریکہٕ ہنٛد اکھ امتزاج۔ سو اٗس وُنہٕ تیٚنتاہ جِہے وُرِش زِ تَمہِ ہندی وُچھہٕ کرِ میٹھ ناگہٕ رادٕ مِنٛز نیٚرن واجہِ نیو جو یوٗلِنہٕ پننہِ رٗوحانی ترٛیش ہوٚمہٕ راوٚن وول مسلمان سنت شیخ نورالدین نورانی لوٗگ وحدت تہٕ رٗوحانیت کِین دِلکش نغمن مِضراب دِنہٕ۔ گرٛہستی زندگی ہنٛز وہوہٕ درو سونتہٕ بدٕوٚن روٗزِتھ کوٚر حضرت شیخن پننہِ عارفانہٕ کلامہٕ چوٚ حیات بخش جو یوٗ سِتی کاشُر شاعری ہنٛد پوشہٕ باغ تمی اَنٛہارٕ سیراب، یتھ پٲٹھۍ جنوٗبی ہندوستانس اندر قُلی قطب شاہن دکنی اردوٗ زبٲنی ہنٛد پوشہٕ وٕن شاداب تھاو یاد کرِتھ۔

ژوداہمہِ پنداہمہِ صدی ہندِین یمَن دوٕن شاعرن ہنٛد کلام کھوچہِ کھالِتھ چھیٚیہٕ یہِ کتھ کھٔر سپدان زِ یِہنٛد صوفیانہٕ کلام چھُ واعظانہٕ آمنس سِتی تزکیہٕ نفس، خود شناسی تہٕ خدا شناسی ہنٛد درس دِوان۔ اَمہِ کِنہِ چھِ یِہنٛدی خیالات تہٕ جذبات قدرِ مُشترک حیثیت تھاوان۔ دوشوٕنی ہنٛد فلسفہٕ زندگی چھُ یوٚہے دوٕن وٕنی ہنٛد منزل چھُ کُنے، وُتھ اکھے تہٕ دوشوٕنے چھِ توحید تہٕ بھکتی تحریکہٕ ہندی گوڈنِکۍ نمائندہٕ۔ یِمَن اندر یوٚدوے کانٛہہ فرق چھیٚیہٕ سو چھیٚیہٕ یہِ زِ للہِ ہنٛدس کلامس پیٚٹھ چھُ سنسکرتُک سیٹھاہ بلکہ سرٛون اثر تہٕ شوخ رنگ نمایان۔ یِتھ بدلہٕ زَن حضرت شیخ ہنٛز شاعری ہنٛدی بنہٕ اکہِ اَند سنسکرتس سِتی چھہٕ

بشتھی کنٹھ، للہ تہ شیخ العالمؒ ہندس کلامس پیٹھ غالب چھُ، سُہ چھُ اکے ترایہ تہ انمانہٕ۔ یہند کلامٕچ صوٗرت تہ اپروچ چھیہٕ ہشی۔ امہِ لحاظہٕ چھُ بشتھی کنٹھ کاشُر زبانی خاص کرِتھ کاشرِ شاعری ہنزِ ہانکلہِ ہند گوڈنیُک، للہ دیدٕ دوٚیم تہ شیخ العالمؒ تریٚیم کوٚر۔

بشتھی کنٹھ ہندِ پتہٕ اکہِ ہیتہٕ ڈیٚرٕ چھیہٕ للہ دیدٕ کاشرِ شاعری ہندِس گینواُسس پیٹھ پنٕنیُ موقلم ہیتھ نمودار سپدان۔ تس آیہ بالہ پانہٕ میٹھےٚ شاعرانہٕ صلاحیژ عطا سپزمژ تہ تہنزِ ازدواجی زندگی ہنزو مایوسیو تہ ناکامیو اوس تسندِ شاعرانہٕ مذاق زیادٕے تیز دار بنوومُت۔ یوٚدوٚے للہ دیدٕ ازدواجی زندگی ہنزن ناکامیَن ہنزٕ شکار آسٕہے نہٕ سپزمژ شایدٕے ہیکہٕ ہے سو پننٕ داخلی جذبات امہِ شدتہ سان ظاہر کرِتھ۔ تمہٕ کا فلسفہٕ تہ تانترک علمہٕ ہنز زانکاری تھاوَن واجبہٕ للہِ یتھےٚ پنٕنہٕ شاعرانہٕ صلاحیژ ہاوٕنہٕ ہیٚژ، ہندومت چھِ ژھایہ آسہٕ سیٹھے بون وَرٕتھمژ۔ دوٚیمہِ اندٕ اوس اسلامی نظریہ حیات، فن، تمدن تہ معاشرتُک آفتاب کٔشیرِ اندٕ پوٗرِ پوٗرِ گھہان۔ اسلامی فلسفہٕ سیتی اوس للہِ ہند ذہن یوٗتاہ متاثر سپدمُت زِ مجذوبانہٕ زندگی ہندِس عالمس اندر آسِتھ تہ اُس سو پننٕ داخلی جذبات اسلامی نظریہ حیات تہ شیوومت کِس رنگس منز پیش کران۔ تسندٕ عارفانہٕ

کرِتھ پننہِ مقبولیتکو موٗل دِنہٕ ہیٚتہٕ ہیٚتہٕ آسی، تاہم اوس عام طورٕ کُن ہنز زندگی
پیٹھ سنسکرتی اثر غالب تہٕ یہ زبان آس یمو دوشوٕ ہوٕ گونماتو پننین
زِٹھین لیٚتھ حاصل کرِمژ تہٕ ایٚک اثر اوس تہٕندِس شعورس اندر گریچ
گرویٹھ آنکہِ انمانہٕ موجود۔ اَتھ متعلق یُس نظریہ عبدالاحد آزاد صُند
چھُ، سُہ ذہنس اندر تھاوِتھ چھُ شیخ العالم" ہنز شاعری ہنز بُنیاد
سنسکرتس تصور کرُن درست باسان۔ اَمہِ نوٚکتُک مزید وضاحت
کرِتھ چھُ اردو زبانی ہُند محقق تہٕ نقاد علی جواد زیدی "کشمیری زبان
اور شاعری" ہندِ دوٚیمہِ جلدُک مقدمہ تحریر کران لیکھان زِ:۔
" ییمہِ وقتہٕ عوامی زبانی اندر علمی مرتبج شاعری پیدہٕ لٔج،
دوٚیمہِ مکتبِ فکرچین زبانُن ہُند اَتھ پیٹھ اثر پیوٚن اوس اَتھ
نفسیاتی ردِعمل۔ اَمی سببہٕ چھُ حضرت شیخ" ہنز شاعری اندر
سنسکرت آمیز کاشُر لہجہ غالب۔ شِتھی کنٹھ ہنز "مہانے پرکاش"
کتابہِ ہنز زبان یوٚدوے عوامی لہجہ لیٚتھ بدلوٚن آس، اما سے
قالب بدلاوِتھ آیہ۔ اَتھ نوٚ زبان بارسس تہٕ اگرچہ سنسکرت
زبان وُنہ تہٕ مرِد مرِد زان آس، امہ پرزٕ رچھِ پی زِ سنسکرتُک
یہ غلبہ تہٕ تتھ کُن جھکاو اوس زوال پذیر لسانی کیفیتُک نتیجہ آسنہٕ
علاوٕ زوال پذیری کُن مائِل ییدنُک اَتھ نفسیاتی تہٕ منطقی رجحان
تہٕ۔ بلکُل یوٚہے حال اوس دکنی اردو زبانی ہُند تہٕ۔ کاشُر
زبانی ہندِس گوڈنِکِس دورس اندر اوس خیالاتن تہٕ رچناوئشرٕن ہُند

زلان تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ عربی، فارسی زبانٕ ہنٛد۔ امہِ لحاظہٕ چھیہٕ للہ تہٕ شیخ زرٕ ہنٛز عارفانہ شاعری عربی، فارسی تہٕ سنسکرت زبانن ہنٛز اڈرن۔ یہ خاص خصوصیت نظرِ تل تھاوتھ چھیہٕ للہ تہٕ شیخ زرٕ ہنٛز شاعری کاشرِس شار ادبس اندر سٹھے درجہٕ تھاوان، لیُن اردوٗ زبانٕ ہنٛز گوڈٕ دور چہٕ شاعری منز بندہ نواز حضرت گیسو دراز ہنٛز شاعری حاصل چھُ۔ عبدالاحد آزاد چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" ہندِس گوڈنکس جلدس اندر نُندرِیشی ہِنٛس کلامس متعلق لیکھان زِ:۔

"نُندرِیشی سٕنٛز شاعری ہُند خارجی تہٕ داخلی رٕپ چھُ سنسکرت شاعری ہندی انمانہٕ، اوموکھ زِ شہ تہٕ اوس سنسکرت ادب تہٕ ہندومت کہ فلسفہٕ نِش متأثر تہٕ للہٕ ہندِ روحانیتُک پوٗر اثر رٹھہٕ کِنہِ اوسُن تمیُک فائض تہٕ پرورمُت۔ یہ اوس سُہ دور ییلہِ کشیرِ اندر اسلامی نظریۂ حیات، ہندومت فلسفہٕ چہ جاے رٹنچہِ عملہِ اندر سرگرم عمل اوس۔ امہِ خاص نوکتہٕ کِنہِ چھُ شیخ زرٕ نُند عقیدہٕ اسلام تہٕ برہمن متُک معجوٗنہِ مرکب، اوکِنہِ تہٕ برہمنیت اُسِ تس درانتس اندر ابچرشہ تہٕ اسلام اوس ہیچھ ناو نہٕ آمُت۔"

ییمہِ وقتہٕ للہ تہٕ حضرت شیخن زرٕ پننین داخلی جذباتن ہند اظہار شارن اندر کرُن ہیوٚت، تمہِ وقتہٕ اوٚدوے اکھ نوٚو زبان بارٕسس تہٕ آسِ آمٕژ، اما نہٕ کرِتھ تہٕ اُس تتھ ہیٹھ سنسکرتی رنٛگ چھاپ۔ فارسی زبانٕ اگرچہ سنسکرت زبانٕ ہُند تیٚہ تاوکھ

مقبوٗلِ عام اَمالو پٔتہٕ وَے قسمکی لفظ، محاورٕ، گنڈٕتی تہٕ اصطلاحات یَنہٕ لونچہٕ گنڈٕ مِتہٕ تہٕ اَتھی پیٹھ چھُنہٕ اکتفا کوٗرمُت، بلکہ جدید سائنسی علوٗمن ہندِن ٹیکنکل لفظن ہندِ باپت تہٕ چھُن یِنُن لچکدار ہلم یلہٕ کھوومُت۔

للہٕ تہٕ نُندرِیشنہٕ وٲکھنہٕ اَندر ۳۰۰ وری فرق آسنہٕ کِنۍ اگر للہٕ نِمنہٕ پَنٕژنِمنہٕ فیصد لفظ سنسکرت زبانٕ ہندی وَرتاوِتھ چھہِ۔ تاہم چھہِ تِمو عربی تہٕ فارسی زبانٕ ہندی کینہہ لفظ استعمال کرِتھ، یہ باس دِوان مُت زِ اسلأمی فلسفہٕ حیاتُک اثر رَٹنہٕ علاوٕ چھیہٕ لَس عربی تہٕ فارسی زبانٕ ہنز کم کاہ شُد بُد تہٕ آسمٕژ۔ تِہنٕدِس کلامس منز گُل، بازار، خار، مرتبہ، زہر، قہر، شہر، جامہ، پنجر، معلوٗم، صاحب، مَن، نہال، نار، ہوس، صابن، عرش، جنگ، رنگ، بے رنگ، باغ، زند، چابکُ، یعنی، شبنم، نوٗر، جوان، لاچار، چنگ، مشک، کافوٗر، جنگل، دروغ گو، گواہ، اول، صبوٗر، دُکان، شکار، روٗح، باقی، نمان، تکیہ، علم، صفا، لا الا اللہ، صحیح، موجوٗد، لامکان، احد، رباب، سینہ، کباب، حق، لعل، نفس، ذائقہ، موت، فکر، اندیشہ، شیطان، مُعرفت، ممبر، علیم، بذات، ناو، صدوٗر، بُرج، تار، کلمہ، کشف بیتر عربی فارسی لفظ چھہِ برابر نظر گژھان۔ شیخ العالمؒ چھہِ موٗ لفظو علاوٕ اکثر عربی فارسی لفظ یَتنہٕ اظہارُک ذریعہ بناوِ مِتہٕ۔

کرنہٕ سنسکرت زبٲنۍ نِشی تیار یُد مُت۔ اَدے موکھ اُدس عام بول چال چہٕ کٲشُر زبٲنۍ مقابلہٕ ادبی زبان پیش کرنس منز سنسکرت زبٲنۍ ہُندۍ ڈۄکھ پھوان بُھاوُن۔ یہ اَسہٕ کاںہہ تقلید بلکہ اکھ لسانی مجبوری"۔

اَمہِ دورکین شاعرن ہُند سنسکرت زبٲنۍ کُن مٲیِل سپدُن یا تِھنۍ لور روزُن اوس تمہِ وقتچ لسانی تہجہٕ ہُند اکھ بوڈ بار تقاضہٕ۔ اُتھ متعلق چھُ عبدالاحد آزاد ہُند قولہ تمہِ دورچہ شاعری ہُند مطالعہ کرنہٕ پتہٕ اکھ یوٗرپی محقق جی، ڈی، ویٖن کاشُر زبٲنۍ ہند لسانیاتُک تجزیہ کرِتھ یِمہ کتھہِ ہنز نشاندہی کران زِ کاشُر زبٲنۍ ہُند یُس لفظہٕ سرمایہ بدس چھُ، تتھ اندر چھ پنژاہ فیصد لفظ سنسکرت زبٲنۍ ہندۍ۔ داہ فیصد فارسی زبٲنۍ ہندۍ۔ پانژھ فیصد ہندی زبٲنۍ ہندۍ، ژ فیصد عربی زبٲنۍ ہندۍ تہٕ باقے تیٚیہ ترٛہ فیصد تبتی، دردی تہٕ ڈوگری زبانہٕ ہندۍ۔ جی، ڈی، وین سُند یہ نظریہ تہٕ لفظ راشہِ ہُند یہ تناسب یوٗدوے کاشُر زبٲنۍ ہندس گوڈنکس یا دوٚیِمس دورس پیٹھ لاگو کرو، ہرٕ وُنِس لایق چھُ۔ اما موجودہ دورس منز چھُنہٕ تسُند یہ مفروضہٕ درست تہٕ نہ چھُ حرفِ آخر، تہٕ کیازِ جدید دورس اندر چھُ سانہٕ زبٲنۍ ہُند کینواس یُوتاہ بدلیومُت تہٕ وسیع یُدمُت زِ اَمہِ چھِہ ہندوستٲنۍ کیاہ، یوٗرپی، خاص کرِتھ انگریزی زبٲنۍ ہندۍ

محمود، مولوی، مال، مخفی، میزان، مقدمہ، منافق، مکار، معصوم

مرضی، مہر، مقام، مو، مکان، مارخور، مہربان، نفل، نفع

ناد، ندا، نیت، نماز، نافرمان، نکیر و منکر، نگینہ، نادان،

ورع، وزن، واقف، وجود، وحی، وضو، وُسعت،

وزیرتہ یار ہوی وہ پر خاص طور عربی فارسی زبانی ہندی

لفظ پتھ شاعری اندر ورتاوی متی۔

شیخ نورالدین نورانی "یس برونہہ وری ۴۲ ہ مر آسنہ کنہ

چھیہ للہ ہنز شاعری پیٹھ ہندی تہ سنسکرت زبانی ہنز مکمل

چھاپ۔ اکھ برعکس چھنہ شیخ "ہندس کلامس پیٹھ یمن دون

زبانن ہند تیوتاہ غلبہ۔ تاہم چھ تمو ارت، آکاش، اہنکار،

امرت، ان جر بنجر، ان، اندھیکار، اوتار، آنگن، آنتر من،

آدر، برہما، بھوجن، بل، بگہ، بھگتی، بوہ، پاپ، پُن، پربت،

پانڈو، پراناہ ابیاس، پرش، پون، پشم، پنکھی، پرکٹ، درشن،

داس، داو، دھیان، دیش، داتا، دھرم، دشا، ریشی، رس،

راج، ساد، سورگ، سودر، سر، سکل، شرنا، شرادھ، شستر،

شُدھ، کرودھ، کام، کیول، کریدہ کھی، کتھا، کال، کیلاش، گٹ

گیان، لوبھ، لوکہ بھون، مد، مندر، مکتی، متر، ماتا، متی، منہ،

نیناے، نرگن، ون، وچار، وش، ور، ہاکار تہ یم ہوی

ہندی تہ سنسکرت لفظ ورتاوی متی۔ یم تہ ہندی تہ سنسکرت

احمد، اُمت، ایمان، استغفار، ابوجہل، احد، انصاف،
امین، افضل، افطار، آدم، اشراق، آسمان، آرائش، انبار، آخرت،
آزاد، اشارہ، امیدوار، اندیشہ، انار، آبِ حیات۔ بحث، بے غم، بانگ،
بدکار، باخبر، بدن، بندگی، بُلبل، بندہ، باراں، برحق، بیم، بند، پنج سورہ،
پختہ، پائے مبارک، پُل صراط، پہلوان، پلاؤ، پُرکار، پیغمبر، پیادہ،
پیشوا، تسبیح، تاج، توبہ، تحقیق، تیر، تن، تیر کمان، تندرستی، تخم،
ثواب، جنت، جاری، جہاد، جزُ، حج، حاصل، حوُر، حسد، خیمہ،
خلق، خاص، خبر، خوشبو، خر، دین، درود، دفتر، دعوت، دارو،
داغ، دانشمند، دوزخ، دیندار، دل، ذکر، زکواۃ، رزق، رسول
رحمت، ریاضت، رمضان، رویت، رکوع، سجدہ، سجود،
سیاہ چاہ، سودا، سوار، سپر، ساز، سنطور، سرکار، سازندہ،
شرف، شرع، شربت، شفاعت، شئے، شفیع، شرمسار،
شرمندگی، شام، شراب، شاہ، شرم، شمع، شقدار، شہیر،
صلوات، طوبیٰ، طمع، طاعات، طہارت، طبق، ظالم، عقل،
عذاب، عامہ، عار، عمر، عود، عبادت، عام، عاشق، عمل،
غافل، غرّہ، فرض، فرش، قصور، قدم، قیل وقال، قرار،
قتل، قفل، قدر، قدرت، قوت، قابلیت، قند، قبول
قندیل، کاہل، کُل، کان، کشت کار، گلزار، گرز، گناہ،
گنج، گمراہ، لحد، لازم، موذی، مرسل، مولا، موجود،

گیاہ۔ وُدی بمعنی ہوشیار۔ رٲسی یعنی نیرتھ ژٕلُن یا راوُن یا خوشک پیدُن ۔ ژٕون پیارن بمعنی ژورن ہیرٕن، ذات یعنی زٕ ہیہ ہ۔ سُکری یعنی فاقہ۔ رٲتم بمعنی وَتہٕ خرچ، سفر خرچ یا زادِراہ۔ روژان بمعنی وَینُہ یا ہضم سپدُن یا راس یُن (کانہہ چیز استعمال کرنہٕ پتہٕ یہ کینژھاہ ہُر، تمہٕ باپتھ تہٕ چھُ یہ لفظ ورتاونہٕ یِوان) سُتُو یعنی توجہ دی تو (خبر یہ لفظ ما آسہٕ سُتو لفظُک ماخذ) اُلاس یعنی لباس، پوشاک یا دولت۔ سوباو یعنی مایہ سان۔ وہ پڑاوُن بمعنی پاپہ کرُن (یہ لفظ چھُ از کل وہ پداوُن کِس مفہوم منز استعمال پدان) ازلہٕ یعنی شرمندہ کرُن۔ متھ بمعنی شان۔ واوہالہٕ یعنی زندگی۔ ٹانچہٕ رُن بمعنی فضول بحث کرُن۔ کاٹے یعنی بدن۔ پانزُن بمعنی ہیو بنُن یا رلُن۔ وُنر یعنی گبڑ (وُنل چھیہٕ امی لفظُک مکتر صوُرت) بارونی بمعنی مزوری یا اُجرت (یہ چھُ بار تہٕ وُنی لفظن ہُند مرکب تہٕ بار گوو بور تہٕ وُنی گوو معاوضہ۔ مثالے رنگہٕ وُنی چھلہٕ وُنی یا دونہٕ وُنی) گیپتھ بمعنی پوشیدہ۔ اَن ہوت یعنی بے عمل۔ اَزوت یعنی پرٕذاژہٕ ہند (ییٚہ لفظس چھیہٕ ہندی زبانی منز ترکیب یعنی اَہٕ ذوت) (کنہٕ خاص لفظس بَیٚلہٕ بُتھہٕ "اَ" لگاوو، تتھ چھُ معنہٕ بدلان۔ مثلن امر، اٹل، اناتھ، اژھیون، اگور، اتول بیتر) اَمہٕ قسمکۍ لفظ چھ گرامرٕ لحاظہٕ صفت ماننہٕ یوان۔ پرگھہ بمعنی پرگرہ۔ گمبری بمعنی گوبر یا گھمبیرتا۔

زبانٕ ہندی لفظ حصٕ بشخن کثرٕژ سان استعمال چھ کرٕ مٕتی، زمانچہ
تبدیلی تہٕ لسانی ادلابدلی تہٕ ارتقا سببہٕ چھ ووٚنی تم متروک قرار دِنہٕ
آمٕتی تہٕ یِتھین لفظن ہُند وجوٗد چھُ میانہٕ خاطرٕ یہِ ذٕ پی زٕرتہٕ مہمل بنیومُت۔
تہٕ یمن ہُند معنہٕ زانہٕ باپتھ چھُنہٕ سنکرت تہٕ ہندی زبانن کُن رجوٗع
کرنہٕ ورأے کانہہ چارٕ۔ مثالے آرت' بمعنی ختم۔ نکس یعنے
ہرکانسہٕ۔ دِہن ہار بمعنی دِنہٕ وول، کیاوٕ یعنی گیاہ۔ پاٹھانی بمعنی سفر
(ازکل چھُ یہِ لفظ کانہہ چیز حاصل سپدن کِس مفہوٗمس منز استعمال
یوان کرنہٕ) گیہہ بار بمعنی گرٕ بار۔ ہنوار یعنی معاف۔ وٕنت یعنی
التجا۔ سکلن یعنی سارٕی۔ رانژھ بمعنی پیوٚنت (یہِ لفظ چھُ کثرت
استعمالہٕ ستیٚ ڈٕن لفظ رٕژھ بنیومُت) برائے بمعنی نارٕ بُڈکھ (ابرنیہ
چھیہٕ اُمی لفظُک مکثر صوٗرت) رہکاے یعنی عمل۔ بنزرُن بمعنی
قربان کرُن (ازکل چھُ یہِ لفظ کُنہِ چیزس پیٹھ قبضہٕ کرنہٕ کِس
مفہوٗمس منز ورتاونہٕ یوان) پُرش یعنی انسان (یہِ لفظ چھُ
چالاکھ آسنہٕ کِس معنیس منزٕ تہٕ استعمال سپدان) رٕزی بمعنی
خوش گژھُن (یہِ لفظ چھُ راضی لفظس نکھٕ ڈکھ باسان۔ بنان
چھُ زٕ اُمی بنش ما آسہِ راضی لفظ بنیومُت یا ما آسہِ راضی لفظٕ نتیٚ
رٕزی وجوٗدس منز آمُت) تو بمعنی یِمہِ ستیٚ۔ جرٕی یعنی ہوٗشُن۔
رٕنٛہٕ بمعنی وَنہٕ (ممکن چھُ زٕ یہِ ما آسہِ وَنہٕ لفظُک ماخذ) شوٗتُن
بمعنی خوش سپدُن۔ انتہٕ مَل یعنی اَندرٕم کثافت، کیات بمعنی

سادگی و چھنہ چھنہ یہ کنھ ہٹہ وسان زِ یہ وژُن کیاہ آسہ ساڈ پانژھ ہتھ وری برونٹھ تخلیق۔ شیخہ شرکین اندر لیُس احساس شدت تہ داخلیت تمِن ہنز خاص خصوصیت چھیہٕ سو چھیہٕ "گونگل نامہ" وژنس اندر۔ بیاکھ اہم نوکتہ چھُ یہ زِ لفظ نامہ چھُ ییمہ کنہ ہنز ٹاکارہ باوتھ زِ یہ وژُن چھُ محمود گامی ہندِ دورک یا تمہِ پتھ وقتک ییلہِ زن کشیر اندر مثنوی لیکھنک رجحان انہٕ وند اوس تہ "لفظ نامہ" چھُ مثنوی خاطرے موزوٗن لفظ تہ تہ بیانیہ قسمچہ شاعری ہند مخصوص لفظ چھُ لوٚہے نامہٕ۔ "گونگل نامس" ہنز لسانی صورت تہ امیک آہنگ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ سرسری نظر کرنہ پتہ یہ پزر برونہہ کُن لیوان زِ امہِ وژنکی ساری شار چھہ سنسکرت تہ ہندی زبانی ہند رنگ نمالب آسنہ درآنے تہ زبان تہ چھیہٕ عام فہم۔ میانی کنہ آسہِ یہ وژُن زیادہ کھوتہ زیاد اکھ ہتھ وری برونہہ تہ حضرت شیخ زِ ہندی کالنہ کرِ مقلدن آسہ یہ وژُن عقیدتن تمِنے کُن منسوب کوٚرمُت۔ مثالے

اپزِ بس دُنیہس موکر پزھنے
برونٹھ چھے ہرتے وُشنُ واو
نوبتہ کورہِ سرسی باژ برنے پرژھتے
لیُس کرِ گونگلُ سے کرِ کراو

موتی لال ساقی صابن چھیہ "ریشی نامہ تہ کلام شیخ العالمؒ"
مضمون مطبوعہ "اخبار چمن" کس علمدار کشمیر نمبرس منز یہ یاد تھ کرمژ
"حضرت شیخہ رحؒ سند سورُے کلام چھُ مختلف ریشی نامن ہندین قلمی نسخن
اندر موجود۔ یم قلمی نسخہ چھ ییتہ کین کینژن خانہ وادن اندر محفوظ
ماسوائے ریشی نامہ بہار شاہ۔ دوّیمن ریشی نامن اندر چھ پانژھ
پانژھ قلمی نسخہ، یمن منز باہمی تفاوت تہ ہیر پھیر آسُن لازمی چھُ
یموّ منز چھ ریشی نامہ بابا خلیل، بابا نصیب الدّین غازی، بابا کمال
تہ بہاء الدین متو قابلِ ذکر۔"

لسانی لو کتہ نگاہ کنہ ییلہ یمن ریشی نامن ہنز سام ہینہ
یہموّ، واریاہ گمان تہ اندیشہ چھ ذہنس اندر ژھایہ گتی کران تہ یہ
باور کرنہ خاطر چھُ مجبور ہوان بسدُن حضرت شیخ رحؒ مطبوعہ کیو غار مطبوعہ
کلام ہیکہ نہ کُنہِم پاٹھی تہندے آسِتھ تہ کیازِ امہِ منز چھ واریاہ
کلام یتھہ لسانی ہیئژ کنہ تس ییت کین تمن گو نماتن ہُند باسان،
یم گمنامی ہندین پردن ژھایہ چھ رُود مژ۔ مثالے رلوٗ گونگل نامہ
وژن۔ گوڈنچ کتھ چھیہ اتھ متعلق یہ زِ اگر وژُن صنف تتھ دورس
اندر تہ چھُ ادسمُت، اما تیوتاہ چھنہ تمیُک چلن ادسمُت ووں
یوّدے آسہے تہ تیلہ گوژھ للہ تہ حضرت شیخہ رحؒ سند نصفہ کھوتہ
زیاد کلام اتھی فارمس منز آسُن، یُس نہ چھُ۔ دوّیم کتھ یہ زِ گونگل نامہ
وژنچ ہیئت، آہنگ، زبان، برجستگی، لفظن ہُند تُل تراو تہ

منز تحصیلدار لفظ میلان ۔ حالانکہ آسہے نہ تتھ دورس منز تحصیلدار لفظک تصور تام تمہ دقہ کہین ٹکن ۔

دِلہ کس باغس دور کر غاصل
اَدٕ دلو پھولی یو یمبرزلہ باغ
مُرتھ منگہ نئے عمر ہند حاصل
موت چھُے پتہ پتہ تحصیلدار

ہُتھے ہیو بیا کھ واکھ چھُ ہنزِ باوتھ پانے زِ یہ چھُ پننہ آہنگہ کنہ محمود گامی ہندِس کُس تام ہمعصر شاعر عزیزہ خان ٹند۔ اما مجراچھُ للہ ہندس کھالس ۔

غافلو ہکہ قدم تل
وُنہ چھےٚ تل نہ ژھانڈُن یار
پر کر پیدا پرواز تل
وُنہ چھےٚ تل نہ ژھانڈُن یار

ساڈن پانژن ہتن وُرین ایہ قسمچہ لسانی تبدیلیہ نہ تحریکہ عملہ اندر ییُنہ چھیہ لازمی کتھ۔ نہ کیازِ کاشر زبان اُس حکمرانن ہنز سرد مہری نہ لسانی تعصبہ کِنہ برابر ۱۳۲۵ ءس تام انہگٹس

پھُٹجین باگے کرناونس تے
تحمی، رسمی، زگ، چھوت ہاو
لونہ وِتھ دنہ وِتھ تولناونس تے
یُس کرِ گونگل سُے کرِ کراو
اوِ یے رأزٕ یٔلہِ لحد ہاونس تے
دٔلِنس دُنیہچ شے مشراو
توبہ توبہ گرٕان چوب دیاونس تے
یُس کرِ گونگل سُے کرِ کراو

پتھے یاٹھ چھُ یہ شرُک پتنہ بندی شرِ تہٕ روأنی کٔنی از برہ نہم پتراہ یاشیٹھوری باسان تہٕ اتھ اندر چھُنہ اکھ لفظ تہٕ للہِ ہندِ سنسکرتی دوُرک۔

تَمِش بندِ نمازِ بتہِ رمضانس
تی ہو لگہ لوِ پانس ستی
ہوش کرِ نیٚنِس دین و ایمانس
نہٕ تہٕ تُلہٕ نے شیطانس ستی

امہِ قسمک زل چھُنہ بعض شیخ ہندِ سے کلامس گوڈ مُت، اللہِ ہنزِ شاعری منزٕ تہٕ چھُ یہ وُکانہ مثالے چھُ للہِ ہندِس نیتھ واکھس

مُند کلامہٕ درج کرنہٕ بروٚنہہ چھیٚیہ وۄزبہٕ میلہٕ ستۍ "کاشُر نظم" تہٕ "غزل" ذیلی سورخیہ تہٕ لیکھنہٕ آمژ۔ یِیشخ سُندین یمَن دوٚن غاَر معروٗف تہٕ غاَر مطبوعہ شارن اَندر چھُ گوڈنکِس شارس منز تکرار الفاظ حیٚین صنف تہٕ میلان، یَیلہٕ زَن تتھ دورس منز ضایع بدایع آسنہٕ بعیداز عقل کتھا چھُ

معشوقن ییٚلہٕ درشُن ہوٗون
درشُن دیوٗون منصوٗرہس
شوقکُ شراب سُہ ییٚلہٕ چوٗون
قتل کرنوٗون زَن ژورہس

یوسہٕ زبان پننہٕ وانسہٕ ہندِ لحاظہٕ وُنہٕ کھوٚکھچی آسہٕ کران، سو کیتہٕ ہیکہٕ ہاوُچھان وُچھان یوٗتاہ لِسانی لحاظہٕ ارتقا لبنتھ۔ حالانکہ چھُ کانہہ زبان مانجنہٕ ینس تہٕ پننہٕ لِسانی ہیئت بدلاونس منز سیٹھہٕ وقت لگان۔

کیات تہٕ ذات لفظ چھِ بعض شیخہٕ شرُکین منز کشر ژسان میلان۔ اَماللہٕ نِش چھنہٕ یم نظرے گژھان۔ فکرِ چھُنہٕ تران زِ للہٕ ہندِس کلامس منز کیات تہٕ ذات لفظن ہندِ نہٕ آسنُک وجہ کیاہ گژھہِ آسُن۔ مِیہٕ چھُ نوٗرنامہٕ تہٕ باباکمالؒ سُندِس قلمی نُسخس منز شرُہن جاین کیات تہٕ ذات لفظ وُچھمتی تہٕ یمو بدلہٕ چھُ للہٕ زنہہ

اندر۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ لَلہِ ہُند کیہنہ کلام چھُ حضرت شیخسؒ کُن منسوب آمُت کرنہٕ تہٕ حضرت شیخہٕؒ سُند لَلہِ کُن تہٕ یمن دوشونٕ پتہٕ کینہہ گوٚمتن ہُند کیہنہ کلام چھُ لَلہِ تہٕ حضرت شیخسؒ کُن منسوب سپُد مُت۔ وٕدن اگر مانوٚز زِ "گوٚنگل نامہٕ" نظم چھےٚ حضرت شیخہٕؒ سٕنز ہے، تیلہِ گوٚژھ اَتھ پیٹھ تہٕ ییٚمہِ شُرکیک ہیوٚ سنسکرت رنگ غالب آسُن ؎

مُنٛڈس گیاپٕچ کتھ لوٚوٕنی زٕ
خرس گور دِنہٕ راوی ویل
سیکہِ شاٹھن پھُل لوٚوِ زے
کوٚتم یا جبن دِنہٕ راوی تیل

کیہنہ کال برونٛہہ وُچھ میٚہ غلام نبی گوہر صابس بابا کمال سٕنٛد اکھ قلمی نُسخہٕ۔ گمان سپُدم زِ یہ گژھِ بابہ کمال سٕنٛدُے آسُن۔ اما معلوم کرنہٕ پتہٕ دوٚپنم گوہر صابن زِ یہ نُسخہٕ چھُ تہندی بُڈی بَبن شیٹھ وری برونٛہہ باباکمال سٕنٛد قلمی نُسخہٕ برونٛہہ کنہ تھاوِتھ پننہ اتھہ ژھیر مُت۔ یہ نُسخہٕ قلمبند کرنک سنہ یا تاریخ چھُنہ کُنہ تہٕ تتھ اندر درج۔ یہے وَنُن آسہِ تمن قلمی نُسخن ہنز تہٕ یمن ہُند تذکرہ ساقی صابن کوٚرمُت چھُ۔ اَمہِ تلہِ چھُ تنان زِ سینہٕ بسینہٕ رِوایژن ہُندس ڈکھس پیٹھ چھُ یم نُسخہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ گوہر سٕنٛدِس قلمی نُسخچ زبان چھےٚ سٹھاہ فصیح تہٕ بلیغ۔ کُنہ کُنہ چھُ فارسی کلام تہٕ اتھ اندر درج کرنہٕ آمُت تہٕ حضرت شیخہٕؒ

ہو میانہٕ زٕو گُلہٕ انارو

یا

عذاب قبرس کو نہٕ چھُکھ کھوژان

خوٗنہٕ جگر یمو اوٚہر کھیو

یا

رحمت باران روز نہٕ پیٚیہٕ

کوٚر دوٗر رسولہٕ خدائیؐ زایے

یا

پُلہٕ صراطس اکہٕ اکہٕ تارن

یمن مصرعن اندر چھِیہٕ گُلہٕ انار، عذاب قبر، خوٗنہٕ جگر، رحمت باران، رسولہٕ خداؐ تہٕ پُلہٕ صراط فارسی اضافژ۔ اَمہٕ نوعیتکی اہم نوکتہٕ چھہٕ ذہنَن اندر بتھاونٕ بجا طور پٕچھر دِوان زِ کیاہ تانی چھُ لیکھ پردہٕ۔ یِیہٕ کنٕ زٕودٕ آہمہٕ پَندٕ اہمہٕ صدی ہنٕزِ کاشُر شاعری اندر اَتھ تانی واتان واتان لسانی تحریفہٕ تہٕ تبدیلی پیٚیہٕ سپنٕزمژ چھِیہٕ یمہٕ خاطرٕ اَمہٕ دورچہٕ شاعری ہنٕز لسانی صوٗرت تہٕ ہیٔت کُنہٕ آی اکھ بوٚڈ بارٕ ثبوٗت پیش چھہٕ

لفظ اکثر ورتاوومُت ۔ نُندہ ریشن چھُ امی قسمہٕ کیاو لفظ یتھٕ شارس منز استعمال کوٚرمُت ؎

مسلمان کیاو ہیندین
کر بندن توشہ خدایے

لَلہٕ چھُ یوٚہے لفظ دوٚیمہٕ شکلِ امی معنہٕ ورتاوومُت ؎

لل بہٕ درائیس لولرے
ژھانڈان لوسم دۄن کیو راتھ

یتھ جایہِ چھُ یمن دۄن ہم عصر گوناتن اندر اکے قسمہٕ کس لفظٕ ورتاوس منز تضاد لبنہٕ یوان ۔ یتھ ہیوٚ لوکٹو ستی تہٕ چھِ اندیشہٕ تہٕ گمان دربرابان ۔ لل دید تہٕ حضرت شیخ العالم رحہ چھِ اکے ہانکلہِ ہندۍ زٕ اہم کڑۍ ۔ دۄشوے چھِ اکی سے زمانس اندر گُذریمتۍ ۔ اما کیاہ وجہ چھُ زِ للہٕ ہندس کلامس اندر چھِنہٕ کُنہ جایہِ تہٕ فارسی ترکیبہٕ تہٕ اضافتٕ میلان ، یِلہٕ زِ شیخنہٕ "شُرکین" اندر پرٛتھ ترکیبہٕ تہٕ اضافتٕ وُچھنس منز چھِ یوان ۔ مثالے زٕ دٕلوٚ یم کینہہ مصرعہٕ یمن منز اَزِکہ دورچہ بہٕ فارسی اضافتٕ نظر چھِنہٕ گژھان ۔

# شیخ العالمؒ سنز شاعری منز کشتوارٕ ژ

# زبانٕ ہنْدی آثار

## اکھ تحقیقی نشاندہی

محمد اسداللہ وانی

ترجمہ کار:۔ سومناتھ پنڈت

سرخیل طائفۂ ریشیانِ کشمیر حضرت شیخ العالم شیخ نورالدین نورانیؒ چھُ کشتوارس ستِ بڈٕ سوٚن تعلق یَتھ بُنیاد نسب، روٗحانیت تہٕ زبانٕ پیٹھ قایم چھیہٕ۔ نسبی اعتبارٕ اوس شیخ العالمؒ سُند تعلق کشتوارٕکس تتھ شاہی خاندانس ستِ یمیک سلسلۂ نسب گوڈٕ بنگالکس سورج بنسی خاندانکس راز بکرما جیتس ستِ میلان چھُ۔ روٗحانی تعلق چھُ یہ زِ حضرت شیخ العالمؒ سُندی ژور مقتدر خلیفو بابا بام الدین، بابا زین الدین، بابا لطیف الدین تہٕ بابا نصیرالدین، منز چھُ بابا زین الدین تہٕ لطیف الدین سُند تعلق کشتوارکِس پہاڑٕ بہٕ مڑوہ واڑون علاقن ستِ۔ یوٚتام زبانٕ ہُند تعلق چھُ اَتھ سلسلس منز اگر اسی حضرت شیخ العالمؒ سُندِ کلامُک مطالعہ کرو اسہِ یِیہٕ یہ حقیقت ڈُلی گاشکو پاٹھی عیان زِ اُمی

گرٛان چھ یہ سوٗرٕتے صوٗرتِ حال چھُ للہ تہٕ شیخ العالمؒ سٕنٛز شاعری اندر مزید تحقیق کرنُک دعوت دِوان تہٕ وقتُک تقاضہ چھُ زِ اتھ سٕنوٗ تہٕ تضاد کرو دوٗر۔

کاشرِ یُک رِچھ سنسکرت زبانٕ بنود ایٚک داماہ مالامال۔ اَتھ ہیکو نہٕ اَسی بوٗلی دِتھ، تہٕ کیازِ قدیم کاشر آس نہٕ بوٗلی۔ یَتھ پرانی حالژ منز روزنُک وجہ چھُ یہ زِ اَتھ زبانٕ چھنہٕ راز دربارٕچ سرپرستی حاصِل گژھیمژٕ پیٚدِتھ لہٰذا چھُ ادیبو تہٕ شاعرو اَدرُکُن کم توجہ دِیمژ، تہٕ کیازِ تمن اوس نہٕ یدِ لس منز انعام یا جاگیر میلنچ کانہہ وِدمید۔ یَیلہِ زَن فارسی زبان ژٕھون ہتیٚن وٕری شاہی دربارٕچ زبان روٗز اَمکہِ اثرٕ رٕژٕ روٗزِ یہ زبان اَمہِ موجوب پاک تہٕ کیازِ فارسی زبانٕ منز شار وَنٕ والیو شاعرو کٔرُن اَتھ زبانٕ منز قلم تُلنچ کوٗشش۔ عام اِنسان آسہٕ فارسی پاٹھی کتھ باتھ کران لہٰذا پیہ نہٕ اَتھ زبانٕ پیٹھ زیوٗ پیٹھ ہیوٚن لایق فارسی زبانٕ ہند اثر۔ اَتھ مقابلہِ روٗز کاشرِس پیٹھ فارسی یُک اثر غالب تہٕ سنسکرتُک اثر ہیوٚتنس کم پیدن۔ شاہی دربارٕچ سرپرستی نہٕ آسنہٕ باوجود تہٕ روٗزِ یہ زبان زِندٕ تہٕ کیازِ اَتھ آس بولن والین ہُنز سرپرستی آیتن[۱]

کشتواڑی لہجس متعلق چھِ عشرت کاشمیری لیکھان۔

"یہ خیال چھیہٕ حقیقتھ ڈٔکھ زِ کشتوارُک روزن وول ہیکہِ سرینگرٕچ کاشر زبان آسانی سان بوٗلِتھ مگر سرینگرس منز روزن واکی ہندِ باپتھ چھُ کشتواری بولُن مشکل تہٕ کیازِ کشتواری زبانٕ منز چھِ تیتھی لفظ یِم نہٕ تمہِ زانہہ تہٕ بوٗزی متی آسن تہٕ یِہند تلفظ تیوٗت پھِوہر چھُ زِ یِہنز زبان ہیکہٕ نہٕ تہٕ تو تام وٕہرِ اَدِکھ یوٗ تام نہٕ رٕتہٕ واد

---

[۱] تاریخ کشتواڑ (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کشمیری پیش لفظ م، ن،

ہندِس کلامس منز چھِ کُنہ کُنہ تِتھؠ لفظ تہٕ استعمال پیدٕ میتؠ یم یوٚدوے کاشرِ
زبٲنؠ منز آدٕ میتؠ چھِ مگر کشتوار تہٕ اتھ اندٕ پکھٕ بولنہٕ یِنہٕ واجینن زبانن
منز چھِ موجود تہٕ تہٕ مروج تہٕ۔ اَمہٕ موجوب چھُ اسی یہِ جان پاٹھؠ ہیکان
اندازٕ کٔرتھ زِ حضرت شیخ العالمؒ ہندِس کلامس منز چھِ کشتوار تہٕ امہٕ کین
مُلحق علاقن منز بولنہٕ واجینن زبانن ہندی آثار موجود۔

حضرت شیخ العالمؒ ہندِ ین جدن ہند تعلق اوس ضلع ڈوڈہ کِس
تحصیل کشتوارس سٟتؠ یتہٕ واریاہ بولہٕ آسہٕ مروج۔ امہٕ کِس شمالس منز چھُ
کشمیر، شمال مشرقس منز ہماچل پردیش، مغربس منز ڈوڈہ تہٕ رام بن تہٕ
جنوبس منز بھدرواہ۔ سارے سے ضلس منز چھیہٕ بھدرواہی، کاشُر، ڈوگری،
رام بنی، پوگلی، بھلیسی، پاڈری پنگیالی، کھاشی، گدھی، بھرموری، گوجری،
پنجابی، سراجی، کشتواری، اردو تہٕ ہندی زبانہٕ تہٕ بولہٕ بولنہٕ واٲلؠ موجود۔
کشتوارچ زبان چھیہٕ کشتواری کاشُر مسلمانن ہنز زبان چھیہٕ فارسی
آمیز کاشُر یلہٕ زن غار مسلمن ہنز زبان شُود کشتواری چھیہٕ۔

اگر اسی کشتواری زبٲنؠ ہند تجزیہ کروٚ اسی داتو اتھی نتیجس
پیٹھ زِ یہِ چھیہٕ قدیم کاشُر یُس رِچھ یوسہٕ اسلام ادرواتہٕ ہٕنتی وارہیس
حدس تام متاثر چھیہٕ سپز مُژ۔ بلکل تتھے کنہٕ یتھ کنہٕ کشیرِ ہنز کاشُر
زبان۔ البتہ کشیرِ نسبت چھیہٕ کشتوار کین غار مسلمانن ہنز زبان
وارہیس حدس تام محفوظ روزمُژ۔ چنانچہ چھِ عشرت کاشمیری لیکھان؛
"کشتواری زبٲنؠ متعلق چھُ عام خیال زِ یہِ چھیہٕ قدیم

[1] تاریخ کشتواڑ (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کاشمیری پیش لفظ م ، ن ،

مثلن کأشرٕ "بُرقہٕ" کشتوأری (جنڈ) ساتھا (گیریا) خوشوُن (سوندر) شرارت (کرژود) زہر (وِیہہ) صُبحاے (رٕہ باگے) کمبل (چچُرٕ) دوست (چوٹن) اسمان (تالم) واریاہ لفظ چھِ کأشرِ لوٕ راوِمٕتۍ۔ مگر کشتوأرِ ہیٚندِ لوٕ چھِ یِم وُنیکتام رٕژھرأدِتھ تھأوِی مِتۍ۔ مثلن "کأشرٕ کورِ ہنز گوٗر" کشتوأری (تیوڑی) بشرہ (لبسان) ٹوٗکر (ژھران)۔ پلنگ آسنہٕ سببہٕ چھِ کشتوارتہٕ بھدرہٕ واہ وُنیکتام ہماچل پردیشہٕ کِس سرحدس تام کأشرِ زبأنۍ شُد تھأوِنس منز واریاہ اندٕ کامیاب روٗدِی مِتۍ رٕہ[1]

یِمو مثالو تلہٕ چھیٚیہ یہ کتھ صاف نَنان زِ ازکل یِہ کأشرِ زبأنۍ چھِ واریاہ تِتھۍ لفظ راوِری مِتۍ یِم کشتوارس منز پنٕنہٕ اصلی صوٗرژ منز موٗجوٗد چھِ۔ چنانچہٕ یِیمہٕ ساعتہٕ اَسی کأشرِ زبأنۍ ہنٕدِ قدیم شارٕ سرمایک مطالعہٕ چھِ کران یہ کتھ چھیٚیہ عیان سپدان زِ تتھ عہدس منز یُس کأشر زبان مُروج آس تہٕ ازکالچ کأشر زبأنۍ تہٕ کشتواری کأشرس چھُ پانہٕ وُنی واریاہ بیٚنر۔ پروفیسر حاجنیٚن چھُ صرف للہ واکھن ہنٕدِس کأشرس کنُے یوت اِشارٕ کران دوٗہمت:۔

---

[1] مقالاتِ حاجنی۔ از پروفیسر محی الدین حاجنی صفحہ ۳۹، ۴۰، ۴۱

ذٕ براوِ" لہ

کشتوا ڑی زبانِ متعلق چھِ پروفیسر جاجی لیکھان :۔

۱۔ کشتوارس اندر چھِ وُنہِ تہِ کیٚنہہ پرانی لفظ یِم وۄنۍ کٲشِر اندر ورتاونے چھنہ یوان۔ امّا پوٚز پرانہِ وقتہٕ چھِ یِم کٲشِر منز۔ عام آسی مۍتۍ۔ مثلن کٲشُر "معشوق" یُس دراصل عربی پیٹھ فارسی تہِ فارسی پیٹھ کٲشرِس اندر ووتمُت چھُ، کشتواڑی چھِ اتھ بدل "ٹٮ۪ٹھ بان" وَنان یُس وادی منز خاے کانٛسہِ وٚلیوٚد چھُ۔ کٲشِر یو چھُ سنسکرت "پُشپا" اندرٕ "پوشہ تٕر" مرکب مصدر بنومُت اکھ مرکب مصدرس بدلہٕ چھِ کشتوارس اندر مُفرد کٲشُر مصدر "ژٕنُن" چلان یتھے کٕنۍ چھِ بیٚیہ تہِ وارِیاہ کٲشرِ مصدر یمن ہندی ابتدائی مصدر بلکل بدل چھِ آسی مۍتۍ۔ مثلن "پھٕراوُن" بدلہٕ "ہٹاوُن".....

۲۔ کٲشِر تہِ کشتوارس اندر چھِ وارِیاہ تِتھۍ لفظ تہِ یِم شوٚدی کٲشرِ آسِتھ تہِ چھِ اکھ اکس نِشہِ بلکُل الگ ۔ یِہ ہیکوٚنہ اَز وُنیتھے زِ دۄیو منز کُس لفظ چھُ "گوڑ سانہِ زبانِ منز اوسمُت۔ مثلن کٲشُر "گرٕزٕ" کشتواڑی "کھٕنگ"..... ژوٗٹ (منج) رٕہُن (ھوم) الُو (بینگ) گوگجہ (گوگل) بیترِ۔

۳۔ عام پاٹھۍ چھیہ مسلمانن مقابلہٕ کشتواڑی ہِندو ساہٕ پرانہٕ زبانِ ہنز جان راچھ کرٕمٕژ۔ ہِندو چھیہ پرانی زبان چلہٕ وۄنۍ تھاوِمٕژ تہِ مسلمانو چھُ وادی ہِندِ اثرٕ فارسی آمیز کٲشُر پانٕنٲوِمُت

لہ تاریخ کشتواڑ (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کشمیری پیش لفظ ص،

ادس پتہ تمہِ ساعتکس کشتواڑی تہ کاشرِس منز کیاہ فرق آس؟ یمن سارِنے کتھن نیر ہے آسانی سان چھینڈ اگر اَمہِ بدھ متکس مشہور عالم ناگ سین سنز تصنیف "بلند پنہہ" کُ اصلی نوسخہ دستیاب آسِہے تہ کیازِ بقولِ پروفیسر حاجنی "ناگ سین آس یہ کتاب کشتواڑی کاشرِس منز سوال جوابن ہندِس صورتس منز لیچھمُت یمیک ترجمہ پالی تہ سنیالی زبانن منز پیدہ۔ اصل روو مگر ترجمہ چھ موجود۔[۱] ییلہِ زن اوتار کرشن رہبر چھ اتھ سنسکرت تصنیف مانان۔[۲] مگر اَمہِ موجوب لوپہ ادلیتھ کشتواڑی زبانی حاصل چھینہ تمہِ لنشہ چھینہ کانسہ تہ انکار۔

یوتام شتی کنٹھنہ "مہانے پرکاش" کُ تعلق چھُ اَمہِ کس آخرس منز یُس شار درج چھ اتھ منز چھُ کاشر فعل حال (چھو) بجاے کشتواڑی تھو استعمال سپدمُت یمہِ موجوب کشتواڑی زبانی ہندِ تھزرُک پے ہیکہ لگتھ۔

بہرحال یمہِ حقیقتہ لنشہ ہیکہ نہ کانہہ تہ انکار کرِتھ زِ شتھ ہتھ وری برونہہ یوسہ شکل کاشرِس وادی منز آس سوے آس بھدرواہ تہ کشتوارکین ملحقہ علاقن منز بولنہ ینہ واجنن تمہِ وقتہ چہ زبانی نتی رلان۔ کشتواڑی زبانی نتی چھ بھدرواہی نہ بانی ہند علاقہ بہ تہ پرمہ زبانہ چھینہ اکھاکس سبٹھاہ قریب۔ کیتین لفظن چھ صرف (ی) ہے لوت

---

[۱] کاشر شاعری- از پروفیسر حاجنی ص ۲

[۲] کاشر ادبچ تاریخ جلد اکھ از اوتار کرشن رہبر ص ۲۶

"کشتواری تہٕ للہ واکھن ہند کاشُر چھُنہٕ سرینگرکس کاشرس ستی ہتھ فیصد رلان"[۱]۔

مگر یہ مقابلہٕ چھُنہٕ للہ واکھن تام یوت محدوٗد بلکہ ییمہ ساعتہٕ اسی حضرت شیخ العالمؒ ہیوٚس عظیم روٗحانی پیشوا ہندِ کلامُک مُطالعہٕ کرو، اَسہٕ چھےٚ یہ کتھ ٹاکارہٕ پاٹھی بریٚونہہ کُن یوان زِ تموٚ چھِ پننِس کلامس منز واریاہ تِتھی لفظ استعمال کرِمتی یِم یوٚدوے ازکل کیٚن کاشرِ زبان دانن ہندِ باپتھ ووپر چھِ مگر کشتوار تہٕ اَتھ اندٕ پکھٕ روزن والین بیکٕن ہندِ باپتھ چھِ یِم عام استعمالکی لفظ۔

حضرت شیخ العالمؒ سُند جد ادگز دیو ییلہٕ پترس باے بولدر دیو سٕتۍ بغاوژ مۆچوب کشیر ژوٚل تمہٕ ساعتہٕ اٚسۍ تمۍ سٕتۍ حکوٗمت سرتھلس (کشتوارس پیٹھ) ییٚتکیٚن لوٗکن ہٕتۍ لوٗل بھدرواہی تہٕ کشتواری چھےٚ۔ اَمہٕ تلہٕ چھہٕ اسی یہ نتیجہٕ ہیکان اخذ کٔرِتھ زِ شیخ العالمؒ سٕنز شُرٔ پیٚرا آسہن یہے بھدرواہی کشتواری بولی بولان تہٕ تمۍ کرِ پننِ کلامہٕ وَننہٕ وِزِ اَمی زبانۍ ہند استعمال ہٕنیا آسہے بھدرواہ تہٕ کشتوارکیو سرحدو پیٹھ کشیرِ تام یہے اکھ زبان بولنہٕ یوان یتھ زن عام لوٗکن ہٕنزِ زبانۍ ہند درجہ حاصل اوس۔ اَمہٕ پتہٕ روٗز وادی ہٕنز کاشر زبان وارہٕ وارہٕ پرزبانن ہندِس اثرس تل بدلان ییلہٕ زن کشتواری محفوٗظ روٗز۔ اَکھ کتھ زِ کشتوارہٕ پیٹھ کشیرِ تام یوسہٕ زبان شیخ العالمؒ تہٕ تٕس بروٚنہہ دورس منز بولنہٕ اٚس یوان تتھ کیٚتھ لب لہجہ

---

(۱) تاریخ کشتوار (ایک تقابلی مطالعہ) از عشرت کاشمیری پیش لفظ (س)
بحوالہٕ کاشر شاعری از پروفیسر محی الدین حاجنی

دیارٕ سۄرم سودا گارس
چھوٚن بازاوس کھٕنٛ بیٚنہٕ ووٚنۍ
آخرٕ ژٕمو سارٕی مزارس
نارس ووٚنۍ کتہٕ سارس پونۍ

آدم پیلہٕ ووپزٕ وٕن سو باد
پوٚنہٕ تہٕ پانہٕ نارٕ میٚشرے

دِل چھُے گاڑتہٕ ہوکھ موتراوُن
ذِکرٕ ہُند پونۍ دِس لسہٕ یو توٚے
لال زان نفسے اَتھ مو تراوُن
صاحب پننے لبہٕ ہَن اُدے

یِمَن شرٕکین منز چھُ "پونۍ تہٕ "پانہٕ" علاوٕ "سو باد" تہٕ "اوَے توَے" ہی لفظ تہٕ استعمال پیدی متھ یِم زَن ازکل کِس کاشرِس منز نایاب تہٕ کشتوآری زبانۍ منز عام چھِہ۔
کاشرِس منز چھِ غوصہٕ کھنٕنس "ژکھ" یا "شرارکھ" وَنان مگر حضرت شیخ العالمؒ چھِ پننِس کلامَس منز اَمہٕ بایتھ بارہا "کروٚد" لفظ استعمال کران یُس زن کشتوآری تہٕ بھدرواہی زبانَن منز عام ورتاوس

لگاونہٕ یِوان۔ مثلہٕ، کشتواڑی زبانٕ منز (گوگُل) گوگجہِ چھہٕ بھدرواہی پاٹھٕ (گوگلی) دٕنان۔ یتھےٚ کٕنٛز چھہٕ ژھاوجہٕ (ژھیل) (ژھیلی، لاٗرس کاکر، کاکری، گبہٕ، گبر، گبری تہٕ کینہہ لفظ چھہٕ کنُہٕ تہٕ تبدیلی بغاٗرٕ سیٚدٕ سیوٚد استعمال سپدان مثلن ہٕہریٖ (ناشتہ) ناہری نٕسے (نٕسی) ژھا، بستر (بسترہ) بسان، شام۔ ٹلاکلان، زیٖنُ (بالن) ژوڑی، شیر (سر) تہٕ پکُن (چلنا) ہتھنوٕ بیتر۔

یوٚتام زن حضرت شیخ العالمؒ سندِ کلامکُ تعلق چھُ اٗدٕ سندِس کلامس منز چھُ اَسہٕ جاپہٕ جایہٕ کشتواڑی زبانٕ ہندی آثار نظرِ گژھان۔ مثلن قدیم کاشرِس منز اوس "آبہٕ" بانٛیتھ "پوٚنی" "پانٕہٕ" یا "پاین" لفظ استعمال سپدان مگر ازکل چھہٕ "آب" دٕنان۔ شیخ العالمؒ چھُہٕ پننِس کلامس منز کنُہٕ تہٕ جایہٕ "آبہٕ" بانٛیتھ "آب" لفظ استعمال کوٚرمُت، تمٕ چھُ اَمہٕ بانٛیتھ "پوٚنی" یا "پانٕہٕ" ورتوومُت یُس زن کشتواڑی تہٕ بھدرواہ زبانن منز عام چھُ۔ وُچھو:-

پہٕ ساد ووہٕ پل ہاکس تہٕ ہندے
سوٚ زن سہزس گرندے زاو
دوٚد ترااُتھ پوٚنی یُس مندے
سُہ سمٕرس کندے زاو

ڈُبس تہٕ مھس مد اہنکارس
گونٛگن ڈارس دیم تہٕ پوٚنی

اَز کر رَیشی کیلک رَیشی یمن مازٕ کھٕنس کم
کھاسی نہٕ تھوٗن نشم نشی اَکِس گوگل بِیَس کرم
علم پرٕتھ زونمہٕ اسی گیہ ویٹھی تم ویٹھی گوگل ٹیٹھی گئے

بوزن چھُ کاشرِس منز کنو بوزنکس معنیس منز استعمال سپدان
مگر شیخ العالمؒ ہندی جد کشتواڑکہ ییمہٕ علاقہ پیٹھٕ ہجرت کرِتھ آسی آمتی
تِتہٕ چھُ اَمہٕ باپتھ "شُن" یا "شُننو" استعمال پدان۔ حضرت شیخنؒ
تِہٕ چھُ یُوہے لفظ استعمال کورمُت۔

اَو ژوُرا لوُٹنہٕ گرے
وونہٕ شیطان ظاہر شونتو
نصر بر تروٗپ لاران چھیے
مکرٕ سرس لبس نہٕ وونتو

آنگنٕ ناد کران چھُ ہونو
بایو میہٕ کُن تہی شُنٕ تو
یمہٕ یتھ ووُدُم تیتھ لونو
ہوٗن چھےُ ونان وُوبادو

زودٕ ژٕ بوز تو کنہٕ وان
یہ ہو مرٕ نہٕ خبر شُنوان
تِتہٕ شُنُ سکلی کا وٹن
نُند ڈوکھ تہ گوناہ گار

چھُہ۔ "کرُود نو مسلمانس پرٛزٕے" ناوی انوانس تحت چھپیہٕ تموٚ اکھ نظم تہٕ لیچھمٕ۔ یتھے کٔنٛہ چھُ تموٚ "وہٕرٛار" لفظ تہٕ ورتوٗمت یُس زٔن بھدروٲہی زبانٕ منٛز اَمی اَیہٕ استعمال چھُ پیدان۔

کام کرُود، لوٗب تہٕ مد اہنکار چھُے
دوزخہٕ نار چھُے دِوان بڑاے
کرشے پہٕ کارن اُنہٕ آدار چھُے
پندس دیار چھی مو کرضا یے
حضرت محمدؐ ہوادار چھُے
ہتھ وہٕرٛارس بنیہٕ پانہٕ خداے

یا

زُوٗ تہٕ اَوٗزٕٹھے پوٗن تہٕ اَوٗزٕٹھے
اَوٗزٕٹھے ژوٗک تہٕ اَوٗزٕٹھے سار
یمن پدن میہٕ وہٕرٛار گوٗزٕٹھے
بار خدایا پاپھ نہوار

بھدروٲہی منٛز چھِہ گوگجہٕ (گوگلی) تہٕ کشتواڑی پاٹھی گوگل ونان یہٕ لفظ تہٕ چھُ شیخ العالمؒ پننس کلاس منٛز گوگل ڈٗنی تھے استعمال کرا۔ د

پاپھ تہٕ پوٗنۍ تتہٕ ہین تولنو بالوٗ تہٕ کےٚ پاے کرٕزو
نگو وہرٕ کنہٕ گرٕشھو چھوٗنو ہوٗن چھےٚ دپان وٕدو باوٕد

ییٚلہِ وو صاحب تٔرٔزٕرے دوزُخ
تیٚلہِ وو تولَن پوٗنۍ تہٕ پاپھ

یِمَن شُرٕکین منٛز چھِہ 'پاپھ'، علاوٕ 'پوٗنۍ'، 'تولنو'، 'تولن' تہٕ 'گیہ بار' ہی لفظ استعمال ہیدۍ متھٕ یِم ضلع ڈوڈٕہس منٛز اَکھی صورتس تہٕ معنیس منٛز ورتاوس چھِہ۔

یتھ شرٕکس منٛز چھُ "پوٗنۍ" تہٕ "پاپھ" علاوٕ "درت" "زمینہٕ ہندِس معنیس منٛز ورتاوٕنہٕ آمُت:-

ژرے دِوِ دَرھتس تہٕ گرھتس پرٕکھ
ژرے دِوِ کُنزرَن ہُندُے چھانپھ
ژرے دِوِ ڈھنو رٕدُستےٚ وُرٕکھ
کُس چھےٚ پوٗنۍ تہٕ کُس چھےٚ پاپھ

حضرت شیخ العالم ؒ یُس دَرٕس صبرٕ تلقین تہٕ جھد حیاتس متعلق دِوان چھِہ تتھ چھیٚنہٕ پینٛز اَکھ بیوٗن شان۔

یُتھ شُرکس منز چھُ "لُولُو" لونٹکس معنیٚس منز آمت ورتاونہٕ یتھ مصدر بھدرواہی زبانٛی منز "لُنتُو" چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ آخری شُرکس منز "ڈُوکھ" لفظ "بدذات" کس معنیٚس منز استعمال سپدمُت یتھ استعمال کشتوار تہٕ اُکس اندٕ کھس منز عام چھُ۔

کاشُر زبانٛی منز چھہِ اَسہِ "وُنٛل" یا "وُنزٕ" وَنان یتھ زن کشتواڑی زبانٛی منز "وُنیار" یا "وُنز" چھہِ عام۔ شیخ العالمؒ تہٕ چھُ پننس کلامس منز "ونزُ" لفظکُ استعمال کوٚرمُت:۔

اُچھن وُنزٕ کٔنن زرگوم    زبانٛی ورگوم دلس کیا تی

ڈھس دِنہٕ تہٕ داتس چھونہٕ    کھُرکرِ بس امر یتھ ٹانتھ
سور آسہِ وارٕ تہٕ ہرنس وُنز    پاژ آسہِ بندٕ تہٕ آزاد گانتھ

"گوناہ" بدلہٕ چھُ "پاپھ" یا "پاپ" شیخ العالمؒ پننس کلامس منز داریاہہ لٹہِ استعمال کوٚرمُت تہٕ یہِ لفظ چھُ ضلع ڈوڈہس منز عام بول چالہِ منز رائج۔

شیخ العالمؒ ہنز اکھ مشہور نظم چھیہٕ "بار خدایا پاپھ نوار" یتھ منز تموٚ پاپھ گوناہن ہندس معنیٚس منز استعمال چھُ کوٚرمُت:۔

کیوٚل کوٚت نیرکھ پنتھانی    نزادہٕ شرٛی مرٛی گیہہ تہٕ بار
یم اَکس بار لدکھ پاپانی    بار خدایا پاپھ نوار

تہٕ اُمی ہنز شکل تہٕ چھیہٕ مسخ گژھان۔ یتھ کنۍ چھُ وری وادن یہ تکلیف برداشت کران کران آخرس انسان رحمتِ حق گژھان۔ یہ زہر چھُ زہریلہٕ سُرف مارنہٕ پتہٕ بناونہٕ یوان۔ طریقہٕ چھُس یہ زِ سُرف مارِتھ چھُ وارِہن دوہن بون کُن آس کرِتھ اُلوند یوان تراونہٕ۔ اُمہِ ہندِس آسس تلہٕ کنہِ چھُ کانہہ باہٕ یوان تھاونہٕ یتھ زن لیُس تہٕ خون یا چربی بیترِ سُرفہٕ ہندِ آسہٕ منز نیرِ سو سپدِ اُتھی بانس منز جمع۔ ییلہِ یہ مادٕ جمع گژھِ اَتھ چھُ یوان کانہہ موٗدُر چیز بیترِ ستۍ رلاونہٕ تہٕ مطلق شخص دوہ دس بیترِ ستۍ یوان کھیون دِنہٕ۔ ییلہِ یہ ہنُ اثر چھُ ہوان تراوُن تُس شخصہٕ ہنز حالتھ چھیہٕ قابلِ رحم بنان۔ اَمی بابتھ چھُ شیخ العالمؒ "گار" برداشت کرنہٕ باپتھ وُنمُت تہٕ لیُس یہ منزل پرادِ سہٕ چھُ خدا صابُس آسانی سان پراوان۔

وَنہٕ اَندٕ وارِتھ ییلہِ گرُس گوڈنچہٕ لٹہٕ زمین واینہٕ چھُ نیران ضلع ڈوڈہس منز چھِہ تتھ گونگل وَنان۔ یہ چھُ اکِہ قسمُک بوڈ دوہ یُس چترِکس رِتس منز مختلف عقید تھاون وٲلۍ پننہٕ پننہٕ آیہٕ مَنادان چھِہ۔ اَتھ چھِہ "سونتھ" تہٕ وَنان۔ شیخ العالمؒ چھُ یہ پننِس کلامس منز محاورِ ہٕ تہٕ علامژ ہندِس معنیس منز۔ ورتوومت۔ یہ نظم "یُس کرِ گونگلُ سُے کرِ کراد" چھیہٕ کٲشر زبٲنی ہنز اکھ مشہور نظم:-

ژالُن چھے وُزلہٕ تہٕ ترٹے     ژالُن چھے مندنین گرٕڈ کار
ژالُن پر بتس کرنہٕ اٹے     ژالُن چھے منز اَکھس ہیوٗن نار
ژالُن چھے پان کڈُن گرٹے     ژالُن چھے کھیوٗن ویٛہہ تہٕ گار

ژُنوٗمُ گنمُ ژھورُم تہٕ گورُم     پرٕ کرٕژ ویٛہہ اہورُم مے
دُہلہٕ دُبس لفٕ سورُم     گارا ہورُم تہٕ سوٚرُم دے

یٚتھ چھُ "پربت" پہاڑکس یا بجہٕ شیلہٕ ہندس معنیس منز ورتاونہٕ آمُت یُس لفظ کشتواڑی زبانٕی منز تہٕ رٲیج چھُ۔ یوٚتام "ویٛہہ" تہٕ "گار" لفظن ہند تعلق چھُ یتھ کُنہ چھُ یمن دوشونی ہند مطلب زہر مگر "گار" لفظس متعلق چھُ لوان وَنُنہٕ زِ یہ چھُ خطرناک قسمُک زہر یمہ باپتھ سنسکرت زبانٕی منز "گرل" لفظ چھُ۔ کشتواڑی تہٕ بھدرواہی زبانن منز چھِ اتھ گار یا "گر" ونان۔ یہ گرہ قسمُک زہر چھُ اتھ متعلق آسہٕ کمنے لوکن واقفیتھ۔ حقیقتھ چھیہٕ یہ زِ یہ زہر چھُ سرکھ زہرس سےٚتۍ وابستہ تہٕ یس تہٕ شخص یہ زہر چھُ لوان دِنہٕ سُہ چھُنہٕ امِکہٕ اثرٕ سےٚتۍ یک لخت مران بلکہ یہ زہر چھُ وارہٕ وارہٕ پننُ اثر کران تہٕ آخرس چھُ انسان اَچھ وٹان۔ لہٰذا چھُنہٕ خطرناک قسمکس زہرس منز شُمار سپدان یمہٕ سےٚتۍ انسان یکدم مرِ۔ اتھ مقابلہٕ چھُ امہٕ زہر سےٚتۍ انسانہٕ ہندی اَتھ کھور ژیتھ گژھان

## الحمدُ وقلُ اللہ التحیاتو

## ہے زُو پایَس ہیتہ

تہ یم لفظ چھ کشتواڑی زبانٕ منز ییتھے کنٕ رائج۔
"ہکھ دِنٕ" چھ پایر دِنکس" یا شور کرنکس" معنیس منز استعمال
سپدان۔ "ہکھ دِنٕ" چھ تھ تہ ونان ییلہِ کانہہ جنگلی جانور بیتر گوپھ منز نبر
کڈنہ باپتھ لوکھ زلتھ شور چھ کران۔ "ہکھ" چھ ونان تیلہِ تہ ییلہِ کانہہ مرِ
گامن منز ییلہِ کانسہِ ہندِ مرنک اطلاع اکہِ جایہ پیتھ بیٚیس جایہ واتناونہ
باپتھ آواز چھیٚہ لوان دِنہ ز" فلانٕ شخص مود" تتھ تہ چھِ "ہکھ" ونان۔
زھولس منز لوسہ تہ آواز لوکھ جمع کرنہ باپتھ دِنہ ییہِ تتھ چھِ "ہکھ" ونان۔
حضرت شیخ العالمؒ چھ قیامتُک منظر بروٚنہہ کنہ تھاوِتھ امی لفظُک استعمال
پچابک دستی تہ فنکارانہ آیہ کران۔ یہ لفظ چھُنہ ووُنی کاشرِ زبانٕ منز
مروج مگر ضلع ڈوڈہس منز چھُ امیُک استعمال عام:۔

پاری پاری نگرٕ تس پیغمبرس
یہندِس دورس رحمت چھیٚہ جاری
کاڈٕ ییلہِ ہکھ لگہِ روزِ محشرس
تس کُن وومیدوار آسن ساری

آدن سونتھ چھُے زٔین اول تے   برونٛھ گرٕ رٕٹھ مال پٔنٛنے تھاو
پتھ پتھٕ گرٕ ھکھ سونتھ چھُے زٔل تے   یُس کرِ گونٛگل سُے کرِ کراو

"تھٔن" چھُ ہیچہٕ ہند یا شٕسترُک مضبوط کیٖل ہیوٚ آسان یُس زمینس منز اَمہِ باپتھ چھُ پوان ٹھاسنہٕ یُتھ زٔن اَتھ پٔتھ چاروٚوے بیتر گنڈِتھ یہٕ تھاونہٕ یِتھ یہٕ سہٕ ژٕلِتھ ہیکہِ۔ اَتھ چھِ کأشرِ پأٹھۍ "ٹِکیٖل" یا "میخ" وَنان مگر بھدرواہی منز چھِ اَتھ "تھٔن" وَنان۔ حضرت شیخ العالمؒ چھُ یہٕ لفظ پٔنٛنِس کلامس منز تمہِ خوبصورتی سان استعمال کوٚرمُت زِ اَمہِ ستۍ چھےٚ ندرت تہٕ خیال آمیزی پأدٕ گأمٕژ۔

رحمت محمدؐ صابنِس دِلس   مرگہٕ وَتہٕ یٖمہٕ تھوو کلما تھٔن[۱]

"تھٔن" لفظ چھُ شیخ العالمؒ "ڈوکھ" یا "بچاوکِ" صوٗرتس منز استعمال کوٚرمُت "گیان" تہٕ "ویلہٕ" ہوٚیِن لفظن چھُ شیخ العالمؒ یٖمہٕ آیہٕ گنڈ کوٚرمُت:۔

موڈس گیا یَچ کتھ تو ڈٕ زے
خرس گور دِنہٕ رادی ویل

سہٕ ویلو ویلو دو تو
یٖمی دڈپے ژٕبتہٕ

[۱] یہٕ شُرک چھُ میٖہٕ نوٗرنامہٕ منز نیوٚمُت یُس زٕ موتی لال ساقی یَن کلیات شیخ العالمؒ۔ حصہ دوٚمس منز پیتھ کٔنۍ چھُ ترتیب دِتمُت ۔ رحمت محمدؐ صابنِس دِلس۔ مرنہٕ وَتہٕ تھووُن کلما نوٗنو

کشتواڑی تہٕ بھدرواہی پاٹھی چھ کلس "شیر" یا "شیر" وَنان تہٕ شیخ العالمن چھ پننِس کلامس منز شیر لفظس ورتاومت۔

ذاڈے پُش دلِپو نواد ذانو
کھییس نہٕ گرُ گیمُن پتہٕ گاو
ژُ پیلہٕ شہُن شیر ووتو
سہٕ روہ ذاتو درینٹھ کتہٕ آو

بہٕ ژریہٕ شیر گرے پارے
چھُہم ژٕتس مِہر بانہٕ

یتھے کنی چھ اسہٕ بعض شیخہٕ رح ہندِس سارِے ہے کلامس منز اسہٕ جایہٕ جایہٕ واریاہ تم لفظ نظرِ گژھان یم کاشرِس منز ووہنی نظرِ چھنہٕ گژھان مگر ڈوڈہ بھدرواہ تہٕ کشتوارکین علاقن منز چھ عام رایج۔ مثلن شوگہٕ (طوطہٕ) اُن (غذا) بوجن (کھین) ژرنی (ژرنی) گیُت (ژھیپھ) لز یا لزلی (شرمندگی) کم (میحنت) بگوان (خدا) دِہ (جسم) پان) گیہہ بار (گرِبار) لوب (لالچ) وِہژار (سوچ) پو (چیوٗن) اُن زل (کھین چین) مکھت (آزاد) دِہن (دوہ) درشُن (جلو) ژہئن (روژُن) زاڈ یا زراڈ (زند

زہرس چھ کشتواڑی زبانی منز "وِش" یا "بِش" وَنان ۔ حضرت شیخ نُورُ چھ زہر باپتھ یِم لفظ یِیمہِ آیہ استعمال کرِتھ :۔

دِش کھیتھ لو وِنہ زُوس تریش سَر
وِشک سو کھ زُوس لو کھ لاس ژرے نصر
یارس تہ شرادوس یُس زِ چھ لورو
تس پوہس تہ ماگس شُن واو

زُبُن الو بر بیتر زالتھ پہ باتے چھُ روزان تتھ چھ کاشر زبانی منز سٹور وَنان مگر کشتواڑی تہ بھدرواہی زبانن منز چھ اَتھ "ساس" "ساہ" یا "سُوا" وَنان ۔ دراصل چھُ یہ "ساس" لفظے یُس شیخ العالمؒ تہ پننس کلامس منز استعمال چھُ کورمُت ۔

ڈمی ڈیھم درژونی گجی
ڈمی ڈیوکھُم دہ تتہ ساس

راتھ تہ دوہ کنہ بیٹھ بورُم
اوسس ساس تہ سپنس سون

عوامچ زبان تہٕ سوٕے زبان بناوٕکھ اظہارک وٲسلہٕ یتھ پیٹھ عربی تہٕ فارسی زبانن ہُند تیوٗت زیادٕ اَثر اوسنہٕ ۔ اَمہِ علاوٕ چھینہٕ پرٕتہٕ حقیقت زِ حضرت شیخ العالمؒ ہندِس خاندانس منز آسہٕ وُنہٕ تہٕ پٔنٕنہٕ آبأیی علاقچہٕ زبانٕ ہندِ لبٕ لہجُک اَثر موٗجوٗد یُس یہنزِ شاعری منز ٹاکارٕ چھُ ۔

دٕچھل جنگُل) میٖتھر (یار دوست) انٛدکار (اَنہٕ گوٚٹ) نرٕک
(دوزُخ) پرٕتیٖتھ (پٔرٛھ) پوٗرُش (اِنسان) باگ (قسمتھ)
سوٗندر (خوٗبصوٗرت) پالکہٕ (ڈوٗلی) نار کنگھ (نار اَلاو) تہٕ مَن
(اَندری دوٚند) بیترِ چھہِ تم لفظ یِم کأشرِ زبانہِ منٛز یٲتہٕ چھہِ
نرٕک پٮ۪دی میتھ نٔتہٕ چھہِ غٲر مُسلِم گرٕنٛے تام محدوٗد روٗدی میتھ تہٕ
تِمَن گرن منٛز تہٕ چھُ وارٕ وارٕ یِمَن لفظن ہُند استعمال کم گژھان
یِمیُک خاص وجہ کأشرِ زبانہِ ہُند باقے زبانَن نِشہِ لین دین چھُ۔
کٔشیٖر چھےٚ چونکہِ قدیم زمانہٕ پیٹھٕ سیاحتُک اکھ اہم مرکز روٗزمُژ
یِتہِ زبانَن ہُند لین دینہٕ موجوٗب پرانیٚن شوٗدِن کأشرِن لفظن
ہنٛز جاے باقے زبانہِ منٛز پھہٕ اَتہِ میٖتھو لفظو ژٹ۔ یِم شوٗدی
کأشرِ لفظ روٗدی ضلع ڈوڈٕکین دوٗر دراز پہاڑی علاقن منٛز
صرف امہِ موجوٗب زِندٕ تہٕ محفوٗظ تہٕ کیازِ یِمَن علاقن منٛز روٗدی
قدیم زمانہٕ پیٹھٕ غٲر ریاستی لُکن ہُند آمد رفت نہٕ آسنَس برابر۔

حضرت شیخ العالم رحؑ سٕندِس کلامس منٛز یِم شوٗدی کأشرِ
لفظ اَسہِ میلان چھہِ تِمیُک واحد وجہ چھُ یہِ زِ تمہٕ ساعتہٕ اوس
اسلامُک آفتابہٕ تازٕ تازے کٔشیٖر ہندیٚن سنگرن پیٹھ طلوٗع
سپدمُت تہٕ بذاتِ خود یتھ گرس منٛز حضرت شیخن رحؑ اُچھ
آبہٕ تُرٲومُت سُہ اوس وُنی وُنی اسلام کِس دایرس منٛز داخل
سپدمُت۔ چنانچہِ تِموٚ بنوو یتہٕ کلامُک وسیلہٕ تمہٕ وقتُک رایج

عواٚمۍ زبان تہٕ سوے زبان بناوٕنھ اظہارک وٚسیلہٕ یتھ پیٹھ عربی تہٕ فارسی زبانن ہُند تیوٚت زیادٕ اثر ओس نہٕ ۔ اَمہِ علاوٕ چھیٚ پرٕتہٕ حقیقت زِ حضرت شیخ العالمؒ ہٕندس خاندانس منز آسہے وُنہٕ تہِ ہنٛز آبآیی علاقچہِ زبانٕ ہٕندِ لہٕ لہجک اثر موٗجوٗد یُس تہٕنزِ شاعری منز ٹاکارٕ چھُ ۔

دٕہپل جنگلؠ) مٲتھر (یار دوست) انہکار (اُنہ گوٹ) نزک (دوزخ) پرتیٖتھ (پٔرٕتھ) پوٗرش (اِنسان) باگ (قسمت) سوندر (خوبصورت) پالکہٕ (ڈولی) ناپرکنگہ (ناپر الاو) پہ مَن (اندری دوند) بیتر چھ تِم لفظ یم کاشرٕ زبانہِ منز یاپہ چھ نزک پیدٕی میتی نہ چھ غٲر مُسلم گرٕنے تام محدوٗد روٗدی میتی پہ تِمَن گرن منز پہ چھُ وارِ وارِ تِمن لفظن ہُند استعمال کم گژھان یتھ میکُ خاص وجہ کاشرٕ زبانہِ ہُند باقٕے زبانن ستی لین دین چھُ۔ کشیر چھیہٕ چونکہ قدیم زمانہٕ پیٹھٕ سیاحتُک اکھ اہم مرکز روٗزمژ ییتہِ زبانن ہُند لین دینہٕ موجوب پرانِن شودِن کاشرِن لفظن منز جاے باقٕے زبانہِ منز یہہ اَڈ میتو لفظو رٹ یم شوٗدی کاشرٕی لفظ روٗدی ضلع ڈوڈکین دوٗر دراز پہاڑی علاقن منز صرف امہِ موجوب زِندہ پہ محفوظ پہ کیاز یِمن علاقن منز روٗدی قدیم زمانہٕ پیٹھٕ غٲر ریاستی لُکن ہُند آمد رفت نہ آسنس برابر۔

حضرت شیخ العالمؒ بندِس کلاس منز یم شوٗدی کاشرٕی لفظ اُسہٕ میلان چھ تِمیُک واحد وجہ چھُ یہ زِ تِمہٕ ساعتہٕ اوس اسلامُک آفتابہٕ تازہ تازٕے کشیر ہندِن سنگرن پیٹھ طلوٗع پیدٕ شُت پہ بذاتہٕ خود یتھ گرس منز حضرت شیخنؒ اچھ آسہٕ نُنراوِ شِ اوس وٗدٕ وٗنی اسلام کس دایرس منز داخل پیدٕشت۔ چناچہ تِمو بنووٕ یِتہ کلامُک وسیلہٕ تِمہٕ وقتٕچ راتِج

رَمبہٕ وُن تہٕ لوٗ یہٕ وُن روٗپ چھُ اَسہِ ژرٕ داہِمہِ صدی منز لَل دێدِ
ہندِین واکھن یعنہٕ واکھن تہٕ نُند رێشی نِن شُرکن منز لبنہٕ یوان۔
لَل دێدِ پتہٕ چھُ اَسہِ اکھ روٗپ 'بانا سُر کتھا یہ' منز میلان۔
"بانا سُرکتھا" چھیہٕ بھٹ اوتارن یا اوتا بھٹن تمہِ وِزِ لیچھمژ ییلہٕ ییتہٕ
سلطان زین العابدینُنی حکوٗمت آس۔ زین العابدین اوس پانہٕ کوٗشُر
لیکھان تہٕ تمی سندِس دورس منز لوگ کاشرِ زبانی بٔڈھاہ وو تھبو۔
بٔڑی بٔڑی عالِم تہٕ فاضِل گیہ پادٕ اتھ دورس منز تہٕ کاشرِ زبانی ہندی
وارِیاہ صِنف آیہ بارسس۔ تمی سندِس دربارس منز آسی وارِیاہ شاعر۔
شُری در، جونہ راج، نوتھ سوم، یودھ بھٹ، بھٹ اوتار بیتر۔
نوتھہ سومن اوس کاشرس منز زینہ ژرِتھ لیوٗکھمت تہٕ یودھ بھٹن
اوس اکھ ڈراما لیوٗکھمُت یتھ ناو اوس 'زین ولاس'، تہٕ بھٹ اوتارن
آس "بانا سُرکتھا" لیچھمژ۔ یمن تخلیقن منز چھیہٕ صرف "بانا سُرکتھا"
لیچھمژ۔ ممکن چھُ اتھ دورس منز آسہن 'دیش بھاشایہِ' منز اَمہِ
علاوٕ تہٕ تخلیقہ سپدیمژ۔ مگر تہند زان کاری چھیہٕ اَسہِ کینہ۔ بڈشاہ
سندی درباری شاعر جونہ راجن تہٕ شری ورن چھیہٕ پننہِ "راج ترنگنی"
منز صرف کینژن شاعرن ہنز ذِکر کرمژ۔
'بانا سُرکتھا یہ' پتہٕ چھیہٕ اَسہِ اَتھ دورس منز زین
العابدین ہندِس زُرِس سُلطان حسن شاہ ہندِس دورس منز (۱۴۷۲-
۱۴۷۲) "سوکھہ دُکھہ ژرِت" میلان یُس کاشرِ گنک پرٛشتن لیچھمژ

# بھٹ اوتارٕ تہٕ

# باناسُر کتھا

## ڈاکٹر بی، این، کلا

کاشُر زبان پیٚیہٕ تھَپہٕ یتھ پاٹھی ترٛوٲہمہٕ صدی منٛز یوٚدوے امہٕ زبٲنۍ ہندی اَنہٕ تار چھہٕ اَسہٕ لفظن تہٕ جُملن ہندِس رٔوپس منٛز کلہن سٕنٛزِ "راج ترنگنی" منٛز تہٕ درینٛٹھی گژھان۔ امہٕ زبٲنۍ ہُند گوڈنیُک نموٗنہٕ چھُ اَسہٕ شِتہٕ کنٹھُن 'مہانے پرٛکاش'، میلان یُس تمہٕ وقتہٕ چہٕ زبٲنۍ یعنہٕ مُقامی زبٲنۍ منٛز لیکھنہٕ آو۔ اَمِچ ذِکر چھیٚ پانہٕ شِتہٕ کنٹھن 'مہانے پرٛکاش' منٛز یتھ پاٹھی کُرمُت:۔

"ہو چیت دُچتام نُتم سروُگوچر یا دیش بھاشیا وِرچیتم آیہ"

یعنے سروگوچر دیش بھاشا، یوسہٕ تمہٕ وِزِ مُروجہٕ دیٚشی زبان اُس تتھ منٛز اَچھِتہٕ 'نتی' ہُند چھُ یہٕ گوڈنیُک پد۔ مگر کاشُر زبٲنۍ ہُند

نوسخہ چھُ وُنی کِنس پوٗنا بنڈارکر اورینٹل ریسرچ اِنسٹیٹیوٹس منز محفوظ تہٕ یہٕ چھُ شاردا رسم خطس منز لیکھنہٕ آمُت۔ بوٗہرن چھُ غلطی کٔرِ امیک ناو نوسخن ہندِس فہرستس منز "باناسرود " دیتمُت۔ یِلہٕ اوتار بھٹ پانہٕ کتابہٕ ہندِس آخرس منز "باناسُر کتھا" وَنان چھُ مثلن:-

'اِتہٕ ہرے سنرگال پُریہ باناسُر کتھا سماپتا، کاتبن

تہٕ چھُ نوسخہٕ کِس پیٹھمِس صفس پیٹھ فارسی زبٲنی منز یتھہٕ پاٹھۍ لیوکھمُت۔ ہِکایتے باناسُر، یِمہٕ ستۍ 'باناسُر کتھایہ' ہند پوچھر چھُ سپدان۔ بوٗہرس پتہٕ چھُ سر جارج ابراہم گریرسنن تہٕ "باناسرودتھ" نوسخہٕ وُچھنہٕ ورلے لیوکھمُت۔

'باناسُر کتھایہ' ہندِن ۹۲ صفن منز چھِ صرف ۸۰ صفہٕ میلان۔ باقے صفہٕ چھِنہٕ دستیاب کیہنہ۔ یِمن پدن (نظمن) ہند تعداد چھُ ۲۹۰۔ اَمہٕ نوسخُک ورق چھُ فارسی زبٲنی منز تہٕ دِنہٕ آمُت۔

اوتار بھٹ اوس زین العابدین ہندِ وقتُک اکھ لوٗڈ شاعر اَمہٕ کتھِ ہُند حوالہٕ چھُ تواریخ دان شری ور "زین راج ترنگنی" منز دِوان یِمہٕ کِنۍ اَمہٕ چھُ نَنان زِ اوتار بھٹ آسہے تھدین عالمن تہٕ شاعرن منز گنزراونہٕ یوان۔ یہٕ اوس سنسکرت زبٲنۍ تہٕ فارسی زبٲنۍ ہُند لوٗڈ بار عالم۔ شری ورن چھُ تس متعلق یتھہٕ پاٹھۍ وونمُت:-

"شاہ نام دیش گرنتھا بدھہ یادگیہ" یعنے تمۍ اوس شاہ نامُک ہیوٗ گرنتھ (کتاب، ہندِ) موٗندمُت۔ اَمہٕ تہٕ چھُ اَمہٕ نَنان

چھیہ۔

اوتار بھٹ چھُ کاشرِ شاعری ہندِ گوڈ کالُک اکھ بوڈ گوَنہ ماتھ مانَنہٕ یوان یمی گوڈنیتھ "لوکِک کاوی" یعنے لوُکہٕ شاعری ہند دس تُل۔ تس برونہہ آس لل دیدِ تہٕ نُند ریشی پننہٕ روحانی تجربہ کاشرس منز ڈنی متی۔ اوتار بھٹن وُنہٕ روحانی پننہٕ زاوی جار کیہنہ تمی وُنی 'باناسُرکھایہ' منز لولہٕ دلیل۔ اَوے وژن تواریخ دان مُحب الحسن پننہٕ کتابہِ "کشیر انڈر سُلطانس" (KASHMIR UNDER THE SULTANS) منزِ تمی دیت کاشرِ زبانی گوڈنیُک 'لوکِک کاوِ' یعنے لوُکہٕ شاعری۔

'باناسُرکتھا' چھیہ اکھ پتر بندھ کاوِ، یُس ہرِ وَنش پُران رِس آدارس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت چھُ۔ اَتھ منز چھُ تمہٕ وقتہٕ چہ کاشرِ زبانی منز کم چھندیاہر ورتاونہٕ یا لیکھنہٕ یوان آسی، پننہٕ تذکرِ شاعری ہند روُپ تہٕ زبان کمہٕ چالہٕ تہٕ انمانہٕ ورتاونہٕ یوان آس، امہٕ شاعری کم رنگ تہٕ اہٕ تار زُڈی متی آسی۔ یمن سارنے ہنز چھیہ اَتھ منز جان پاٹھی عکاسی یدان۔

حالاتی ہنز کتھ چھیہ یہ زِ ایکُ نوسخہ آو نہ ہندوستانی ماہرن اَتھ۔ جرمنی ہندِس بڈِس سکالرس (INDOLOGIST) جارج بوہسرس چھُ یہ نوسخہ راجستھانس منز بیکانیر تمہٕ ورِ لوگمُت یلہٕ سہ سنسکرت مینوسکرپٹن ہنز ژھانٹ کران اوس۔ امِ کتھایہ ہند دوئیم نوسخہ چھُنہٕ وُنس تام کُنہ میولمُت۔ ایک

شاعر ہنز زبہٕ جاے۔ سنسکرت ادبس منز چھُ 'ہرورشیہ' ڈُنی کنک لار پرگیہٕ۔ کیشمندرن چھُ پننہٕ تصنیف "لوک پرکاشس" منز اَمہٕ پرگنک تذکرٕ کورمُت۔ 'سُر گال پُری' چھُ ڈُنی کنک۔ شالہٕ پُر یا شالہٕ پور۔

شاعرس چھُ پننس گورُندسٹھاہ عزت او سمُت۔ گوڈٕ کتھِ منز چھُ شاعر گورس یتھٕ پاٹھٕ نمان:۔

" نمیت رُسے سلہن آچارِس
بُہہ شاستر گنس یش ییِن نیِے
گیان سُمدرس تا آتٕہ آچارِیس
اوتارے باناسُر کیے"

یعنی دارِہن شاسترن زانن وٲلِس، مشہور، گیانہٕ سُودرس، سلہن آچارِیس نمسکار کرِتھ لیکھی مےٚ اوتار بھٹن "باناسُر کتھا" اَمہٕ کتابہٕ علاوٕ چھِنہٕ کُنہِ جایہٕ اَمِس سلہن آچارِیہ سنز ذِکر کرنہٕ آمُت۔

یمو نو قطو کنِ چھِنہٕ اوتار بھٹنہٕ زندگی ہند آکار ٹاکارٕ باسان کینہہ۔ صِرف چھُ تِمی ہنز شخصیژٕ ہنز ژھانپھ باسان "باناسُر کتھایہٕ ہندیٚن تِمو موضوٗع ژورس چھُ تِہندِس رومانی سوبادس کُن اِشارٕ کران۔

باناسُر کتھا:۔ باناسُر کتھا چھیہٕ منز کالچہٕ کاشُر شاعری ہند اکھ اہم فن پارٕ۔ اَمیُک دلیل چھیہٕ ہرِ ورِش پرانہٕ، منز اَدی مٕژ اکھ

زِ اوتار بھٹن آسہن فارسی زبانِ ہنز وارِیاہ کتابہٕ پرمژ۔ مگر سنسکرت تہٕ فارسی زبانِ ہُند عالم تہٕ فاضل آسنہٕ کنہِ تمۍ "دیش بھاشایہ" یعنے باجہٕ زیوٕ منز پنٕز باوتھ۔ یمہِ کنہِ اَسہِ چھُ نَنان زِ باجہٕ زیوٕ ہُند کوتاہ اوس تس سریہہ۔ خوش قسمتی کنہِ چھُ اوتار بھٹن پننہِ تصنیفہِ منز گوڈنیتھے راجیہ۔ رِیتھ تاریخ بیترِ ہوومت مثلن :۔

زینہٕ پانٕ وِملے راجے
شُڈونشی ورشے کتکے
دِوسر سوتھ پوٗجیہ تے آجیہٕ
ہرونشس اندر ڈنتھے

یعنے زین العابدین ہندِس نبرِن راجس منز یمِس راجیہ کران شتوٕ وٕری گامتی آسی۔ کارتکس رِتس منز سرسوتی ہتر پوٗزا کرنہٕ پتہٕ آیہِ میٚ یہ تصنیف ہرونش کس آدارس پیٹھ۔ زین العابدینُن وقت چھُ ۱۴۲۰ء پیٹھ شروع سپدان۔ اَمہِ کنہِ چھیہٕ "بانا سُرکتھا" ۱۴۴۶ء منز لیکھنہٕ آمژ۔ یہ شاعر کر زاو تہٕ کر موٗد امیُک چھُنہٕ کینہہ تہٕ پتاہ۔ مگر اُمی سنز زندگی ہُند زیادٕ وقت آسہِ بڈشاہ ہندِس دورس منز گُذرِیومُت۔ "بانا سُرکتھا" منز چھُ شاعرن پننہِ جایہِ ہُند حوالہٕ ییتھہٕ پاٹھی دیتمُت :۔

'اِتہٕ ہرے سٔرگال پُریہٕ بانا سُرکتھا سماپتا'، ممکن چھُ یہ آسہے

شاعرس منز زبٕہ جاے۔ سنسکرت ادبس منز چھُ 'ہروشیہ' دُنی کھنگ لار پرگنٕہ۔ کیشمندرن چھُ پننہِ تصنیف "لوک پرٔکاشس" منز امہِ پرگنُک تذکرٕ کورمُت۔ 'سرگال پُری' چھُ وُنی کھنگ۔ شالٕہ پُر یا شالہ پور۔

شاعرس چھُ پننس گورِ سند سیٹھاہ عزت اوسمُت۔ گوڈٕ کتھِ منز چھُ شاعر گورس یتھ پٲٹھی نمان:۔

" نمیت رُسے سلین آچاریَس
ہُہ شاستر گنہس لیش یین نیے
گیان سُمدرس تا آتہِ آچاریس
اوتارے باناسُر کیے"

یعنی وارِہن شاسترن زانن وٲلس مشہور، گیانٕہ سوٗدرس، سلہن آچاریَس نمسکار کرِتھ لیچھی میٚہ اوتار بھٹن "باناسُر کتھا" امہِ کتابہِ علاوٕ چھِنہٕ کُنہِ جایہِ امس سلین آچاریہ سنز ذِکر کرنٕہ آمُت۔

یمو نو قطو کنِہ چھِنہٕ اوتار بھٹنہِ زندگی ہِند آکار ٹاکار باسان کینہہ۔ صرف چھُ تمی سنز شخصیژ ہنز ژھانچھ باسان "باناسُر کتھایہِ ہندیس تمی موضوع ژورِ سٕۂ چھُ تسندِس روٗمانی سوبادس کُن اشارٕ کران۔

باناسُر کتھا:۔ 'باناسُر کتھا چھیہ منز کالچہ کاشُر شاعری ہند اکھ اہم فن پارٕ۔ امِچ دلیل چھیہ ہرِ ونش پرانٕہ، منز آنی مژ ایکھ

زِ اوتار بھٹن آسہن فارسی زبانٕی ہنز واریاہ کتابہٕ پرٕمٕژ۔ مگر سنسکرت تہٕ فارسی زبانٕی ہُند عالم تہٕ فاضل آسِتھ کرٕ تمیٚ "دیش بھاشایہٕ" یعنے باجہٕ زیٚوِ منٛزٕ پنٕنژ باوتھ۔ یمہٕ کِنہ اَسہ چھُ نان زٕماجہٕ زیٚوٕ ہُند کوتاہ اوس تس سرٕ یُہ۔ خوش قسمتی کِنہ چھُ اوتار بھٹن پَننہٕ تصنیفہٕ منٛز گوڈٕ بنٕتھے راجیہ۔ ریتھ تأریخ بیترٕ ہو ومُت مثلن:۔

زینہٕ پانٕسے وِملے راجے
شنڈوٕنشی ورشے کتکے
دِ وسر سوتھ پوٗجیہ تے آجیٔے
ہرونٔش اندر وُنتھے

یعنے زین العابدین ہندِس نبرِ راجس منٛز یٚمِس راجیہ کران شتوہٕ وٕری گأمتٕ آسی۔ کارتکس رٕتس منٛز سرسوتی ہنٛز پوٗزا کرنہٕ پتہٕ آیہٕ یہٕ تصنیف ہرونٔش کس آدرس بیٚٹھ۔ زین العابدینٕنۍ وقت چھُ ۱۴۲۰ء بیٚٹھ شروع سپدان۔ امہٕ کِنہ چھیہٕ "بانا سُر کتھا" ۱۴۴۶ء منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہٕ شاعر کرٕ زاو تہٕ کرٕ موٗد امیُک چھُنہٕ کینہہ تہٕ پتاہ۔ مگر امہِ ہنز زندگی ہُند زیاد وقت آسہ بڈشاہ ہندِس دورس منز گُذریوٗمُت۔ "بانا سُر کتھا" یہٕ منٛز چھُ شاعرن پننہٕ جایہ ہُند حوالہٕ بیٚتھہ پأٹھۍ دیتمُت:۔

'ارتہٕ ہرے سٕ گال پُرٕیہٕ بانا سُر کتھا سماپتا، ممکن چھُ یہٕ آسہے

کِنہٕ کھاندر ییدان ۔

کینہہ کال گژھتھ چھ اَنہٕ رُدھ کھاندر کرٕتھ شونت پرٕ گژھان تہٕ پیلہ بانا سُرس کھاندرک پتاہ چھ لگان تہٕ چھ حاران گژھان تہٕ ہرشی ژاپان تہٕ چھ تمہٕ وزٕ تٔمِس فوجس حکم دِوان زِ تِہُند لڑُن انہٕ رُدھس ستی ۔ لڑاے چھےٚ زبردست ییدان ۔ بہادُر اَنہٕ رُدھس برونٹھ کِنہٕ چھُنہٕ کانہہ سپاہ ڈٔرتھ ہیکان ۔ تِم چھ ہتھی یار ترٲوِتھ ژلان ۔ تِم چھِنہٕ کُنہٕ رنگہٕ اَنہٕ رُدھس پوشان ۔ آخرس چھُ پتہٕ دیتہٕ راج بانا سُر لڑایہٕ ہندس مٲدانس منز پانہٕ تیران ۔ تٔمِس وزیرس کمبانڈس ستی رُدھس پیٹھ کھسِتھ چھُ یوٗد کران ۔ اَنہٕ رُدھس رٔٹِتھ چھُ تس ناگ پاشس منز یعنی سرپن منز بند تھوناوان ۔ پتہٕ تس چھ شری کرشن تٔمِس زُرس اَنہٕ رُدھس مدد کرنہٕ خاطر دارِکایہ پیٹھ شونت پرٕ گژھان ۔ تہٕ چھُ سہ بانا سُرس ستی لڑاے کرِتھ تس ساسو نرِو منز صرف زٕ نرٕ تھاوان، تکیازِ تس چھ شنکرن 'ابھے دان' دیتمُت آسان ۔ انہٕ رُدھس چھرٕناوِتھ چھُ تس اُشایہٕ ہتھ دارِکا نوان ۔

دارِکایہ منز چھ انہٕ رُدھ اُشایہ ستی سوکھہ سان زندگی گُزاران ۔

یہ تٲے لولہٕ ڈلیل چھےٚ اوتار بھٹن شاعرانہٕ رنگس منز وٕنِمژ تہٕ چھُنس "بانا سُر کتھا" ناو تھوومُت ۔ یتھ پاٹھی چھےٚ وونی یہ دیومالٲی کتھ روزمژ، بلکہ چھےٚ یہ کٲشرِس ادبس منز رومانی ادبُک اکھ شاہکار بنتھ سونزلہٕ ہندی پاٹھی دلکش بنیمژ ۔ امِکی بیوٗن بیوٗن رس چھِ امہٕ کِس عشقس بوش کھالان تہٕ اکھ مارِ موٗند بناوان ۔ امِکی

اِشارٕ چھُ شاعرن یِتھ پاٹھۍ کورمُت :۔

"ہرونٔش اندر وُنی تھے" یعنے یہ کتھ چھیٖ ہرونٔش منز وُنۍ مٕژ۔ اَکھ دٔلیل چھیٖ شاعرن بڑ زاوی جاریہ سان وُنۍ مٕژ تہٕ اوتار بھٹن چھ اَتھ نٔو DIMENSION دِتمٕژ یمہ کِنۍ یہ چھیٖ سیٹھاہ دِل کش بنیمٕژ۔ یہ پُران چھُ ترٕ ہتمہ صدی ہند مانٕنہٕ یوان۔

ہرونٔش پُرانس منز اَکھ دٔلیل یِتھ پاٹھۍ :۔

پٔتھ کالہٕ چھُ دیٖتہ راج بٔلی سُند نیچُو بانا سُر شو نِت پرک راز آسان تہٕ اَمس چھیٖ اَکھ حسین کوری ناو چھُ اُشا شرٕی کرشنہٕ سُند زیٹھ نیچُو چھُ پردیمن تہٕ پردیمنُ نیچُو چھُ اَنہٕ رُدھس یعنے اَنہٕ رُدھ چھُ شرٕی کرشنہٕ سُند نٔرٕ آسان۔ اُشایہ چھُ اَنہٕ رُدھس سِتۍ دِل لگان۔ سو چھیٖ اَنہٕ رُدھنہٕ خاطر سیٹھاہ کرلشان تہٕ تَس سِتۍ خابس منز شہالہٕ ماران۔ یِمن دون دِلن ہلہٕ ناوَنس یعنے عاشقس تہٕ معشوقس ہلہٕ ناونس منز چھیٖ اَکھ اپسرا یعنے اَژھرس اہم رول ادا کران۔ پٲرٕ چھُ پاروتی یہ اُشایہ وردان (BOON) دیتمُت آسان زِ تَس یِیہ کھاندر اَنہٕ رُدھس سِتۍ۔ اَژھرس چیتر لیکھا چھیٖ دارکایہ منز اَنہٕ رُدھس اُشایہ ہنز دٔلیل بوزناوان تہٕ تٔمسنز بیقراری ہند حال باوان۔ اَنہٕ رُدھ تہٕ چھُ یَمنہٕ دلگ راز چیتر لیکھایہ وَنان۔ آخرس چھُ دارکایہ منز اَنہٕ رُدھس سِتۍ اُشایہ گندرو وِدی (LOVE MARRIAGE)

بانا سُر گاییت رِدِ کام
انجل ھینیت سورس مشو
وِنت نِگدس رچیت پنام

رگ دِش - ہرنس ہش لیس اُچھ آسہ رشتہ آنن -
ژَتندرس ہیوُیں سوندر بُتھ اوس - رگ کامن - ہتہ ہندی پاٹھی یوسہ مَتی منز
پلکان آس - ییٖن ییوٗ دھر لیس سیٖنہ کُبہ موٗڈ تہ دِژدٕ آسی - ارجن وجہ
فولادکی پاٹھی بیٛنیہ ذٕری آسی - بُریہ کیش - موربکھن ہندی پاٹھی یس مس لٹھُر
اوس - سُدھے ادھر - لیٚندی وٗٹھ امرتکی پاٹھی میٹھ آسی - ورکامن - یُسند
حُسن سارِنے تبلاوان اوس یا یوسہ مدنس ژھانڈن وٲچنی آس سُر پیلان
مچ - یوسہ دیوتاہن ہنز لیلا کران آس -
کرتاوت - کرتا مِتھ گوو - رُدٕرس نشوٗ - شنکرس نش - بانا سُر رِدِ
کام - بانا سُر منہ کامن پوٗرٕ کرنہ خاطرٕ یا سوکھ سمپرا حاصل کرنہ خاطر - انجلی
بھنیت - گلٕ گنڈِتھ - وِنت - وہنتی کرنس لیعتے زارٕ پارٕ کورُس رچیت
پنام - نمسکار کرِتھ کرنس وہنتی تہ نِگدس - وٕنتنس -
اُشا یہ ہندس پریمس منز مست آسہ رُدھس نیلہ بانا سُرن
فوج گیر کران چھُ سُہ چھُ مست ہتہ ہندی پاٹھی فوجس سیتی لڑنہ خاطر
ہتھو یارو وَرٕئے نیران تہ اُشا چھیٖنہ پان مارن تہ تس لڑاے نہ
کرنہ خاطر رُکاوان تہ چھس یتھ پاٹھی وَنان تہ لالہ زار کران :-

کینہہ نموٗنہٕ چھہٕ یتھہ پاٹھۍ:-

شنگوے بھویس وبھوس اندر
اُدیس دُیت وِشیش ژرِ ژر
اُش ناو نو ویہٕ ورسونٛدر
بِھونشتھ چرڑاے چترٛ

سبٹھاہ وبھوس ییتے عاش عشرتس منز اوس باناسر۔ کینہہ کال گژِھتھ زاہ تس کورِیس اُشاناو اوس۔ سو آس سبٹھاہ سوندر زن پتہٕ تربن بوٛنن منز (ترین دُنیہن منز) آس سو قدرتن اکس تصویرس منز گرمژ پتہٕ ژرمژ۔

اوتار بھٹس پیٹھ چھُ سنسکرت کین شاعرن منز خاص کرِتھ کالداسن سبٹھاہ سوٛن پتہٕ گوٛن اثر پیومُت۔ اَوے چھُ تمۍ تشبیہہ پتہٕ استعارہٕ ورتاوِتھ اُشایہٕ ہندِ حُسنُک تصویر یتھہ پاٹھۍ کھیونچمُت مثلن:-

مِگ دِش شِشہٕ آنن گج گامِن
بِپن پیودھر اُرِجن وجّ
بِرِیہٕ کیش سُدھے ادھر سا کامِن
ورکامِن سُر لیلان مجّ
کرتاوت گو رُدرس نِشو

چھُنہٕ ویرٛان تہٕ چھیٚہ ہٮ۪نگ موٚختہٕ تار زٕژھٕ ہنٛنس دلبرس تراوان تہٕ کوسم ہرِین ہوٚن کوٗل نرٕ ین منز تس نالہٕ مٔتہٕ رٹان۔ یوٗہے عشقہٕ نار چھُ یتھ پدس منز شاعرن یتھہٕ پاٹھۍ بوٚوُمُت :۔

اُشہٕ چترِ وے زٕژٹٕ گلہار مٔنہٕ مُژ

دٕیتس آلویت پرٕ تاریہ نتہٕ کرنے

بُھج یگ نال بنیت تار شٹھو کُمبرُژ ،

اُشایلہٕ سوٚ ہنٛس منز اٚنہٕ رُدھس وُچھان چھیٚہ تمِ سُندروٗپ یعنے تٔمسنز شکل چھیٚہ اُشاپہٕ امرِتہٕ ژرٕ ڈِس ہشِ میٹھ باسان مثلن :۔

بُے بوٗرِ دٔے زن امرِت گھٹا ،

اُشا آس محبوب ہندِ ین ژھاین تہٕ گراین پتہٕ برونٛہ وُچھان۔ تٔمندی ژھایہٕ گژھِ آسس زُوپاٚری باسان۔ اٚنہٕ رُدھ اوس تیوٗت حسین پٲری ، نظر تراوان اوس تیٚاری آسے ہمپوشہٕ ہمپوش پھولان باسان۔ ہمپوشس وُچھِتھ چھُ انسانس شینہٕ جار ہیوان تہٕ دِلس سکوٗن لبان۔ ژندرمہٕ یتھہٕ پاٹھۍ ہمپوشن پھولراوان چھُ تتھے پاٹھۍ آس تٔمسنز لقا ہمپوشن پھولراوان مثلن :۔

ڈکملے اکملے رژۆ شو بھالے رجن کارِ دشو کملے اِکملے ،

اُشاپہٕ ہند عاشق آسِتھ تہٕ چھُ اٚنہٕ رُدھ لڑایہٕ ہندِس مٲدانس منز وُشن ہنٛز فرض مانان تہٕ چھُ نِہتھی یارو اٹھار آسِتھ تہٕ لڑاٰے کران۔

چھونات از ناکر سمیت اِنے مارنے
کُشنے پاش مُکرا پیاما گرٛتھ مارنے
ژاک اشرناکارِ تے کوچ کان دارنے
این یودھ کُکر پیاما گرٛتھ مارنے

ہے اِنہٕ رُدھ ! لڑاپہٕ ہُند آلو بوزِتھ مہٕ نیر لڑاپہٕ خاطرٕ، تکیاز یہُند فوج (بانا سورٕن) ماری ژٕریہ۔ یہٕ دِمہٕ ہُٹس پھانٛسی دِوِنہٕ۔ میانہٕ جگرٕ کھانٹیا! مہٕ گرٛتھ لڑاپہٕ، ژٕ گیاہ کرِکھ اکہٕ ہتھی یارٕ ستیٕ۔ تمن چھہٕ داریاہ ہتھی یارٕ تیر کمان۔ کوژ (                    ) بیترٕ۔ یمن ستیٕ کُس ہیکہٕ لڑاے کرِتھ۔ ہیوٹا ھیا مہٕ تہٕ گرٛتھ ہتہٕ مارہٕ موکھہٕ لڑاے کرِنہٕ۔

اَتھ منز چھُ 'پیاما گرٛتھ مارنے' اَتھ پدس یعنے بندس چھہٕ ژٕ معنے۔ یعنے یہ چھُ اِنہٕ شاعرن شلیش النکارس منز وَنمُت۔ شلیش النکار گوو سُہ یتھ ژٕ معنے آسن اَتھ چھہٕ انگریزی پاٹھی وَنان (PUN) مثلن ؛۔

پیاما گرٛتھ مارنے۔ گوو ہیوٹا ھیا۔ ژٕ ما گرٛتھ مارنہٕ خاطرٕ۔ بیاکھ مطلب چھُس یتھہٕ پاٹھی :۔ 'ما گرٛتھ رنے' یعنے لڑاپہٕ مہٕ گرٛتھ۔ یہٕ پد چھُ بانا سُرکتھایہٕ منز سلٹھاہ ماری موٗند۔

ییلہٕ اُشا بِنتِس مونس اِنہٕ رُدھس رُکاوِتھ چھنہٕ ہیکان تہٕ لڑاپہٕ منز چھُ سُہ بانا سُرن سپاہن               چھوکہٕ لہ کرِتھ یا مارِتھ واپس پوان تہٕ اُشا یہٕ ہندِس دِلس منز چھیہٕ خُشی ہنز لہر دوران۔ سعہ

جان کیہنہ تکیاز لڑایہ ستۍ مرن لچھ بدی بہ گوناہ اِنسان۔ مَتہ اَنہٕ پننہٕ خاطرٕ تہٕ لوکن ہند خاطرٕ ونہاش مُنگھ۔ یعنے لوکن ہُند مرُن مَتہ کانچھہ، مَتہ وَنہٕ ادر پدر کیہنہ۔ اَمہٕ کتھہ ہنز باوَتھ چھیہٕ ییتھ پاٹھۍ :۔

شینت ونو کھباڈے بانس
اوُنت منگیت کِت وِناش
یودھ مہادُسہ اے پانس
چل / ژل / دلیوا اپہ وژن مپہ بھاش

بانا سُر کتھا پہ منز چھہٕ شاعرن سنسکرتکۍ تہٕ کاشرۍ چھند ورتاوۍ مٕتۍ۔ سنسکرت چھندن منز چھہٕ۔ مالنی۔ مندا کرانتا۔ سرگدھرا۔ مَتہ میور۔ شاردول وکرڑی ۔ درُت وِلمبت ۔ پرتھوی۔ توٹک۔ تہٕ مدھیا۔ پُشپتا گرا۔ ہرنی بیترِ۔ کاشرین چھندن منز چھہٕ کھددو۔ چھرو۔ ڈکٹکا۔ کڈ وکرڑیا۔ کھدو بہرس اسہن اَمہٕ کنہٕ کھدو ونان تکیاز پہ بہر چھہٕ کھد یوان پرُنہٕ ۔ ادتار کھٹس پتہٕ ورتاونہٕ یم بہر کانہٕ تہٕ۔

لوٗت تانۍ "بانا سُر کتھا پہ" ہُند تعلق چھُ اَتھ منز چھہٕ اَسہ سنسکرتکۍ تتسم تہٕ اردٕ تتسم علاوٕ پراکرتکۍ تہٕ اپھرنش زبانۍ ہندی بیوٚن بیوٚن روٗپ میلان یم لسانیاتی زاوی جارس تہٕ کاشر زبانۍ ہندین الگ الگ دورن ہنز نشاندہی کران چھہٕ۔ اَمہٕ علاوٕ چھہٕ اَتھ منز دیسی لفظ تہٕ استعمال پید یمتۍ مثلن :۔ ٹنگ، لمچ، ٹنبچ، ٹمانی، شیوٗریت، پھروس بیترِ۔ کامہٕ زبانۍ ہندی

لڑایہ ہُند آلو بوزِتھ چھُنہٕ اَنہٕ زُدھ ژھوپہٕ دم کٔرِتھ روزُن یژھان۔ سُہ چھُ سونچان زِ تیٚلہٕ چھُ میون یادو کوٗلس یعنے خاندانس منز زلیٚون فضوٗل تہٕ پریم کٔرِ زالس منز۔ ولہٕ یُن تہٕ چھنہٕ وُنی کینہہ مُناسب کیہنہ۔ اَمِچ باوَتھ چھیہٕ یتھ پدس ( VERSE ) منز ۔

دِھک دِھک میاٗنِس یادو جھس
ونہٕ اچامج لچان
یُدھ کرانیت سوکھس
اُشے اتھ چھون اِیہ تھان

راکھس رِکھہٕ پاٹھی اُسی لڑایہ منز ژلان تہٕ کرکہٕ دِوان اَیک تصویر چھُ یتھ پاٹھی :۔

چلے ناد رچیت تراویت رَتھ گوڑے تہٕ شکش
شوٗن کوچ جانہ بانْدھ کرتے نانا شر بھیے کرا
بھڈے بھارو دِین پزوان گئے اُشین یُدھ پُنا
یٔلہٕ ژاے وُنان گُمان مہاویر یندر نِشے ڈُپنا

راکھس ژٔدرِتھ، گٔدٕ، کوژ، بیتر خوفناک ہتھیار ترٲوِتھ تہٕ ژایہ جنگلہٕ کین گوبَن منز۔ یٔلہٕ تم بیٚیہ لڑاے کرنہٕ آیہ تہٕ تمی مہاویر یندرن یعنے بلہٕ وپرن مارِ تم بیٚیہ تہٕ۔

اکہٕ لٹہٕ چھُ امن پسند وزیر کُمبانڈ گھنڈی رازس یعنے بانا سورس نصیحت کران وُنان۔ ہے بانا سور ! لڑاے کرُنی چھیہٕ

جان کیہنہ تکیاز لڑایہ ستی مرن لچھ بدی بہ گوناہ انسان۔ مہ انہ پننہ خاطرہ لوکن ہند
خاطرہ وناش منگجھ۔ یعنی لوکن ہند مرن مہ کانچھہ مہ ونہ ادر پدر کیہنہ۔ امہ کتھہ ہنز باوتھ
چھیہ یتھہ پاٹھی:۔

شینت ونو کھباندڑے بانس
اونت منگیت کیت وناش
یودھ مہادس اے پانس
چل زل دلوا ایہ وزن مہ بھاش

باناسر کتھاپہ منز چھ شاعرن سنسکرتکی تہ کاشرِ چھندورتاوی متی۔
سنسکرت چھندن منز چھ۔ مالنی۔ منداکرانتا۔ سرگدھرا۔ مہ میور۔
شاردول وکری۔ درت ولمبت۔ پرہرشنی۔ توٹک
تہ مدھیا۔ پشپتا گرا۔ ہرنی بیتر۔ کاشرین چھندن منز چھ کھدو۔
پھرو۔ ڈکلٹکا۔ کڈو کرڈیا۔ کھدو بہرس اسہن امہ کنہ کھدو ونان تکیاز
پہ بہر چھ تھد یوان پرنہ۔ اوتار بھٹس پتہ ورتاونہ یم بہر کانہ تہ۔
لوت تانی "باناسر کتھاپہ" ہند تعلق چھ اتھ منز چھ اَب
سنسکرتکی تتسم تہ اردھ تتسم علاوہ پراکرتکی تہ اپبھرنش
زبانی ہندی بیون بیون روپ میلان یم لسانیاتی زاوی جارس تہ
کاشر زبانی ہندین الگ الگ دورن ہنز نشاندہی کران چھ۔ امہ
علاوہ چھ اتھ منز دیسی لفظن تہ استعمال پیدہمتی مثلن:۔ ٹنگ،
لچھ، ٹنبچ، ستحانی، شیوریت، پھروس بیتر۔ کامہ زبانی ہندی

لڑایہ ہُند آلو بوزِتھ چھُنہٕ اَنہٕ زُدھ ژھوپہ دم کٔرِتھ روزُن پڑھان ۔
سُہ چھُ سونچان زِ تیٚلہٕ چھُ میون یادو کولس یعنے خاندانس منز
زلیوٚن فضول تہٕ پریم کِس زالس منز ولنہٕ یُن تہٕ چھُنہٕ وُنی کینہہ مُناسب
کینہہ ۔ اَمِچ باوتھ چھےٚ یتھ پدس ( VERSE ) منز ۔

دِھک دِھک میانِس یادو جِس
ونتہٕ اچامج کچان
یُدھ کرانمیت سوکھس
اُشے اتھ چھون اِیہ تھان

راکھس کیٚتھہٕ پاٹھۍ اَسی لڑایہ منز ژلان تہٕ کرکھہٕ دوان اَمیک
تصویر چھُ یتھہٕ پاٹھۍ :-

چلِے ناد رچیت تڑاویت رٔتھہٕ گوڑے ترشِکش
شوٗ کوچ جانہٕ باندھ کرتے ناناستر بھیےکرا
بھڑے بھارو دِین پڑوان گئے اَشین یُدھ دِھ پُنا
یٚیلہٕ ژاے وُنان گمان ہماوِ پریندر نشےٚ ڈُپنا

راکھس ژ‌ٗلارتھ، گرٕی، کوژ، بیتر خوفناک ہتھیار تراوِتھ تہٕ
ژاپہٕ جنگلہٕ کین گوہن منز ۔ یٚیلہٕ تم بیٚنیہ لڑاے کرنہٕ آیہ تہٕ تمۍ مہاویریندرن
یعنے بلہ وِہرن ماری تم بیٚنیہ تہٕ ۔

اکِہ لٹہِ چھُ امن پسند وزیر کُمباندٹ گھنڈی راز سن یعنے بانا
سورس نصیحت کران وُنان ۔ ہے باناسور ! لڑاے کرنی چھےٚنہٕ

لفظ چھ پیٹھ پاٹھ :- کوٗر، پرٛاڑ، کھاڑیت بیتر - پیٹھ پاٹھ چھیہٕ "بانا کتھا" کاشرس ادبس منز رؤمانی ادبچ مولادار تہٕ چھیہٕ لۍ یاتی دورکین گوشن گاشراوان تہٕ چھیہٕ نہنز تابعدار -

# کِتاب نامہٕ


1, KASHMIR UNDER THE SULTANS :

MOHIB-UL-HASAN

2, زین راجترنگنی : ایڈیٹر :- شری کنٹھ کول

3, ہرِ ونش پُران :- ایڈیٹر :- پنڈت شری رام شرما آچاریہ

4, STUDIES IN KASHMIRI : J.L KOUL

5, KSHAMENDRA'S LOKAPRAKASHA

EDITED BY PRO. J.D ZADOO

6, A COMPARATIVE STUDY OF KASHMIRI AND SANSKRIT LANGUAGES (UNPUBLISHED THESIS OF DR. B.N. KALLA)

# مہجورنہِ شاعری منٛز تغزُل

رحمٰن راہی

تغزُل چھُ سانہِ ادبی تنقیدُک اکھ سیٹھاہے مُبہم اصطلاح تہٕ محض امکہِ
تُہلہِ کنہِ ادبی تخلیقہٕ مُتعلق کانہہ سنجیدٕ تہٕ صٔریح کتھ باتھ کرٕنۍ چھیہ تقریبن
ناممکن بنیدان۔ لوغوی اعتبارٕ چھُ تغزُلس شارٕ صنفو منٛز غزلس سۭتۍ
واٹھ۔ ویسے تہٕ چھُ یہ اصطلاح لیسہٕ پاٹھۍ غزلس مُتعلق بحثس
منٛزٕ ورتاونہٕ یوان آمُت۔ پوٚز دِقت چھیہ یہ زِ تغزل کہِ
حوالہٕ غزلہٕ چنٛن یمن خصوصیژن ہُنٛد داد دِوان آمٕتۍ چھِ تِمہ چھیہ
غزلہٕ علاوٕ دوٚیمین شارٕ صنفن منٛز تہٕ جایہ جایہ نظرِ گژھان ،
مثالے اَندرٕ ووٚن ، پانہٕ باوتھ ، تخیُلُک توشہٕ جذبُک تہٕ ورٛزارُک
رٔل ، رمزٕ تہٕ ایما ، ژھوچر ، گجرٕ تہٕ سازُت بیترِ۔ کتھ چھینہٕ شاعری

تس نش چھُنہٕ تتھین شارن ہُند تعداد تیوٗت زیادٕ یمنا مغز. لگ منفرد روح ستھ شُرٕ ہینچھ آسہٕ۔

لولہٕ ورژُن چھُ کاشُر زبٲنی ہنز اکھ سیٹھے وۄز شار صنف یوسہٕ پننہٕ بہترین صورژن منز مشتمل چھیہٕ آسان گینتہٕ کس جذبل مگر اونوے تہٕ نرم سازن تس تہٕ جذباتن ہنز بیہ تکلف باوژ ہیٚنٛھ تہٕ یتھ منز نظمہٕ ہُند ہیٚو موضوعہٕ تسلسُل، غزلچ ہش رمزیتھ تہٕ ایمائیتھ آسان چھیہٕ۔ یزر چھُ یہ زہ میجور سُنٛد نش چھُ اسہٕ باس لگان زِ سہ چھُ پننہٕ نس پیشرو رسول میرس نش فیضان پراوتھ گوڈنچ لٹہٕ کاشرس منز اکھ تیتھ غزل تخلیق کرنچ کوشش کران یُس زبٲنی ہنز جدلیژ تہٕ تخیلہٕ کر تحرکہ کنی اکہ اند رسول میرس نشہٕ اکھ قدم برونہہ کُن باسہہ ہے تہٕ بنیہ اند گویا مرزا سودا سند کھوتہٕ زیادٕ میر تقی سُند ہم مزاز آسہٕ ہے۔

یم واقعات نظرِ تل تھاوتھ ہیکہ میجورنہٕ شاعریہٕ منز تغزلہ کہ عنوانہٕ سٲنی کتھ باتھ شار صنفن ہند کنہٕ تخصیصہٕ ورٲے محض اکھ عمومی نوعیژ ہنزے کتھ باتھ اُستھ۔ ڈن گوو یہن یہ کوشش کرنہٕ زہ میجورنہٕ شاعریہ منز موجود کینژن تہ ژھن خصوصیژن ہنز سید نشاندہی یمہ غزلس منز تہٕ لیلہ یا ٹھ جاے رٹان باساں چھیہٕ۔

کنہٕ شار تجربس متعلق ییلہ داخلی تہٕ خارجی ہوُن پھر ہوکن ہنز ذکر پیدان چھینہٕ تمہٕ ساعتہٕ چھینہٕ مطلب کنہٕ قسمی

تامہِ محدوٗد۔ یہ قسمچ بیشتر خصوصیت ہیکو کھ بعضے نثری تخلیقن منز تہِ لبتھ۔ اوکنی چھ امہِ گاچہ بےٚ تخصیص تنقیدک مول تہٕ مرتبہ آسان زٕ مثالے ڈاکٹر یوسف حسین خان، ہوٚن صاحبِ ذوق حضراتن ہند باپتھ تہِ چھ ادبی تنقید افہام وتفہیمکس اولمس سوٗتھرس پیٹھ تہٕ یہ ڈیپہٕ زٕ تہٕ نظرین پٹھنچ نے پسند ہن پینن اکس حدس تام اندرپہ واسے (SUBJECTIVE) ڈائرس منز شرہ کان۔

فارسی، اُردوٗ تہٕ کاشرِ تنقیدکس توارخس منز چھ یُس سون ہمکال شمس الرحمان فاروقی یمی غزلہٕچن واقعی پھیرہاو خصوصیژن ہنز نشاندہی کران کران تغزلکس اصطلاحس واریاہہ کالہ پتہٕ تمیک مخصوص معنہٕ تہٕ پرزنتھ عطا کرمژ چھیہ، یہ ونتھ زٕ لسانی تہٕ صوتی اعتبارٕ کینژو نیرٕل خصوصیژو علاوٕ چھ غزلس اولمی تہٕ اہم ترین پرزناون نشانہٕ: داخلیت، غارِ واقعیت تہٕ بلواسطگی۔ اما پوز اَسہ ژلہٕ نہٕ امہ ملاکارٕ بیانہٕ ہتیہٕ تہٕ ژٕڈ، تکیاز سون تفویض شدٕ موضوع سوٗ نن چھُنہٕ کانہہ میر تہٕ سودا یا غالب تہٕ اقبالؔ بلکہ کاشرِ زبانی ہند شاعر غلام احمد مہجور زٕ یُہند کلامک سیٹھاہ حصہ یودوے ترنن منظومن پیٹھ مشتمل چھ یمہ ظاہری شکلہِ صورژٕ کنی غزل ہشہ باسان چھیہ، مگر یندی واریاہ غزل یا تہٕ عنوانہٕ ورائے نظم چھیہ یا یمہ پننہ کتھ کلامہ، اشار اطوارٕ تہٕ تلہ نزاوکنی غزلیچ تہٕ لولہٕ وژنیچ بلہٕ مِش باسان چھیہ، تہٕ

یرٛژھ شاعریہ منز چھیہ تجربچ کم وبرٛژارٕ جذباتی نوعیت، زبانی ہنز اٚنگنگرِی تہٕ بےٚ تکلفی، لبہٕ لہجچ نرمی تہٕ سرِ صدٕ ہنک ترنم نمایاں باسان۔ مہجورن عشق چھُ بسا اوقات اکھ تازٕ بالیغ عشق باسان زِ یتھ منز وبرٛژار تہٕ تخیلہٕ کھوتہٕ زیاد چھُہ پنچ، باسیچ تہٕ اماہچ فراوانی آسان چھیہٕ، یُس لوٗرکی پاٹھی پھولان تہٕ پوشکی پاٹھی سوسان چھُ تہٕ بلبلہٕ ہندی پاٹھی پچان تہٕ نالان چھُ۔ یُہے وجہ چھُ زِ مہجورنس لولہ بیاتس منز چھیہٕ سو ترٛٹ کتھ خال خالے میلان یوسہ بقولِ غالب غمکی سوزن پرورد کرٕمژ آسان چھیہٕ۔ یرٛژھ شاعریہ منز ہرگاہ نہ غزلس سٕتی مخصوص تمار واقعیژ تہٕ بلواسطگیہ ہنز حکمرانی باسان چھیہٕ مگر ترٛژھ کینہہ خصوصیژ چھیہٕ یمان یمن کنٛہ انگریزی اصطلاح لریسزم یعنی تغزلیتہٕ اشارٕ کران چھیہٕ:

| | |
|---|---|
| از روز سانے | دلبر میانے |
| بوز نند بانے | دِلبر میانے |
| خان پارا دم | کھاٹھ برٕ نادِم |
| ہاوسہ چانے | دلبر میانے |
| ساتھاہ روز تو | دِلہٕ زار بوز تو |
| شلہٕ پدمانے | دلبر میانے |
| بلبلہٕ شند عذاب | لولک اضطراب |

اَب بند علاقہٕ قایِم کرٕنۍ آسان تِکیاز تجربٕچ جدیاتی فطرتھ تظرتِل تھاوِتھ چھُنہٕ اَندرمہٕ تہٕ نیبرٕ مرچہٕ باہمی اثراندازی تہٕ اثرپذیری یہٕ نکار کرُن ممکن۔ پتہٕ گوو کانہہ شاعرس داخلی یا اَندرٕ واسی وَنہٕ تلہٕ چھُ مراد آسان زِ یتھ ہیو شاعر چھُ کُنہہ تہٕ تجربس خارجی چیزو یا حقیقژو بجایہٕ پننی ذاتہٕ ہندِ حوالہٕ زِنان پرکھان۔ مہجورس نِش چھہٕ اَسہٕ دوشوٕنی ذاتژن ہندی تجربہٕ میلان۔ تِہندِس کُلیاتس منز چھہٕ گرُوہ بندی یہٕ ہندی زِ اصطلاح نظر گژھان: کلام تہٕ پیام، یِم داخلی تہٕ خارجی وچھن ترایو موجوب تِہندِین تجربن ہنز۔ حاوی کیفیژ ہندی اشارٕ بنان چھہٕ۔ "پیام" وانِس حصس منز چھیہٕ تژٕ یہن مہجورٕنی وطنی تہٕ سیاسی شاعری شامِل، ییلہٕ زَن "کلام" والہِ حِصک غالب موضوع لولہٕ جذباتھ تہٕ وارداتھ چھہٕ تہٕ یَنیہٕ شاعرٕ سندِ احساسہٕ اُکس منز قُدرتہٕ کین کینژن مظہرن ہندی عکس۔

لولہٕ جذباتن تہٕ وارداتن سٕتی واٹھ تھاوَن واجنہٕ مہجورنہٕ شاعری ہنزٕ زِ خصوصیژ چھیہٕ گوڈنچی نظر توجہس لوٕنچن لمان: یِیدِن سادن لولہٕ جذبن ہنز ہاوٕ باوٕ تہٕ تنگری ورآے باوتھ یتھ لفظچ تہٕ لہجچ نرمی لرلوٕر آسان چھیہٕ تہٕ ورنگ تہٕ آہنگُک لو توٕے سازٕت۔ یِم دوشوے چیز چھہٕ "کلام" مہجورس منز شامل بیشتر غزلن بلکہ نظمن تام لولہٕ ورژنگ مرازٕ عطا کران۔ اَتھ ضمنس منز چھیہٕ یہٕ کتھ خاص کرِتھ توجہس لایق باسان زِ مہجور اوس پننی شاعری کُنہٕ پرتہٕ ینہٕ والہِ چیز کھوتہٕ زیاد اکھ گیوٕنہٕ ینہٕ وول چیز زانان۔

تہٕ لولہٕ وٲری داتھ "صاف تہٕ سربسر" بیان کرنک تُنٛد شوق چھُ تِہنٛدِ طرزِ بیانچہٕ حاوی نوٗعیتہٕ ہنٛز تخصیص کران۔

دلدار دِیار روز بہٕ عشقٕچ سفر وَنے
نُنٛہٕ پاٹھٕ ونے، صاف ونے، سربسر ونے

تِتھی کِنۍ لولہٕ وَژن تہٕ غزل چھِ کلام مہجورکی وِسہٕ تہٕ وُجھہٕ زیمن منٛز تحریکٕ سَنٛزر، جذباتن ہٕنٛدٕ کہٕ تہٕ شوزر بیانچ بلاواسطگی یعنے سپدٕت تہٕ ہر صدہچ لطافت اکھ اکس ستی رَل پَیدٕتھ دلپذیر جذبل نغمن زنم دِوان چھِ یمو منٛز اکثرن منٛز اکہٕ تازٕ بالِغ لولچ زنگ تہٕ تیٚہہ تہٕ تمہٕ کۍ وُژن حد تہٕ محسوٗس پدان چھُ:

روز روز بوز میانۍ زار مدٕنو
لولہٕ چانہٕ چھیس بیمار مدٕنو
ژٕہے میون غمخوار ژٕہے میون ستمگار
ژٕہے چھُکھ تہٕ ژٕہے ہا بلغار مدٕنو
نظرٕے چانہٕ ستی بیمار بلیہ کیتہٕ
میانہٕ وِزہٕ لوگتھ بے آر مدٕنو

---

شامن اینوم سالے، کورمس میہٕ دل حوالے
پھیرتھ سہٕ دراد کالے، بیہٕ آم لول، بیہٕ کر

---

۱؎ اتھ لفظس چھُ "عار" لیکھُن غلط۔

گُل کیاہ زانے　　دلبر میلے نے

لولہ ہوٚت میون پان　　یوٚد گژھہِ پرٛانان

لول ما پرٛانے　　دلبر میانے

اندر وٲسی شاعری یہِ باپتھ چھینہٕ لفظن ہنٛز کینہہ صوٗتی خصوٗصیژ خاص کرِتھ اہم باسان۔ چنانچہِ غزل گو شاعرن منٛز (بامے ہم کُنہٕ تہٕ زبٲنی ستی وابستہٕ آسن) چھیہٕ یہِ ترٛاے عام زِ تیٚتھین لفظن تہٕ ترکیبن گژھہِ گوڈٕ ہوارٕ دِنہٕ یِنہِ یم ARTICULATION یعنے تلفیظ کِنہِ سہل پاٹھی ادا سپدن وٲلی آسن۔ مہجورس متعلق چھُ مشہور زِ سُہ اوس پننہِ کانہہ تہٕ نغماتی تخلیق شایع کرنہٕ برونہہ گوڈٕ پننِس خاص گیوٚن وٲلِس اَتھِ گیوناوان تہٕ ہرگاہ کُنہِ کانہہ گو بر باسان اوس سُہ اوسُس دوٗر کران۔ اَتھ کوٗششہِ دوران چھیہٕ مہجورن پانس برونٛہہ ین شاعرن ہنٛز سنسکرت شعارِ یہِ تہٕ فارسی پسندیہِ لُشہِ اَدٕ لیوٚتاہ پیلُس تہٕ تیوٚتاہ دٔل دوٗر ژٕھٹھ اکھ مُعتدِل، ملایم تہٕ میٹھ زبان ورتاوٕنہٕ حالانکہِ شعوٗری سوٚتھرس پیٹھ اوس سُہ بعضے شوٚد تہٕ چھُر کاشرُ لیکھنچ گوتہٕ تہٕ گژھان یِمہِ کِنہِ سُہ سنسکرت تہٕ فارسی زبٲنن ہندیو ہمو نہانخانو لُشہِ دوٗر یوٚم کانٛہِ بیٚیِس شاعرہِند بالاوُڈ تخیلہٕ باپتھ زیاد کُشادٕ فضا تہٕ باوژ ہنٛز نرلتا یہِ باپتھ زیاد اثردار وسیلہٕ موہیا ہیکہٕ ہن کرِتھ۔ یہِ پزھاز

دل میون تھوٚوٕ توٚن منٛز پھوٚلدانن　　یہِ پلبوسوٚنبلستانن منٛز

باعث اندر وَنان چھُس احوالِ دِل گو لابس
کوٚزانہٕ روبروتس وَنہٕ نَس میٚہ وار آسیا

پرٛژھن وِزن چھُ تخیلُک، صورتِ حال تہٕ منظر چھِ بازآفریٖنٕہ ہنٛد ذٔرۍ یہِ تھٔٹِن دُنیہن نقاب بٔتھِ پیٚٹھ تُلان یمہ زلوان تہٕ چھِ شاعرٕ سٕنز ذاتژ منز مگر تمہٕ ذاتژ نشہٕ بدوٗن چھُ تمن پنُن اکھ خود موختار وجوٗد آسان۔ یژھ شبیٚہہ چھِنہٕ صرف ڈرامٲیی جابے حرکژٕل آسان بلکہٕ چھُ تمن منز کینژھا ڈٲلیہٕ چالہٕ ہیوٗ طِلسماتھ تہٕ کینژھا اوٚسطوٗرن ہنٛد ہیوٗ گنٛاشُت ژھمبرابہٕ وان:

واش پیلہٕ کوٚڈ تمہٕ زُلفِ پیچانَن
گاش روٗد ژوٗرِ دُرِ دانَن منز
مُشک دار واو ژاو منز گُلستانَن
جاے تمہٕ رٔٹ پرٛستانَن منز

---

واو صُبحُک سُلہِ اوس لاراں
تنبہٕ لیو مُت کتام ژھاراں
خَندپوشو کُرس جایہٕ جایے

---

پھیٚرِ پھیٚرِ میٚہ وُچھو مارِ منٛتی سٕنز برانٛژ لوٗشن کٔن

چانہ درشنہٕ اَتھ نشاطس لٔج پھٔلے، پھوٗج شالہ مار
پوشہٕ مَتہ بٔنِیہ ترٛیٚزہے ڈٔل، سرِبسر آپرٕ ی زہے

---

یوٗد شہ دِلبرٕ مرشہٕ تراوِتھ بیوٗد میہٕ کُن کرِہے نظر
شۍ اوشن زن ہی بہ پھولہ ہا، یاوِنس ژھوٚہ ماہ ہا

---

کامہٕ دِو کرٕ ساۆ ڈٔل، بوزُم شبس نرِ تیل بِل
درشنس آبس اندر پمپوش لاگِتھ پرٛاہ ہا

---

ہا گُلو توہہٕ ماسا وُچھوٚن یار میون
بُلبلو! تۄہئ ژھاری تون دلدار میون

ڈُنی دِوان پوشن، پرٛژھوم ییمبرزلن
"توہہٕ کٔژ ماآوشہ جودو گار میون؟"

"ہیہٕ پوشکۍ پاٹھۍ گنٛدرام زندگی" تجربہٕ کرٕ امہٕ سبزرٕ باوجوٗد یٚلہٕ تہٕ مہجوٗرنس حُسنہٕ بیانس تہٕ لولہٕ باوژ منز تشبیہہ تہٕ استعارہ معنےٰ آفرینیہ باپتھ پرواز ثمن، ہوان چھِ تۄہۍ وچھن وژھر (PERSPECTIVES) تہٕ نوٕ دِشاہ چھِنہٕ دیدمان نیران۔ مہجوٗرن چھُ پننِس اوسلوٗبس منز گاہ گاہے یٚژرن واجنہٕ بلو اسطگیہ یعنے اَبیدِ تِس کُن پانہٕ تہٕ اشارہ کوٚرمُت:

ڈلِتھ پننہٕ الگ ہیٚن وجوٗدُک احساس سپدُن ہوان چھُ۔

کامہٕ دِو کرِ ساٲلِ ڈلِ لوٗزُم شبٕس ترتیلِ بلہ

درشٕنس آبس اندر ہمپوش لٲگِتھ پرٛاراہا

کُجا سہٕ جسمانی صورتِ حال زِ "گچھ کُٹھ اچھ دٲر روزے پارٲوِتھ" یا

"زِ آلہٕ وس تہٕ لرِ پان ساوس" تہٕ کُجا آبس اندر ہمپوش لٲگِتھ درشٕنس پرٛارنُک

تصور۔ یی گو وجدٕبس تحلیلُک پرتو ییٚنکُ سِلسلہٕ شروٗع سپدُن تہٕ لولہ

وژنُک حقیقی غرٕبس کُن قدم تراوُن ہیوٚن۔ اتھ سلسلس منز چھُ حُسنس

متعلق مہجوٗرُن مخصوٗص داتینار ( APPROACH ) وُچھُن لایق۔ محبوبہ

ہندِس حُسنس تعریف کرٕنی چھُ غرٕ۔لہِ کِس موضوعس منز شامِل رودمُت۔

رسول میر ییلہٕ اتھ موضوعس پننہٕ جذبچ شدت تہٕ بیانُک جوٗدتھ عطا

کران چھُ آدم مرِ چھیٚیہٕ یا وُنہٕ آتش بازی وُچھان شولان تہٕ ماری منزٕ رُک

بہار پھولِتھ یِوان:

چھُ منزٕ ادن ہیہٕ چھاوٕن ناہٕ اہار

سو یادن منٛز چھیہٕ پیرِتھ جامہٕ چھٹے یے

وٕنجر بمہٕ نے شمشیر دارن، کمٕ شیر سر دارن

خنجر نستے پھش کیا تیز ادس، ڈیشِتھ گو وکھش مے

باسان چھُ مہجوٗرن اوس زِ لوٗ نمُت زِ لوٗ تامتھ ظاہری حُسن بیان کرنُک

گُل اَسی خاموش، بُلبلو دوٚپ: "فتنہٕ مہ وُزناو!"

واو سوننکُ پوشہٕ وٕنھرن باغہٕ کِین چھکراں ژھہ پور
کامہٕ دِو یہِ شامہٕ پتہٕ، سُلہٕ بأ کراوِکھ اِشتہار

شامہٕ ژھایے واوہ گرایے پوشہٕ وٕتھرا پیوٚ پیٚتھر
پان زندٕے زالنکُ ووت پوپرس پروانہٕ چون

مہجوٗرنین بہترین لولہٕ تخلیقن منز چھُ اَکس تتھِس منشِش ہُند تجربہ پیش یپدان یُس تنہا زندگی بسر کران چھُ تہٕ خالص جذباتی سوٚتھرس پیٹھ:
اوٚش گوم جاری یام ژٕنتس بیوم سٕہ جانان
بیوٚٹھ نادِ اندر یانہٕ، میہٕ سہلاب اُنتھ گوو

ژریہٕ رۄس آرولہِ دوہ گذارِم کنڈین پیٹھ
ڈزِس ہرِد، بُروٚنہہ دردِکے آمہٕ تاوٕے

تنہائی ہُند یہٕ عالم اگرچہِ عاشقس محبوبہٕ ہِنز چھُہل ینیز کی ہُندِ تزٕہر تہٕ مُزپرِنیٚ دوٗرہ راوان چھُ مگر تتھ بدلہٕ چھُس تخیلکُ تحرُکس عطا کراں ییمہٕ کِہ برکتہٕ تمِس محبوبہٕ ہُند جسمہٕ نیٚ

مہجورٕ ییلہٕ پننہٕ اکھ صلاحیژ کام ہیوان چھُ سُہ چھُ پرژھ ہش کامیابی پراوان!

پھری پھری میہٕ وُچھٕ و مارٕ مٕتی یٔمبرزٕ برانٔز لوشن کٔن
گُل اٰسی خاموش، بُلبُلو دوپ: "فتنہٕ مہ وُزنادا!"

یرژ کال کھٹی کھٹی تھوو میہٕ دِلک حال لوکن نش
افسانہٕ ڈُنی ڈُنی ہوش رووُم، رازٕ تٔتھ گوو

شامَن انیوم سالے، کورمَس میہٕ دل حوالے
پھیرِ تھ سُہ دزاو کالے، یٔیہٕ آم لول، یسہٕ کرَ؟

ژٕلہٕ لارٕ وُچھکھ، حال وَنہٕ ہے، وارٕ وُچھے رٕ ہے
گلہٕ زلو میہٕ گیم اوش ووتھُم ددرایہٕ، ونے کیاہ؟

تغزلہٕ چہٕ داخلیژ تہٕ یعنے أندرٕ واسی ہنز اکھ کارفرمائی چھیہٕ یتہٕ آسان زٕ ینہٕ پرٕ اشیایہٕ حقایق چھہٕ شخصاوٕ رٕ کس تہٕ تعلیلہٕ کس اثرس تحت آدمی رنگ رٕ پھ تہٕ طورطریقہٕ پانہٕ ناوان باسان۔ اوبرٕ ژھاپہٕ پان کھٹن واجنہٕ تہٕ اوبرٕ پھٹرٕ تلہٕ نیرنہٕ باپتھ ڈُتاولی کرن واجنہٕ وُزلہٕ ہند حال بوزٕ نہٕ مہجورنہٕ زٕ لیوٕ تہٕ کتھ گرژھ واضح:

معاملہٕ چھُ تتھ منز ہیکہٕ نہٕ سہٕ رسول میرس ستی مان کرِتھ تہٕ شاید چھُ سہٕ توے رنجہٕ پنٕنس غزلس منز سراپا نگاری یہٕ نشہٕ اتھ وار وار پتھ رٹان باسان تہٕ معشوقہٕ سند نیبرٕ خولہٕ خطٕ تہٕ وسہٕ وچھِہ کھوتہٕ زیادٕ تتھ وولسنس انٕن وانٕس دٕبوٗدرس جاے شیران لیٚس حُسن وُچھتھ عاشقہٕ سندس دلس منز دقلان چھُ۔

وٕدٕتھ شور، یامتھ واوٕ حُسنٕس موج تُلتھ گوو
اظہارتی کورٕ زلفنے تھتھ ایہ وٕنے گیاہ؟

پوشہٕ ٹوٗری رشکہٕ برٕی تھکھ، رسہ پاٹھی گنڈ مُرٕی تھکھ
اَسہ وٕنہٕ داہہٕ کرٕی تھکھ آوار وار وارے

مہجورنہٕ امہٕ پتمہٕ شارچ اکا ییتھ چھیہٕ پننہٕ دلاویزی کنہٕ غالبنہٕ رمزٕ آفرینی زٕنبس پاوان ؎

گُل کھلے، غنچے چٹکنے لگے اور صُبح ہوئی
سرخوشِ خواب ہے وہ نرگسِ مخموٗر ہنوز

نیبرٕ واسی تجربہٕ، اندرٕ واسی واری داتکی پاٹھی زیننٕ تہٕ پتہٕ تتھ اندریم نیبرٕ کرِتھ کنہٕ باسک شبیہہٕ (FELT IMAGE) ہندی پاٹھی یا حرکژل صوٗرتِ حالہٕ چہٕ شکلہٕ پیش کرُن، تتھ گژھہٕ سرگرم تخیُل آیت آسُن۔

شاعری چھنہٕ اَمہِ اعجازی قووتہٕ نِشہٕ مُلے محرُوم ۔ تِمندِ ین کینژن شارن کاشرِ یہٕ شاعری ہُند او بروے ونُن چھُنہٕ شاید مبالغہٕ :

پوشہٕ ٹوٗری رنگہٕ بری تھکھ ، رٕسہٕ پاٹھی گنڈمُت زرہ تھکھ
اُسہٕ وٕنہٕ دہانہٕ کرٕی تھکھ آوارٕ وارٕ وارٕے

اوٗش گوم جاری یام ژٕ تس ہیوم شہ جانان
بیوٗٹھ ناوِ اَندر پانہٕ ، میٔہٕ سٕہلاب اَنِتھ گوو

پوٗہرٕ ژٕ چھُندر ییمرٕ مسوٗل وَناں چھیٔہ واوس
داماہٕ میون ییٔمی چھوٗل تُس زانہہ قرار آسیا

امارٕ چانے پھری میٔہٕ ورق لولہٕ کِتابِن
بری بری ہانھاوِیم لولہٕ چے المارِ گولابو

ژٕلہٕ لارٕ وُچھکھ حال وَنہٕ ہے، وارٕ وُچھے رٕدے
گلٕ زلو میٔہٕ گیم، اوٗش ووٗتھم دِدرایہٕ ، وٕنے کیاہ؟

آخری شارس منز چھُ " ژٕلہٕ لارٕ وُچھکھ " اکھ تیتھ وَنُت ییتھ کنہٕ نہٕ وُنیکتام ظوٗن گومُت چھُ ۔ اکھ نوو (EXPRESSION)

شامہ ژھایہ اوٚبرٕ دار جامہ وٚلی وٚلیے
وارِیوٚ یتھ چھکھ پھیرتھ گرٛشھان
بێیہ چھکھ مالیوٚن گرٛشھان ژٕلی ژٕلیے
نوٚرٕ وُزٕملیے! پوٚرٕ ہاو پان
جانٕ نے یہ عالم زونتھ رنگہٕ وٚلیے!
پھیرِ پھیرِ کیازِ چھکھ یور کُن وُچھان؟
دزٕ سہ کُس لوٚب چھےٚ کراں مسوٚلیے؟
نوٚرٕ وُزٕملیے! پوٚرٕ ہاو پان
تھزرے بیٚٹھچی نارٕ مشعٚلیے!
گاش ہیتھ کُس چھِہ ژیرِ ژھاران؟
ژھێپہ ژھارِ ماچھکھ گنٛدان ہاژٕلیے؟
نوٚرٕ وُزٕملیے! پوٚرٕ ہاو پان

شاعریٚلہ لفظن ہندِس بیچھ سوٚتھرس پیٚرونٛن مفہوٚمن ہندِ توٚوزنٕ بجایہ بیانکِ اُسُبدٕ کہِ اتھ رٕٹ سِتۍ معنے آفرینہ ہند اعجاز ہاوان چھُ، شاعری چھێہ سلسلہ در سلسلہ تہٕ آفاقہ پیٚتہٕ آفاق معنے تہٕ صوتی زیرٕ بمٕ چَنہ نتہٕ ساسی کیفیژن زنمٕ دِوان۔ کاشرِ لولہٕ شاعرٕ ہتز چھێہ زبانی ہتزِ پہ معنے آفرینۍ جدلیاتھ شافِے تہٕ نادرٕ نظرِ گرٛشھان۔ مہجورٕنہ فنکاری اہمیژ ہتز دلیل چھێہ یہ کتھ زِ تسنز

یُس راجہ چمنکُ باجہِ وایاں تَس چھِ جاناوار  
سُہ تہِ کیازِ ژٹھ جامہ پریشان دِنتھ گوو  
کوہ تہ بال اُلہ راٗوی، وُن گرزہ ناوی دردکی آوٕن  
نالہ دِواں سُے صداجوین تہ آرن آسہِ ما  
گُل ہَردِ ہران، سونتہ بیٚیہِ دوٗبارہ کراں دور  
مُرٛی مُرٛی چھیہٕ پھیراں زندگی، وسواس مرنکُ تراو  
پابندِ چمن گُل چھُ توَے کُنڈی چھ تمِس لاٗری  
آزاد بُلبُل باشہِ کراں پوشہِ ڈلَن منز  
تھدِ پایہِ انسان کونہ بپھاں ستھ ناکارن  
منز باگ کنڈہن گُل چھُ تَس کِتھ پاٹھی قرار آو  
پھوٚج بہارس منز یمبرزل، کارتکہِ پھوٚل کونگہ پوش  
وَنتہ ووڈی کیاہ راوہ روو ہرُدَن تہ سونتن کیاہ سنبول؟

مہجورچھ سون گوڈنیکُ شاعر یُس سماجی تہ سیاسی معاملہ پننِس ذاتی سوتھرس پیٹھ ژیتھ تمن اکِہ حقیقی لرِکگُ یعنے نغماتی باتکُ یاوَن ترٛشر، تمہ ڈھل موسیقی تہ یمک واٗنجہِ ووتھ رقص عطا کران چھُ۔ اَمِچ اکھ رٕژ مثال چھیہٕ "گٹہ ژج گاش آو، گاہ ترٛوو لاٗنَ۔ سنگرمالن پیوٚو پراگاش"، یمہِ کِس تعمیرس منز لولہ وژُن، نظم تہ غزل ترٛیشونی شارہ صنفن ہنز کارفرمائی محسوس سپدان چھیہٕ تہ یتھ کشیرِ ہنز آزادی یہ ہنداستقبالیہ وَنتھ ہیکو:

تہٕ عاشق اکھ کُن ترأوتھ وچھو معشوقہٕ ہنزٕ ن مجبوٗرِیَن ہُند عالم!

فارسی تہٕ اُردوٗ غزلک اکھ سیٹھے موٗمتاز نشانہٕ چھُ سُہ

STAND POINT یعنے سُہ نظرگاہ یَتھ پٮ۪ٹھ بقولِ شمس الرحمان فاروقی شاعر پننہِ پانہٕ چہِ تنہا عشقٕ ٕچ نِشہٕ تھوٗد وتھِتھ یا تہٕ کانہہ وبڑأرٕی وُچھن ترأے پانہٕ ناوان چھُ، یا چھُ سماجہٕ کِس اکس رُکنہٕ ہنزٕ حٲثیژ کنہِ تجربس روبرو سپدِتھ تتھ تجربس مُتعلق پننہِ ذٲتی ردِ عمل فنی طور بازیابی کران۔ یوٚہے چھُ سُہ مقام یَتھ پٮ۪ٹھ احساسہٕ کِس سوٚتھرِس تلی تلی اکھ دانشورانہٕ تَل پھیر (UNDER CURRENT) وجوٗدس منز لیوان چھیہٕ یُس موضوعہٕ کِنی غزلہٕ کِس اقلیمس نوٚ جہتھ عطا کران چھیہٕ۔ مہجوٗر چھُ شاید سون گوڈنیُک شاعر یُس نِش اکھ غأرسرٕی وبڑأرک تہٕ اکھ سماجی نظرگاہُک باس لگان چھُ، بامے سُہ باس کوتاہ تہٕ لیوٚژ تہٕ محدوٗد آسہِ تن۔ یِمی مہجوٗرن اکہِ لڈِ یہِ وُنمُت اوس زِ مہجوٗر لاگِتھ آو بیٚیہِ دوبارٕ رسول میرؔ" سُہ چھُ کیہنہ وَق گژھِتھ زٕنہٕ رسول میرس نِش سیر ہیوٚ سپدِتھ وَنان زِ۔

بُلبُل چھُ بران چاو حُسنس، واو چھُ مُشکس

مہجوٗر زٕ یہِ نش بیٚیہِ تہٕ کینژھا ژھارِ گوٗلالو

مہجوٗرنٕ اکھ نظم چھیہٕ "یٚمبرزل" یِمہٕ چہِ وبڑأرٕی نبرلتایہٕ مُتعلق میٚہ پننِس بیٚس اکِس مضموٗنس منز ہنا تفصیلہٕ سان کتھ کرٕمژ چھیہٕ۔ تمہِ قبیلکی یم شارٕ تہٕ چھِ توجہس لایق:

ڈاکٹر رشید نازکی

# مہجورنہٕ شاعری منز کشیرِ تہٕ کاشُریت

مہجوٗر چھُ کٲشرِ ہِند گوڑنیُک کٲشُر شاعر یُس کٲشرِ اَکِس حساس تہٕ دیدٕ آگاہ شاعرٕ سٕندی پأٹھۍ زُچھنہٕ چھیٚ۔ یہ چھُ پوٚز زِ تس برونٛٹھ مۍن شاعرن ہٕندِس کلامس منز تہٕ چھُ کٲشرِ ہُندٕ عکس نظرِ گژھان، مگر یِم عکس چھِ بہرحال غٲرشعوٗری اندازس منز تِہنٛزِ شاعری اندر اَمہٕ کِنۍ آمتۍ زِ یہ شاعری چھیٚ اَکِہ خاص ماحولٕچ پٲداوار۔ مگر مہجوٗر چھُ گوڑنیُک کٲشُر شاعر یُہنٛدِس کلامس منز کٲشرِ ہُندِس فطری حُسنَس ستۍ ستۍ کٲشرِ ہٕندِس ماحولس سماجس تہٕ توٲریخی پِرس اَکھ نُمایاں کردار چھُ۔ مہجوٗر چھُ اَتھ حیثیتَس منز گوڑنیُک تہٕ وۄنِکیٛن آخری کٲشُر شاعر، یُس کٲشرِ منز منز گومُت

گَژھ ژٕج گاش آو گاہ ترووٲلِن      سنگرمالن پیٚو پرٛاگاش
سنگرمالن، کوہَن تہٕ بالَن      سنگرمالن پیٚو پرٛاگاش
باغکۍ ریٖنزٕل وارِ لیٚبن گالَن      بُلبُلہٕ غمٕ تراو کَڈ پکھَن واش
یِیِتہٕ یور چونے مُذہب پالَن      سنگرمالن پیٚو پرٛاگاش
ہرُدک طوٗفاں پوشہٕ تھرٕ ژالَن      سونتھ ییہ دوہہ اکہٕ تلُہٕ پرٕ خاش
ہٹے پھولِتَن لیُس دِیہ جنجالَن      سنگرمالن پیٚو پرٛاگاش
گلالہٕ لولچہٕ مشالہٕ زالَن      تمہٕ نوٗرٕ روشَن گژھہِ آکاش
ییمبرزل شیٖنمکُ مَس پھرِ پیالَن      سنگرمالن پیٚو پرٛاگاش
گلِ آفتابَن موہرٕ لرٕ تھالَن      لولکہٕ اَسماہٕ ہیتھ آو راش
اِسبندزولُس اۍ گلُ لالَن      سنگرمالن پیٚو پرٛاگاش

بہارس چھُم نہٕ ییٚتہٕ روزُن بہٕ ہارس شراونس وَنہٕ کیا
یوان یم نازنین مہمان پرژھاں چھِم پوشہٕ موٚت پیہٕ کر
بنفش بأنبلس تہٕ ٹیکہٕ بٔڑنے سوٚنبلس وَتہٕ کیا
پریشاں دل بہٕ چھُس بُلبُل ونان چھُم وَن نجر تورچ
بہانا کانہہ تمِس وَنہٕ ہا مگر یُہنٕس دِتُس ونہٕ کیا
یہٕ چھُ پزٕی پأٹھۍ سُہ مقام ییٚتِن غالبہٕ سُند "گُلتٕ" رالتوابلیت راتماشا
صحیح باسان چھُ۔ ییٚتِن چھیٚ یہٕ کتھ تہِ قابلِ توجہ زِ کٲشِر منز چھیٚ ییٚمبرزل
پھولانے گنڈ بہارس منز تہٕ ییلہِ گرکہٕ وُن سونتھ گرایہٕ ماران چھُ ییٚمبرزلہِ
چھیٚ آسان موٚتہٕ نیٚندر بیہٕ تھ۔ موسمچ یہٕ حدبندی چھیٚ کٲشِر ییٚمبرزل الگ
کڈان تہٕ ییتھ کُنہٕ علامتی اندازس منز محاکاتن ہندی مختلف گوشہٕ پھولراوتھ
کٲشِر ییٚمبرزلِ بے نوٗر ییٚتِن وُچھ وُن گاشس تہٕ عطا کران تہٕ معصوم وُٹھن
پیٹھ دردناک افسانہٕ تہِ شیران۔ یِژھنے نظمَن منز چھُ رنگ تہٕ مُشکُک
تحرنک فطری نظارن رفتار تہٕ گُفتار بخشان تہٕ ییٚمے چھِ تم مقام ییٚتِن مہجورنہِ
شاعری پزٕ بستاوٕ کتھ تہٕ اُلف لألہِ ہندی افسانہٕ ہی باسان چھُ۔

مہجور سنزن یِژھن نظمن منز چھیٚ وَن ہار، "باغِ نشاط کے گلو"،
"وُتھ"، "گُلشن وطن چھُ سونے"، "کر بُلبُلو دیدارِ گُل"، "بُلبلہٕ ہندی افسانے بوزِ گولالو"
"نگرمالن ییوٚو پزٕ اگاش"، "بہار"، "نوٗرِ وُزمل" ہشہٕ نظمہٕ یا مُسلسل غزلہٕ شأمل۔
یِژھن نظمن منز چھُ مہجورن برانٕین کامن ہندی پأٹھۍ زیٚو زبأنی رُوس
مناظرِ فطرتَن منز انسانی روٗح تہٕ انسانی ذہن پادٕ کرتھ نینہٕ کتھ تمَن

چھُ۔ یِس کاشُر آسنس مێٹھ فخر چھُ تہٕ یِس کٲشِرِ ہِندِس پرتھ کُنہِ چیزس اُکس حاسس عاشقہٕ سٕنز نظرِ وُچھان چھُ۔ غالبن چھُ پننِس محبوبس تعریف کران کران دۄن مُت زِ

گلُت را نوا زِ گست را تماشا
تو داری بہارے کہ عالم ندارد

غالبہٕ سُند یہ دعوا چھُ شاعرانہٕ چابکدستی تہٕ تخیلچ بلند پروازی تام لامثال شعر۔ لیکن اگر کٲشِر مہجُورٕ سٕنز محبوب زانون تیٚلہٕ چھِ پژِ پاٹھۍ یہ کتھ کرُوٕن چھٕ۔ پوشِرُ چھُ جانادارن، پوشن، کوٚلن آرن تہٕ پانسِ ادرن حتی اکہ کگرایَن تہٕ وِزملَن ستۍ ملاقات کران نظرِ گژھان بلکہ چھُ تمن تہٕ کتھ کرناوان تہٕ حال باوناوان، مثالے نی تون تہنز نظم ییمبرزل اَتہٕ چھُ شاعر ییمبرزلہ اُکھی تمُ سُند احوال دِنہٕ ناوان زِ پوشہِ مۄت بہار یِنہٕ بروٚنٹھے آیِس تافلس ژھینہٕ گژھتھ یوٚت وٲژِس تہٕ حٲران گیِس تہٕ کیازِ بہار، شبنم صبحک گرا یہ مارُون عطرکار داو سارِی چھُ دِنہٕ ینے۔ اکھ اکھ نازنین مہمان چھُ جشنِ بہارس منز شامِل گژھنہٕ یوان تہٕ تہندے پے پرژھان خبر ماچھکھ زِ ییلہِ سہٕ افسرِ گُل (بہار) ییہ بہٕ آسہٕ تمہ ساعتہ موجود ے۔ بُلبُل چھُم چھنڈی کرِی کرِی یاوُن رایے بہار ہٕسنز خبر پرژھان نش کرٕ ہا ژھل بل زِ پکان چھُ، مگر پنہٕنس دِلس کیا وۄنہٕ یِس یہ خبر چھینہٕ زِ یوٚت تام سہٕ یوٚت واتہٕ بہٕ آسہٕ غمناک اُچھو وُچھی وُچھی لوٚسمژ۔

بہارن سوٚزنس شیٖچھ ہیتھ دۄان منزِل ژٕ ژٹھتھ آیس

ہی مال وٕ جنس تہند امارٕی — لگہٕ یو ہال پارٕ پارٕی یِیے
رمزٕ سان غمزٕ تہٕ میرشکارٕی — سینس دِتی زٕم دارٕ دارٕی یے
کیاسنہ چھس میانی کیناوارٕی — لگہٕ یو بال پارٕ پارٕی یِیے
قندتے نابد آلہٕ بِسپارٕی — تھاوس پنہٕ ند بٕرٕی یارٕی یے
بیہ ناپہٕ کرس بندپہٕ بردارٕی — لگہٕ یو بال پارٕ پارٕی یِیے
لولہٕ چانہٕ راتس کرٕ مینہٕ بیدارٕی — لوٕ ہس کونگ ژارٕی ژارٕی یے
زوٗنہٕ نیرِ دٕ چھنے میانی گلکارٕی — لگہٕ یو بال پارٕ پارٕی یِیے

ناگٕراے، آپر، ناگہ سبزار، ہی مال، قند، نابد، آلپہٕ، سپارٕی، کونگ، زوٗنہٕ راتھ تہٕ گلکارٕی ہندی یم تمام تصورات چھِ کاشرِ ترِ تہٕ کاشرِ زنانہٕ ہندِس طریقہٕ محبتس سِتی اکھ توارِیخی واتھ تہٕ تھاوان۔ یمہٕ کاشرِ زنانہٕ ورٕاے بیٚیہ کانسہِ زنانہِ ستی معاشرتہٕ ماحولِ رِکنہٕ سیٹھاہ کم واتھ گھوان چھِ۔ یِرٕ ژھے بیاکھ مثال چھیٚہ

کپسے ہاوٕ یاوٗن باٗلی یے

بالہٕ پار نیرِتھ گوم باٗلی باٗلی
کپسے ہاوٕ یاوٗن باٗلی یے
کرِ کیاہ بالہٕ پان گوٗر زٕم وٕ باٗلی
کپسے ہاوٕ یاوٗن باٗلی یے

ڈُنی مٕژ تہٕ تہنٛز کتھ پانہٕ بوز مٕژ۔ یژھن تمام نظمن منٛز چھ مہجورنہٕ فنک طلسم قارٕیس پانس ستی سیٹھاہ دوٗر تام پکناوان تہٕ انہِبتیس یقینک درجہ دیاوان۔

مہجورسند دوٛیم رنگ چھُ کاشر زنانہٕ ہنز زلو محبوبس ناد لاینک شالیتہٕ انداز۔ یتھ منٛز کاشر زنانہٕ ہند سراپا تہنٛز نفسیاتی کیفیت، تہند مُحبت کرنک سلیقہٕ تہٕ تہند ہجر و وصالچ کیفیژ ژھالہٕ ماران چھےٚ۔ یہ چھُ صحیح زِ یہ انداز چھُ مہجورس برونٹھ محمود گامیؔ، رسول میرن تہٕ باقے شاعرو تہٕ ورتاومُت۔ مگر مہجورنس اَتھ زنانہٕ کردارس منٛز چھےٚ محمود گامیؔ شور محشر تہٕ نہ رسول میرن درزوٗن لولہٕ کنگ۔ مہجورنس زنانہٕ کردارس چھُ لولہٕ نارگ سوت سوت جوش تہٕ پاژھینہٕ بجایہ ساونہٕ ہند اندازِ گفتار تہٕ تہٕ اسلوبِ محبت تہٕ۔ یتھی گیت چھ مہجورن زیادٕ یہن زنانہ صنفِ سخن یعنی رؤف یاوژونس منٛز

ورتاوی متی۔ حالانکہ اِستثنا تہٕ چھہ۔ تہٕ زن گووزِ غزلن ہندی کیہنہ شار تہٕ چھ اَتھ ڈایرس منٛز یوان۔ وُچھتو یمہ کیہنہ مثالہٕ یم بہرحال بیش یا انساد پاٹھی بنہٕ آمژ چھ

ماری مند چھیم چانی لولہٕ بیماری
لگہٕ یو بال یارِ یاری یے

ٹاٹھ گرا ژولم ناگہ سبزاری لارس پتہٕ آری آری یے

باڈی باڈی نیرُون مجبوب، ییمبرزلہ ہند سوہ ہُند کھوس تہ روپہ پہنز تھاڈی، پھول پوژ باغ، ناگراے ہی مال ہُند اوسطوٗر، ہرموکھ، ذوہ ہنہ ڈب تہ کتھ جہ آڈی یوٗدوٗے مخلف کیفیتن زوٗ زبتہ بخشان چھُ، مگر پننہ اصلیتکہ اعتبارہ چھہ یم ساری کاشرہ تہ فقط کاشر ماحول تہ اندی پکچ اہنار ورہ تہ لاوان، ییتہ فطری نظارتام شاعرس ستی سرگوشی کران نظر گژھان چھہ۔ تہ ییتہ شاعرس کتی جبن ستی ولسہ ہوتون چھُ ییمبرزلہ ہندہ ہاپچ غم خاری چھیہ۔ پاتا ڈی ناگرایہ ہندہ طلسمک علم چھُ۔ یم ساری درگہ اظہار چھہ شاعر سُند تیتھ طلسمی اقلیم تخلق کران، یس محض تہندے اقلیم چھُ۔ مگر شاعر چھُ پننہ باوُزبلہ کہ زورہ اتھ طلسماتی شہرس پننین قارین تہ دوٗر تام ستی پکہ ناوان تہ امہ شہرک وہی بدل پوٗن نظارہ ہاوان۔

مہجوٗر ہندہ رنگیک انداز تہ چھہ پرانہ کاشر زنانہ ہندے اندازہ محبت پیش کران، ییمیک ڈیکہ لون مہجوٗر ہندس نوژکھ نسوانی کردارس گاہے سوٗرگُس سیر کرناوان چھُ تہ گاہے خاکس ستی ملہ ناوان چھُ یم چھہ ہجر تہ وصلکو زہرہ۔ مہجوٗر سُند یہ زنانہ کردار چھنہ کنز جایہ وارفتار پاٹھی وصل امادہ باسان، بلکہ چھُ لوٗس عبادت زانتھ زے تہ اوبروے رچھان تہ مہجوٗرکا ہندی نغمہ، تیتھ پاٹھی گیوان یمہ کاشر زنانہ ستی یاتی مخصوٗص باسان چھہ۔ مثالے یہ رؤف۔

سونہ سُند کھوس تے روپہ ہینز تھاکی
کتھ کرِث چھے یپھر زاآلی یے
پھولہ وڑہ یاغہ منز درایکھ خاآلی
کیسے ہاو یاوُن بااَلی یے

رُاَنی ناگرایَس سوزان ڈاآلی
اصلس واتہ ہی ماآلی یے
شکھ پیوو لوسَ گوو پاتاآلی
کیسے ہاو یاوُن بااَلی یے

سُنیاس ژھارنہ نیر گوپاآلی
لوکچ لاگ کنہ واآلی یے
ہرموکھ وُ چھہن پھیر پانژاآلی
کیسے ہاو یاوُن بااَلی یے

زوُنہ ڈبہ میانہ پیری کُتی جواُلی
گیپونا بوُزوم قواآلی یے
ترآوِتھ آلی ژجہ اَڈ رتہ کااُلی
کیسے ہاو یاوُن بااَلی یے

گژھ مژ چھ کاشُر مزاج عکاسی کران۔

امہِ قسمکۍ شار ییتھن لوکس پیٹھ ہیتھ بیہہ۔ اکس نازل مسولہٕ لُج کران آسن چھ تمدنکہ تمہ دورکۍ یادگار پیٹھ مس بٕلہ خاندر کرن ہتے کرنس برابر اوس۔ یتھی شار چھ مہجور نہ شاعری منز عام تہٕ یلپہ پاکھ کاشُر زنانہٕ ہند شعور ہیتھ بوٗنٹھ پکان۔

دوٗرِ دوٗرے وُچھم میٚہ دِلبر بوٗنٹھ پکنس چھم نہٕ وار
ژوٗرِ ژوٗرے وارِ وُچھہن کیا قدم ٹھہرادنا
لوٗہرٕ تہٕ چھنڈریاہ مسول وُنان چھیٚہ واوس
داماہ میون یۍ چھول تس زانہہ قرار آسیا
لوگمُت تس چھ پرسی کُنی تام میون دۆنس
نتہٕ وُنتہٕ بے سبب تس پیٚنس خمار آسیا

وُنتھ لولہٕ گفتار بُتہٕ عار آنہ ہے
ژےٚ ڈیٚشتھ میٚہ زلوٗژن کلاں ٹاٹھ یارو

یٚودوٗ سہٕ دِلبر مرشتہٕ ترادتھ سیٚود میٚہ کُن کرہے نظر
شرٕ اونس زن ہی بہ پھولہ ہا یاونس ژھوٗہ مار ہا

ازروز سانے دلبر میانے
بوز نُندہ بانے دلبر میانے

خان پأرُٲوم کھأسی بَرناوم
ہوسہ چانے دلبر میانے

لولہ ہوٚت میون پان
یوٚد گرٛزھ پزاران
لول ما پرانے دلبر میانے

شبنمَن موغتہ ہار
دیرِ چانہٕ کوٚر تیار
کمہٕ شوٗزٕ شانے دلبر میانے

یتھین جذبن تہٕ ترنُمَ ریز شارن ہندِس آیینس منز چھُ اتھ کأشرُ تمدنُن دُچھنے تہٕ کھوپری گتہٕ گیوٚر کران باسان۔ ازروز سانے چھُ دعوتک تُھ طرقہٕ یُس سوُرے کینہ وُنتھ تہٕ کھینہ چھُنہٕ وَنان۔ خان پأرٲونی کھأسی بَرناوٕنی۔ تہٕ یہ معصوم مگر مولل جذبہٕ زِ شبنمن چھیہٕ چانہٕ دیر شوٗزٕ شانہٕ موغتہ ہار

پوشہٕ وٕنہٕ باغچ پوشہٕ گوٚندری یے
گریسی کوٗری نازنین سوٚندری یے

سورِ گیچھ ہی مالی تاقچ پری یے
گریسی کوٗری نازنین سوٚندری یے

آزاد وٕنہٕ چی پوشے تھری یے
مُشکہٕ ہیتھ ٹوٗری کُی بری یے

سَتھ رنگ بخشی کُمی رنگری یے
گریسی کوٗری نازنین سوٚنڈری یے

یاہو پران نیری کوتری یے
باغن پھیر رنگہٕ ژری یے

ناگہٕ سبزار چ باغہٕ ببری یے
گریسی کوٗری نازنین سوٚنڈری یے

روشہٕ رودشہٕ درایکھ باغہٕ اندری یے
پوشو کُن ژریہٕ ما بری یے

بُلبل کری تھ کُل تے زری یے
گریسی کوٗری نازنین سوٚنڈری یے

کینژن لُکن ہُند خیال آسہٕ زِ مہجور ہند لوکہ یہ انداز
چھُ بورژوای ییہٕ چھینہٕ عقیدہٕ کیہنہ دبرشہٕ ناہوٗنی مگر یہٕ چھُم وَنُن

ژلہ لارِ وُچھکھ حال وَنہٕ ہے دارٕ وُچھہٕ ہے روے
گہ زلو میہٕ گیم اوٗش ووٗتھم ذدراپہ وَنے کیا

کامہٕ دِوکرٕ سالِ ڈل بوٗزم شبُس تٔر تیل بَل
درشنس آبُس اندر پمپوشس ٹاگِتھ پرارہٕ ہا

یِمَن شارن منز چھنہٕ فقط کاشرِ زنانہٕ ہند زخمی عاشقانہ مزاز وَنہٕ یوان بلکِ چھہٕ تشبیہہ استعارٕ تہٕ باقے شاعرانہٕ وصف تہٕ کاشرِ اوتھ اَسہٕ برونہہ کُن یوان۔ مثالے چھندریامٕ مسول، ڈوٗل داماہٕ چھلُن، شرادہٕ چ ہی پھولنہٕ، ڈل سالِ، تیل بل، ڈل تہٕ پمپوش بیتر۔ یہ چھہٕ کاشرِ زنانہٕ ہُند سہ حیابند نفسیات یُس میانْی کِنی بُرزپشن ٹھرٕ کارٕ فرد پوشْ دستار والین، مہرآجی بیرن ہندین خلوکھ زوفن تہٕ آپنہٕ زانیانن بتہِ بتہٕ رو خصت گوو مہجورٕ سُند مردانہٕ لہجہ تہٕ پیلِ کاشرِ زنانہٕ ہند اَمیچ تخلیق کران چھُہ۔ تتھ منز تہٕ چھ کاشرِ مہرنہٕ کِٹھ چھ مُعطرداہٕ گراین تہٕ کاشرٕ سنگارد انگ مُشک ژھیڑ ماران۔ مہجورٕ سُند کاشر گاچہٕ احساس جمال چھُہ یِمَن امیجن بیتکس ریوایتس بتہٕ واٹھ دِتھ پرن وٲلی ہندِ باپتھ یِمن زیادے قابلِ قبول بلکہ مجتکس حدس تام دلاویز بناوان۔

پرژھ نے پتہ گارتے زنمس آیئ

زبنہٖ میانہٖ میانین نچ دِلس گرا ے
یور کور آیس کتھ کٔرژ زایس
یاوِن رایس چھنہٖ میانی ما ے

رَحمکہٕ مارٕمتہٕ رٕچھنے آیس
قُدرتَن بخشنم کھبہٕ وُن آ ے
سختیو ترآوس صدمو درایس
یاوَن رایسَ چھنہٖ میانی ما ے

دِردِل موج پٔتھنٕ آہس دایس
دوٚپنم ہیچھ رنٕن بن واز با ے
کسبوٚ تہٕ ہونرو نشہٕ دوٚریایس
یاوِن رایس چھنہٖ میانی ما ے

راچھ اوس میانس حسنہٕ سرمایس
شرمِہٕ ہند سایہ سانہٕ صبرک قلا ے
ژور رٔژ دورٕ اتھ سنگین قلایس
یاوِن رایسَ چھنہٖ میانی ما ے

کتام وہ پرس بخشنہٕ آیس
میانو معلوٗم کرنہٕ میانی را ے
نی کوٚرُم منظور تَن دِژم نہٕ نیایس "

نہ یہ چھیہ شاعرس منز مثالی گرلیسہ کوٗر، یوسہ فطرتن کھوتہٕ للوٗمٕژ چھیہ۔ یمہٕ پوشہ سونزلن منز کاڈ کوڈمُت چھُ تہٕ یمہٕ ہنٛز لولہ گفتارٕ وُن ہارن لبنہٕ ہیوٚ چھمُت چھُ۔ مہجوٗرنی یہ مثالی کردار چھ انٹی پورژواژور تہٕ کیاز سہٕ چھ امہٕ کردارچ خصوٗصیت یتھہ کنہٕ تہٕ نیشہٕ ناوان۔

ژرِیہٕ تہٕ نوجہ باین چھا برابری یے

ژریہٕ گلن ہتی چھے دلبری یے

نوجہ بایہٕ تروٚپرن دار تہٕ برٛی یے

گریسہ کوٗری نازنین سوندری یے

"یاون رایس چھنہٕ میانی مالے" چھیہ مہجوٗرسنز بیاکھ اہم نظم یتھ منز سہٕ کاشرزنانہٕ ہنز عظمت باوتھ کاشرس توارٟخس تہٕ کاشرن اسطوٗرن مدد ہیوان چھُ۔ اتھ نظمہٕ منز چھُ کاشرزنانہٕ ہنٛد نفسیات تہٕ کاشر سماجکی تم وِہِ تہٕ نظر گژھان۔ یم وُنہٕ تہٕ ساٚنس سماجس منز رٲیج چھ۔ یوٚدوے تیتھہٕ ہمیشہٕ چھکھ نظم چھیہ ڈرامایی اندازس منز یتھہٕ کنہٕ شروٗع گژھان۔

کرٕ کیا وِلیہ یے لانہٕ بنہٕ ینایس

یاوٕن رایس چھنہٕ میانی مالے

یہٕ یتھہٕ کنہٕ بروٚنہہ پکان

صاحبن کلیاتِ مہجورکس حوالس منز لیوکھمُت"

"تازی بٹ اکھ مشہور کاشُر جرنیل یمہ ۱۴۸۰ء منز پنجابکس گورنر تاتار خانس سیالکوٹہ نِشہ شکست دِیُت تہ پنجاب کوٚرُن کشیرِ ماتحت" یتھے کنٛی چھُ سید مبارک خان بیہقی ژکُن ہندُک مشہور جرنیل یمی مُوغلن ستی زبردس جنگ کوٚر تہ کشیر آزاد تھاوِنچ کرِن پوٚرِ پوٚر کوشش آخرس گوٚو یوسف شاہ ژکس ستی سُتہ جلا وطن۔

بہوٗدُر شیر دل گنزراونے بیٚیہ کوٗبلی ترکی

ژ رحمان ببر ہیوٗ کانٛہہ دوٗیم کپتان پیدا کر

ٹینگ صاب چھُ رحمان میرس متعلق لیکھان۔ جنرل عبدالرحمان میر ساکنہ بارہمولہ کشمیر۔ اکھ کاشُر یُس والنٹیر بھرتی پیٚو تہ ترکی گوٚو۔ تہ پیو فوجس منز بھرتی۔ جرمن جنگس منز ہاوِن پتھاہ بہوٗدری یمہ کنٛہ پتہ ترکیو بنوو فوجی جنرل۔ لڑاے ختم پیدِ تھ سوٗز ترکیو یمنہ طرفہ کوٗبلُ سفیر بنیہ دِتُکھس "بے" خطاب ۱۹۲۰ء منز گوٚو ترکس منز یمہ عالمہ۔

پکن فرمانِ شاہی اَز تہ بیٚیہ چانِن اشارن پیٹھ

ژ یتھ پیٚنہٕ نس زمانس منز دوٗیم زِ یہ جہان پیدا کر

زِ یہ بانس متعلق چھُ مہجور سُندے نوٹ یُس ٹینگ صابن نقل کوٚرمُت چھُ۔" اکھ کاشُر بٹہ یمی عربی موٚکھ ملِن ملک ترووو تہ

مہجور سُند بیاکھ اہم ار چھُ کاشرین جاین تہ مقامن ہندی ناو پنن شاعری منز شاعرانہ بیاق و سباقہ سان ورتاونی ۔ اتھ اگر الگ سام ہیمو مضمون زیٹھ واریاہ لیکن اَتہ سارنی چھُ معلوم زِ نشاط، شالمار، ہندوور، برگاہ، پرنگ، برنگ، کوہِ ہار، نِلہ ناگ، مانسبل کونگہ وٹن، تار سر مار سر، سوخنہ پوکھر تہ تیمی ہی وارہین جاین ہندی ناو کیتھ کنی تہ کمہ شاعرانہ صداقتہ سان چھِ مہجورن استعمال کری متی۔

مہجورسندین وارہین شارن منز چھُ تہند تواریخی تفکرک پیے پتہ لگان تہ مانن چھُ پیوان زِ کاشرِ شاعرو منز چھُنہ اُزیک تام کانسہ شاعرس کشمیر ہند تواریخک یُہ ادراک اوسمت یُس مہجورس اوس شہادتہ زِنگی کرِ بہ فقط اکھ باتھ پیش

" دولو باغوانو نو بہارک شان پیدا کر
دُبارِ عالمس منز کاشرِن ہند ناو گژھ روشن
زِ للتادت تہ تازی بٹ مبارک خان پیدا کر

راز للتادتس نشہ چھِ ساری پزی متی لیکھی متی کاشرِ واقف، یہ چھُ کشیرِ ہند سُہ باعظمت بادشاہ اوس مُت ییمی پننہ عہدس عرب ہندی پے در پے حملہ ناکام بنادی تہ چینین نشہ اکھ سفارت سوز تا آنکہ چینی تہ کاشری کرِن اتھ نوس خطرس مشترک پاٹھی مقابلہ ۔ تازی بٹس متعلق چھُ کاشرِ تواریخکی رمزشناس محمد یوسف ٹینگ

برابر تتھے کُنۍ یتھ کُنۍ ہیر رانجھا لال مجنوٗن تہٕ باقے لولہٕ جور چھ پرزناونہٕ یِوان۔
اصل کتھ چھےٚ یہ زِ مہجوٗرنہِ شاعری ہُند کلُم وُسیلہٕ اظہار چھُ کٲشِر اَندٕ پٕکھ نژان تہٕ کٲشِرے چھےٚ تہنٛز شاعری ہُند منظر نامہٕ تہٕ۔

پَنٕنہِ لیاقتہٕ کِنۍ بنیوو محمد شاہ نُند وزیر۔

بیٚین مُلکن اندر اڈ گاٹہٕ جارُک سکہ بہناوکھ
ژٕ بیٚیہ مُلکس اندر نندہ رام ہیٚوٚ دیوان پیدا کر

ٹینگ صٲبٕن نوٹ چھُ نندہ رامس متعلق یتھ کٕنۍ:۔
نندہ رام ٹکوٗ یُس افغان وقتس منز کوٗبل گوو تہٕ تَتہٕ پیٚٹھ دیوٗت مقبوٗل زٕ پَنٕنہِ ناوٕک ضرب کوٗرُن جٲری یتھ پیٚٹھ مصرٕ لیکھتھ اوس۔

سیم از ہر دو ضرب از نندہ رام

یتھے پاٹھی چھُ مہجوٗر صٲبن غنی، صرفی، کلہن، یوسف دلارام تہٕ بیٚیہ واریاہ کٲشرِ تواریخی کردارن پَنٕنہِ شاعری منز ورتاوۍ متۍ۔ میانۍ کِنۍ چھُنہٕ یتھ موخصر مقالس منز مہجوٗرنہِ کٔشیر ستۍ والہانہ عشقچ ساری دلیل ورٲنۍ گٔنڈٕکٕش تہٕ کیازِ اگر اسۍ امہٕ پتہٕ مہجوٗر سٕنز وطنی تہٕ انقلٲبی شاعری کُن پکو، سہ بنہِ بجایہ خود اکھ مقالہ۔ میٚہ دِتۍ محض کینہہ اشارہ ممکن چھُ کانہہ نوجوان کرِ توجہ تہٕ مہجوٗر تہٕ کٔشیر عنوانہ لیکھ پَنٕنۍ ایم۔ فل ڈسرٹیشن۔ میٚہ چھُ فقط یہ عرض کرُن زِ مہجوٗر چھُ کٔشیر پیٹھ تِتھے پاٹھی فدا یتھ کِنۍ بُلبُل پوشن پیٹھ وارفتار چھُ۔ تِس چھیہ کٔشیر مِنز پدپد ژامارے۔ کاشر تیچ بتہ تہٕ کٔشیر باگہٕ یِنک فخر تہٕ۔ یۄہے وجہ چھُ زِ اکثر لُکن چھُ مہجوٗر یاد پیٚتھے کٔشیر یاد پیوان تہٕ کٔشیر مِنز ظون ڈکھلتھے مہجوٗر یاد پیوان۔

موجوٗد چھُ یٕمیُک اعتراف اَمہِ دوٗرُک مہجوٗر یِمہٕ آیہ کران چھُ ؎

اَتھ درد صوٗرژ پرٛدٕ ٹلِتھ گوٚو سہٕ رسوٗل میر
مہجوٗر لالِتھ آو بیٚیہ دُبارٕ اُتی روز

امی آپٕنہٕ چھُ جبہٕ خوتوٗنہٕ ہُند مخصوٗص رنگ تہٕ کلام مہجوٗر کین ابتدٲیی باتن پیٹھ برابر چھاوتھ چنانچہ بیشتر تجربہٕ چھہ یک رنگی تہٕ ہم مزازٕ آسنُک اکھ ٹھوس ثبوٗت بٔنِتھ ووتلان۔

سٕتۍ زٕ تھے ہیٚ وُچھو تیٚلہٕ چھُ مہجوٗر اَمہِ علاوٕ تہٕ مہجوٗرُے پٔنٚنین وارٕہن بیٚیٚن رٔون ہند گردیدٕ۔ مگر یِتھ کُس جواب چھُ زِ مہجوٗرُے چھُ سون سُہ گوڈنیُک پایہٕ لوٗرٕ شاعر یُس نہٕ صرف پرانین رِوایژن اُکس نوٚس سانچس منٛز ژٔھاوان چھُ، بلکہ چھُ نوین تحریکن ہٕنٛز تجربن پوٚختہٕ پرمانو میزان کٔرِتھ عصری آگہی ہُند وصل بخشان۔ یُوہے چھُ سُہ منزل یُس مہجوٗرس رِوایت شِکن آسنس ہم پلہٕ رِوایت سازی ہُند افتخار بخشان چھُ۔

مہجوٗرنہٕ شاعری ہُند اہم ترین دور چھُ لگ بگ سنہٕ ۱۹۳۱ء پیٹھ بارٕنس پوان۔ اَتھ سارِسے چھُ سہٕ "پیام مہجوٗر" ناو دِوان۔ یِہے چھیہٕ سو شاعری یِتھ منٛز شاعر بحیثیت اکِہ ہٕژ سوچن ترایہ ہُند گاش بٔنِتھ ووتلان چھُ۔ یہ اوس سُہ وق یِیلہِ کٔشیرِ ہُند سیاسی فضا بدلُن ہیوٚتُن تہٕ عوامس منٛز بیدارٕی ہیٚژن یِنہٕ۔ جاگیرداری ہُند ظُلم اوس ٹیس پیٹھ لگتھ آسی اکِہ نوٚو آیہ سونچنہٕ خاطرٕ تیار سیدان تہٕ یِہندین جذباتن زِلوٕ دِنہٕ وول شاعر

# مہجورنہٕ شاعری منز

## کاشرٕ یت

حسرت حسین

کرن سرخم ژٕ یہٕ کُن اہلِ ادب ایران و شیرازُک

مہجورنہٕ شاعرانہٕ زندگی ہند ابتدأیی پڑاو چھُ تِہندِ پنجاب کہِ سفرٕ سٍتۍ شروع گژھان، یٕیتہٕ تِمن کینژن اہم شخصیژن سٍتۍ منز مولوی عبداللہ صاحب بسمل، مولانا شبلی نعمانی، علامہ اقبال۔ منشی محمد الدین فوق سٍند تعارف تہٕ تبادلہٕ سپدیو۔ یُہے بنیوو مہجورسٕنز زندگی ہُندس اہم ترین پڑاوس، یُس برونہہ کُن اکھ پوختہ ذہن بنتھ ووتلیوو ؏

سُے بنٕدٕ وُن چھُم کوہِ طور

مہجورنہٕ شاعری منز کاشریت سٕرگرٕ کرنہٕ برونہہ چھُ یہِ ضروری زٕ تِمنٕز ابتدأیی دورچہِ شاعری (یتھ سٕ کلام مہجور ناو دِوان چھُ) کُن یِیہ اشارٕ کرنہٕ یِنہٕ۔ چھُ یہِ زِ ابتدأیی شاعری ہُند اکھ ژُور حصہٕ چھُ رلوأیژن لۄر آسنٕ سٍتۍ سٍتۍ رلوأتی ساپِس منزٕ بارسس یوان۔ یتھ پیٹھ رسول میرنہٕ حبہ خوتون ہندین رومان پرور وژنن ہُند اکھ خاص اثر

دُبارِ عالمس منز کاشرِن ہند ناوگرتھ روشن
ژِللتاوت پہ تازی بٹ مبارک خان پیدا کر

وطن پرستی، قومیت پہ انسان دوستی چھیہِ مہجورس نِشہ تیشر سروُج؛ خاپے کانہہ تارٔی چھ اُمچہ خریدارٔی نِشہ مُچھ روزان ۔

محبت پَتہِ وطنک پوٗر آسُن شیوٗہ انسانس
ژِ پی مان منز پس واتھ یتھے ایمان پیدا کر

شاعر چھُنہ وطن پرستی پہ بلہ ژارکی باتہ وُنتھ چھرا پرِن واَلس جذباتی انان، بلکہ چھُ تس اکس خاص ضابطس پہ ضمانتس تحت پکنچ تلقین کران ۔

دشمن سنگین سزادین بدلہ ہیوٗن چھُنہ کانہہ کمال
تیتھ سلوُکا کر ژ تس یتھ لولہ سان ہیہ چیون ناو

"تلقین کرنک یہ جذبہ چھُ اکہ دلہ" دلاسہ پہ دعاے خیر ہوبن کلمات ہند اظہار بان ۔

گل ہردِ ہران، سونتہ بئیہ دُبارِ کران دور
مرِ مرِ چھیہِ پھیران زندگی وسواس مرنک تراو

نہ چھم کینہہ زہر کی ہاونی نہ چھم نامافری پاونی
رفیقو، دردین پنہِ نین دِلک اوحال باوُن چھم

(مہجوٗر)، اوس وۄہنۍ شعوٗری طور آزادس لٲرِ لوٚر پکتھ اکھ ییٚمہٕ فضا قایم کرٕنۍ وول ییٚمکۍ لچھِ کٲشرۍ مُحتاج پٔتہٕ مٲیل آسی۔ چنانچہِ ۱، گُلشن وطن چھُ سونہٕ ۲، وولو ہا باغوانو ۳، یاوُن رایِس چھینہٕ میاینۍ ماے ۴، گریسِہ کوٗر، ہیٚنُن باغ ۵، نیاے تراوِو ماے نٔھاوِو ۶، باغوانا مہربانا ۷، نوٗ کٔشیر ۸، ییٚرو ییٚرو کٲشریو بیترِ چھِ کٲشرِن ہندِ اجتماعی سوٗنچِ عکاسی کران۔

کٲشرِن ہنزِ بےٚ صدا آوازِ تأثیر بخشنٕک یُس اہم رول مہجوٗرن ادا کوٗرمُت چھُ واقعی اکھ کارنامہٕ یُس نٔہِ کانہہ STATEMENT چھ

ویٚوِر پوشن کٔم تُلان چھاوان کم باغُک بہار
بےٚ خبر اَمہٕ رازِ نِشہِ چھُکھ شوٗر وشر بسیار کر

پوشہٕ لنجہِ بیٚٹھ آدٕہن چھےٚ والہٕ نےٚ اَتھ زالہٕ نےٚ
کالۍ تراوُن باغ آسی دِن ژِیہٕ کیا انکار چھےٚ

مہجوٗرس اُس کٔشیرِ ہنٛز بدحٲلی تہٕ بےٚحٲلی وُچھتھ وٲنج رٕتھ چوان۔ تٔمِسند بُنیٲدی مقصد اوس کٲشُر بحیثیتِ اکھ رٔت تہٕ ڈیکہٕ بوٚڈ کٲشرُو چھنُک تٔمِسند کٲشریُت چھُ دۄد چھُ مُسلم ہیوٗند چھُ شکر ہیوٗرمُت وِراثتی وبوہار زِرٕ ہرِتھ تھاونُک تعشوق۔

دوٗربینی تہٕ حساس کٲشُر آسنہٕ کِنۍ اُس مہجوٗرس ییٚنۍ سو کلہم پتھ کالیک تواریخ اچھن بروٗنہہ کنہِ ییٚتھ بیٚٹھ کٲشرِن فخر رودمُت اوس۔

شرم دار زنانہ ہنز آواز۔ نظرِ منز چھیہٕ تمن ظُلمن تہٕ ستایشن ازحد زیو دِیِنچ کوشش کرنہٕ آمژ یمہٕ تس قرنہٕ وادن ینمہٕ سبزرِ پرزرِ تہٕ حساس سادگی کنہٕ وتھہٕ وتھہٕ تُلنہٕ پیہ۔ یہ چھُ مہجور سُند کمال زِ سُہ چھُ ساہن نسوائی زاڈی جارن تمہٕ آیہ وُکھنے کران زِ عقل چھیہٕ یہ ڈُپِزرِ تہٕ راوان۔ سُنز رِتھہ ہے وُچھو تہٕ مہجور سُند سیٹھہ ہیو نازک جذبہٕ چھُ نہ صرف تہُنز ذاتی شاعری بلکہ کلہم کاشُر شاعری طرحدار بناوان ؎

رأچھ اوس میانس حبہٕ سرمائیں
شرمہٕ ہند سایابہٕ صبرکُ قلاے
ژوٗر دوٗر دوٗر اتھ سنگین قلائیں
یاوٗن رائیں چھنہٕ میانی ماے
کس تام ووہ پرس بخشنہٕ آئیس
میانہو معلوم کرہٕ نہٕ میانی راے
تی کوٗرُم منظوٗر تن وزُم نہٕ نیائیس
یاوٗن رائیں چھنہٕ میانی ماے
للہ مژ ینلہٕ منز بازر درائیس
شاہ ہمدانؒ وُچھ میانی ژھاے
مردس یرونٹھ کُن پردہ سان آئیں
یاوٗن رائیں چھنہٕ میانی ماے

چھ باعث جانور بولان مگر آواز چھکھ بیوٚن بیوٚن
پھندس آلوس یارب اثر یکسان پیدا کر

"گلشن وطن چھُ سونے" چھیہٕ مہجورنی اکھ نفیس تہٕ بوزوٕے بصیرت افروز نظم۔ نظمہٕ ہنز خاصیت چھیہٕ یہ زِ اَتھ اندر چھُ گوڈ شاعر کٲشرِ ہندین پوشن تہٕ پیٚتہٕ کٲشرِ ہٕنزن تمن پُر فضا توارٕیخی جاین ہنز زیٚنہٕ وٚن دوان یِہنز کوچھ منز ہر ہمیشہ کٲشرِ سکوٗن تہٕ اطمینان ووٚب۔ پتھے پاٹھۍ چھُ شاعر نوٚ کٲشرِ وٚنتھ تہٕ اکہِ نَہٕ بٔیہ آہ کٲشرِ ہندِ حسن جمالک جاوِدان ووتلاوان۔ اَمہٕ قسمچہِ نظمہٕ وٚنتھ چھُ شاعر اکہِ طرفہٕ کٲشرِن پننہٕ مٲری مندِ ثقافتی وراثچ زیٚنہٕ وٚن دوان (زِ کٲشرِ چھیہٕ پرٕی سبز گوہرا) تہٕ بٔیہ طرفہٕ اولادِ صالح بنِتھ اَتھ مشترکہ میراثس رٲچھ راوٹ کرنٕچ تلقین کران۔ نظم پرِتھ چھُ یِمہٕ گژھِ ہند برپور مشاہد پیدان زِ پیٚنہٕ وول وَق اَنہِ نبوٗت رُت تہٕ جان زِ گانٹھ مازہٕ مازس، گنڈی کرن بارٕچ چوکیداری ۱۱ر کھلس بہٕ دیودارک پےوٚند، سنگرمالن بہٕ سوٚن، تار سر مار سر بہٕ امرتسر، توپہٕ مادان بہٕ صوٗرتِ بندر۔ کونگہٕ دٲنٕ لگہٕ کارخانا بیترِ زِ کٲشرِ سُند قسمت تراوِ آفتابکۍ پاٹھۍ گاہ۔ یہ سوٗرے جذبہٕ چھُ محض شاعرسُندِ کٲشرِ آنکُ تہٕ کٲشرِیُت پھاپھلاوٕنگ اکھ غارِ معموٗلی اعتراف تہٕ یِمک احساس تِہندِس ضمیرس منزٕے موٗجوٗد چھُ۔

"یادن رٲیس چھینہٕ میانی ہاے" وَژن نما نظم چھیہٕ کٲشرِ احساس

میہ تہٕ پادٕ کریاے واریاہ یوسف تہٕ دلارام
کیہنہ اند مزارن روٗدی کیہنہ شرٛوپہِ رازٕ بن منٛز

یہ کتھ چھیہ آپنہِ زٕ یِتہ مہجورنۍ ہمعصر اقبالؒ ہتی بیشتر جاین
اُنی کانٛی استفادٕ کران چھہِ، تتہٕ چھُ مہجورن یہ اتفاق محض وطن پرستی
قومیت تہٕ راوٕمژ وراثت ژھانڈنس تامتھے محدوٗد روزان یمِتہٕ
علامہؒ کاشرن ہنٛز بدحالی پیٹھ یتمہٕ آیہِ پننۍ فرمان نظماوان چھُ ؎

آج وہ کشمیر ہے محکوم و مجبور و فقیر
کل جسے اہلِ نظر کہتے تھے ایرانِ صغیر

تتہٕ چھُ کاشرٕنگ غمخوار مہجور یتمہٕ آیہٕ پننہٕ بدحالی ہند اوحال بیان
کران ؎

دھرم تے مذہب ایمانداری
یتھ کالہٕ اوس یتہٕ جاری یے
تتھ بدل از چھہٕ یتہٕ زوراواری
کاژ زوٗنی بوز میانۍ زاری یے

مہجور سنٛز اکھ نادر خصوصیت چھیہ یہ زِ پننہٕ شاعری
منٛز مقامی رنگ تہٕ مجموعی تاثر برنس ہتی ہتی چھُنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ تُند
شاعرانہ باوژ ِبل رُژ گرژھان حقیقت چھیہ یہ زِ امہٕ قسمُک وطن فانہٕ

"گرِیسی کوٗر" تہٕ چھیہٕ مہجوٗر سٕنز اکھ نمایندٕ نظم ۔ نظمہِ ہنٛد کلُہم تجزیہٕ یوٗدوَے گرِیسی کوٗرِ ہٕندِ ین مُختلف گوٗنَن پیٹھ ڈٲرِتھ چھُ مگر تیٚوت کرِتھ چھیہٕ نظم مارے تہٕ ہلٕژارِچ اکھ ہٕژ ژینہٕ وَن ۔ نظم وُنِتھ چھُ شاعر گرِیسی کوٗرِ تہٕ بلٕچِ طبقن سٟتی وابستہٕ زنانن درمیان سو تفاوتھ ختم کرِنی یژھان یوٚسہٕ سماجی بُندی شوٗکِنی اَکس تھٔزرِ تہٕ بیٚیکس لوٚزرِ بخشان چھیہٕ ۔ مہجوٗر چھُنہٕ قطعن تہٕ یِمہِ کتھہٕ ہنٛد قٲیِل زِ اکھ کُن تہٕ مُشترکہٕ کٲشرِیت اٲستھ کیا گرٕژھو اَسی شہر گام حد بندی ین ہندی شکار ۔ تٔس اوس اکوے شمع تہٕ تہٕ اوس سنگ مرمرٕکس تھدِس دٕلوارس منز باگ سبز گوہرٕک ژٕ تمناہ یِتھ کُن علامہ اقبالنؒ گوڈے اشارٕ کوٗرمُت اوس ۔

آہ یہ قوم نجیب و چرب دست و تر دماغ

یِتھ پیٹھ چھیہٕ اکھ کتھہٕ وَننی ضروٗری زِ مہجوٗر چھُنہٕ کٲشرِ تُک جذبہٕ بیان کران چھرا ہنٛزٕ ہس منز گیلہٕ لایان ، بلکہ چھُ دِلہ جانہٕ یِمن جذباتن انتہٲیی مہکہِ تہٕ عبہٕ سان زٕبُو دِوان تہٕ اکثر چھُ شاعر پانہٕ سے کُن مُخاطب سپدِتھ امہِ قسمکی جذبات ژھانڈٕ ناوان ۔ یُس تٔمِ ہندِ کٲشُر آنگ اکھ شُبقہٕ تہٕ بنیادی اصوٗل بنان چھُ ۔

بہٕ تہٕ ژٕھینتھے اوٚسُس تہٕ اوٚسُس وقتہٕ اکہِ با اختیار
دِن گواہی میانہٕ کٔنہٕ یم پرٲنی کنہٕ دیوار میانی

کأشرِس ذہنی طور بیدار کرِتھ نہ صرف مُنزِ پچھ چھرار سنجائی کران ، بلکہ اکھِس تھپھ کرِتھ مُنزلِ مقصوٗدس تام واتہٕ ناوان ، یُس تہنز جودو بیانی ہُند اہم کارنامہ چھُ ۔ بحوالہٕ شیرازٕ مہجوٗر نمبر "کشمیریت کی ترجمانی اور مہجوٗر" صفحہ نمبر

"یہ امر اپنی جگہ مُسلم ہے کہ مہجوٗر اپنے ہر اظہار میں کشمیریت کے سچے پرستار رہے اور وہ تاویلات کی پرواہ کئے بغیر اپنے محسوسات کو شعر کا جامہ پہناتے رہے" ۔

مہجوٗر سنز شاعری ہنز روٗانی میچھر تہٕ بےٚ پھرِیک اظہار چھُ یہ ڈِپِزٕ تہٕ تِہندِس ہمعصر کأشرِس الہٕ کلُس چھیٚلن وانجِ ترٛاوتھ بختان ۔ اکِ طرفہٕ اُس سیاسی بیداری ہنز آواز ماسٹر محمد عبداللہ (شیرِ کشمیر) تہٕ بٔیہ پاسہٕ شیرین کلام شاعر کأشرِن ہندِن ژھوتیمتین جذبن اثر تہٕ تأثیرُک ادراک ۔ یوٚہے اوس سُہ لوٚکُٹ تہٕ نادر وق یِیلہِ پرانہ کُشیرِ ہنز بدحالی ختم گیہ تہٕ نٔوِ کُشیرِ ہُند خاب شرمندہِ تعبیر پیٚد ۔ یِکہٕ ہندِن ڈُدیمتین دِلَن آو بامُن ۔ سنگرمالن ہیوٚو پرٛاگاش تہٕ انقلابک آفتاب پیٚد مُنوّر ۔

الغرض کُشیر بناونس تہٕ کأشر قوم بیدار کرنس منزیس اہم کردار مہجوٗرن اداکوٚر سُہ چھُ واقعی اکھ کارنامہ آسہٕ نس تیتہٕ سیٚتہ کُلہم کأشرِس تواریخس منز اکہ عظمتُک بہتر نمونہٕ ۔ بحوالہٕ کلیاتِ مہجوٗر صفحہ نمبر ۸۱ ۔

صلاحیت چھےٚ مہجورَس کم مایہِ گی پتہ کم پایہِ گی نشہِ مچھِ تھاوُنک اعجاز۔
آزاد چھُ مہجورَ ستۍ یہ صلاحیت یَتمہِ آیہِ قلمبند کران۔
مہجور کی شاعری سرتاپا جذباتی مناظر کی مصوری
ہے اور ایسی مصوری کہ آپ اپنی نظیر باوجود اس کے
اس پر مقامیت کا رنگ چڑھا ہوا ہے اور اس
خصوصیت میں بھی لاجواب ہے ہم اس خصوصیت
کو مہجور کی خداداد شاعری کا لازمہ خیال کرتے ہیں۔

چھُکھ یہ ژےٚ باغس اندر تنہا کلیٚن کھِسی روان
مَنٛز چھےٚ مہجور نالان تس تہ چھُے آزار چھےٚ

چھِنہ عاشہِ متین پتۍ رلان داُدی لدِ غمگین
منز پوشہِ چمن جاے تَوے ژٹ نہ گُلاٛن

یہ چھُ مہجور نُندیوٚ ہے بےٚ پناہ محبت یُس تس پھِری پھِری
کٔشیرِ پتہ کاشُر یتیس اَندی گتھ کرناوان چھُ پتہ کٔشیرِ ہُند
وارڈس ورتھ (WORDS WORTH) ہیوٗ امتیاز بخش
ناد یژاوِ ناوان چھُ۔ شاعر چھُ گوڈنچ پھِر مو ردِ پتہ خود ساختہ

پرٛوفیسر مرغوب بانہالی

# مہجورُن "تذکرہ شعرائے کشمیر"

## پوٚت منظر

بوزن والین ہندِین دِلن منز آس مختلف سوالو ووٚزہ ہش نہٕ رٹنہٕ ہیٚتر مٕژ:-

۱، مہجورس ہے بحیثیتِ شاعر پنُن اکھ مقام چھُ۔ یِم کتھ چھِ تس بحیثیتِ مورخ اہم بناوُن یِژھان ؟

۲، مہجورُن تاریخی شعور ہے تِہندِس کلامس منز تہٕ پرٛزلان چھُ تذکرہ شعرا لیکھنہٕ یا اَڈلیوک ترٛاوُنہٕ سببہٕ پرٛیاسہٕ مُجرم زانُن ؟

۳، مہجورس آسا کشیرِ ہِندِس فارسی شاعرَن ہُند تذکرہ لیکھنچ تحریک علامہ اقبالؒ نِہ دِژمٕژ تہٕ ہرگاہ سہٕ اَمِچ تحریک دِیہ ہے نہٕ مہجور یا محمدالدین فوق ہیکہٕہن ناپانہٕ یِتھ کانہہ منصوبہ دردستِ نِنگ نٕوٚ نچھِ ؟

۴، مہجورن کوٚرا وٕنیر امہٕ تذکرُک ناو علمی خاندانن منز

"مہجورٕ اوس اکھ باشعوٗر تہٕ خود آگاہ تہٕ نظرباز
کأشرٕ تہٕ تمی سُند یہ شعوٗر چھُ تٔمِسٕنزِ شأعری منز
جایہ جایہ پرٕ بزلان تہٕ ژھیپہٕ ژھور کران۔"

بہرحال مہجورٕ سٕنزِ شأعری منز کأشریُت ژھانڈُن گوٚو یِیانزِ اسی کرو تٔہندِس تتھ دوٗر بینی تہٕ حساس جذبس پأروی یُس تس کأشرِن شأعرن منز اکھ مُمتاز مقام بخشان چھُ۔

شاعرِ رنگین نواہے دیدۂ بینائے قوم

زانہٕ پیٛنہٕ وول واضح پاٹھۍ محمد الدین فوقس کُن منسوب چھُ۔ بیٚیٹھ چھِ ساری زانان زِ محمد الدین فوق چھُ باضابطہٕ مورخ اوسمُت۔ چنانچہِ چھِ تَسُند "تاریخ اقوام کشمیر" "تاریخ اقوام پونچھ" تہٕ "تاریخ بڈشاہی" کافی مشہور۔ مگر تامتھ کوٚر بشیر عارف صابن اکھ چشم دید ننیتھ اَمہِ کتھہِ ہند انکشاف زِ میٚہ چھُ ہجور صابنِس گرس منز۔ اَدٕ خطکٕ اکھ مٹن وُچھمُت یتھ منز ہجور صابنِ مُرشد "رحیم صاب صفاپوری" ییٚس متعلق ہجورنہٕ تالیف حیاتِ رحیمیک ذکر تہٕ علامہ اقبالن کوٚرمُت چھُ بحث اوس یمن وٕدتِل بُحن منز ہیٚنہٕ آمُت۔ صدرِ محفل سردانند کول پریمی صاب اوس میانٛی مداخلت پٕرٛژھانٛی چنانچہِ کوٚر میٚہ تہندِس پرٛژھنس تحت یہ اعلان زِ فارسی شاعرن ہند تذکرہ ہجورس کُن منسوب سپدُن چھُنہٕ مفروضہٕ بلکہ اکھ ٹھوس پزر تہٕ اَمیک اصلی مخطوطہ چھُ وُنہٕ اکہِ امانتہٕ زنٛگ میٚہ نِش موجود۔ اَتھ منز چھُ ہجور صابن اَکِس ہتس نمتھن کاشرین فارسی شاعرن ہند احوال ڈایرنگ خاکہ مرتب کرنہٕ علاوٕ کینژن بیٚیٹھ دستیاب سپدَن وول تحقیقی مواد باضابطہ پاٹھۍ جمع کوٚرمُت۔ ونٕ گوٚو یتھِس خاکس منز رنگ بھرنہٕ خاطرٕ یمہِ یکسوئی تہٕ یمن وسایلن ہند بہم آسُن ضروری چھُ تم چھِنہٕ سانِس اَمِس معنوی اپرِس مگر مادی غریبس میٚسر آسی متٕ۔ اَمی وقتہٕ کوٚر ہجور صابنٛہِ ہم عصر تہٕ اکہِ لحاظہٕ تسندی رقیب مگر شاگرد مرزا عارف صابن سیمنارس منز موجود قریبن ستھن ادیبن تہٕ ادب نوازن برونٛہہ کنہٕ یہ انکشاف زِ میٚہ چھُ کالک بتہٕ ہیوٚہ پزرٕ ژھتس زِ ہجورن تہٕ آزادن اوس باہمی مشورٕ ستی اَمہِ کتھہِ ہند فیصلہٕ کوٚرمُت زِ ہجور لیکھہِ کشیرِ ہندین فارسی گو شاعرن ہند تذکرٕ بیٚیلہِ زَن آزاد کاشرین

محض بطورِ اکھ مفروضہٕ یا عوامی حلقن منٛز محض بطورِ اکھ رعب داب استعمال کُنہٕ گوناگوٗن ذاتی پریشانیو باوجوٗد کرٕن اُمہٕ خاطرٕ پزٕنہٕ پاٹھۍ کانٛہہ سنجیدٕ تہٕ قابلِ قدر کوشش؟

۵۔ ہیچوٗرن ہے کاشرِ شاعری پیٹھ فارسیٖک اثر کم کرنُک دعویٰ کورمُت چھُ تیلہٕ کیازِ دیُت نہٕ تمہٕ گوڑٕ انوارِ عبدالاحد آزادنی پاٹھۍ کشیرِ ہندین کاشرین شاعرن ہُند تذکرٕ لیکھنس کُن عبدالاحد آزادٕنی پاٹھۍ کانٛہہ توجہ؟

یِمن تہٕ یتھین وارِیاہن سوالن منٛز اوس تِمن لُوکن والین ہُند ذہن آورنہٕ آمُت۔ یِم کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشرِ شعبہٕ کِس ترٛیِمس سالانہٕ سیمنارس پیٹھ، ۲۲، مارچ تا ۲۴، مارچ ۱۹۸۸ء منعقد سپدٕن واجنین شپن مقالہٕ مجلسن ہندِس اختتامس پیٹھ تہٕ زبردست وابستگی سان بحثا بحثی منٛز دلچسپی سان شامل اٰسی۔ چنانچہ ییلہٕ شیٖیِم مقالہٕ محفل ختم سپدیہ کشیرِ ہندین نامور کاشرین تہٕ اردوٗ شاعرن ہُند مشاعرٕ منعقد سپدنس صرف کینٛہہ منٹ بٲقی اٰسی تہٕ ییلہٕ غلام نبی خیال صاحبن بحثس پیٹھ وُنہہ نوٗ دوہ موٚر دیتمُت اوس زِ ہیچوٗرس کُن منسوب تذکرہٕ شعرا چھُ تسُند محض اکھ مفروضہٕ تہٕ ییلہٕ اُتھ بیانس پیٹھے گران حسرت گڈھ صاحبن سید حسام الدین راشدی سندس کینٛہہ کال برونٛہہ پاکستانس منٛز چھاپ سپدیمتس اُمی عنوانٕکِس تذکرس منٛز درج تتھ عبارتس کُن لُوکن والین ہُند توجہ پھیرِتھ منٛز ہیچوٗرس کُن مخاطب

تہٕ چھُ غنی کشمیری اَمہٕ رنگہٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ باجبس آسنگُ باس دِوان مثالے یتھی شعر وُنتھ ؎

روزی ملمے شود آخر نصیب دیگراں

طالع برگشتہ ہمچو آسیا داریم ما

کدام باز ندانم در آشیاں بندی است

کہ ہست حکم پرِ کاہ بالِ مرغاں را

پَنُن باشعور تہٕ باہوش کاشرِ شاعرن ہُند تخلیق کوٚرمُت مولُل سرمایہ اوس عظیم فرزندِ کشمیر علامہ اقبالس نظرِ تَل یِیلہٕ تمۍ اَکہٕ اندازٕ موٚجوٗب اکی عبارتکۍ خط معموٗلی تفاوتہٕ سان پننِس دورِ ہم عصر باشعور تہٕ باہوش کاشرِ شاعرن لیکھۍ۔ یہ توقع تھوٚوتھ زِ دوٚیو منٛز یُس اَکس توفیق میلہٕ تہٕ حالات ساتھ دِنۍ سُہ اَکھ کرِ ضرور تھہندِس اَتھ تحفظ ثقافت کس مولس مشورس قدر۔ بہ ہیکہٕ وِثوٚقہٕ سان وَنتھ زِ مہجورَن تہٕ فوقن دوشوے کرٕ زِ ہٕس برادر علامہ اقبالنس اَتھ مشورس ذاتی مشکلاتو باوجود قدر کرِنچ حتی المقدوٗر کوٚشش۔ یہ چھیٚہ بیاکھ کتھ زِ دوٚیو منٛز ہیوٚکہٕ اکھ تہٕ اَتھ عظیم کامہ پزٕ تہٕ پاٹھۍ تشکیل دِتھ مکمل کرِتھ گیوو یوٚڈ منصوبہٕ۔ دوٚن گوٚو میٚہ پزٕ اَمہٕ رنگہٕ پنُن پان تمَن دۄن ہُند ثقافتی وارث تہٕ مجموعہ زانُن، تہٕ کیازِ اللہ تعالیٰ ہن کرٕ میٚہ یہ کام مِنا باعمل اَنٛنچ صورت تہٕ صلاحیت عطا۔ چنانچہ کوٚر میٚہ مہجور صابنہٕ پننِ نظمہٕ منصوبُک نصف حصہ از برونٛتھ داہ وٕری پتہٕ پی ایچ ڈی مقالچہ تشکلہٕ منٛز "کشمیر میں فارسی ادب کی تاریخ۔ شہمیری دور" عنوانس تحت مکمل۔ تیلہٕ اوس

شاعرن ہُند تذکرٕ لیکھ۔ لہٰذا چھُنہٕ یہٕ سوچُن صحیح زِ مہجورٕ کیا اوس امیک ناو
بطورِ اکھ مفروضہٕ ورتاوان۔ یِی وَنان گوو سیمنارچہ اَمہِ نشستہٕ ہُند دَق
ختم تہٕ تذکرُک تذکرٕ چھُ اَمہِ برونٹھ کُن ییٚمہِ آیہِ پیش پوان کرنہٕ یہٕ اوسُے
دراصل بطورِ اکھ تعارفی تبصرٕ اَتھ سیمنارس منز شامِل مہجورٕ صد سالہ تقریباتن دوران
پیش کرنہٕ خاطرٕ بلکہ چھُ اَمہِ تبصرٕ اندر پٔتہٕ حِصہٕ حذف پوان کرنہٕ یُس بطورِ تمہید
پیٹھ کٔنہٕ چِن کتھن پیٹھ مشتمل اوس۔ پیرزادہ غلام احمد مہجورٕ چھُ سُہ گوڈنیک
شاعر یُس پنٕنس تواریخس تہٕ ثقافتس جان پأٹھۍ واقف آسنُک باس پنٕنس
کلامس منز دِوان چھُ۔ کأشر شاعری پیٹھ یُس کال تام صوفیانہٕ رجحان غالب
روزنہٕ پتہٕ چھُ یوٚہے گوڈ نِتھ لاتعلقی ختم کران یوسہٕ عام کأشرۍ شاعر حضرت
شیخ العالمؒ پتہٕ پنٕنس وطنہٕ عزیزس دریش حالاتن نِسبت ورتاوان روٗدۍ
تہٕ لامحدوٗد پاچ کتھ کران خود شناسی تہٕ محدوٗد۔ پاچ کتھ کران خود فراموشی منز
دوتلان تہٕ پوڈان روٗدۍ۔ مہجورس اوس اَمہِ کتھِ ہُند احساس زِ شاعر گژھہِ بحیثیت
اکھ فن کار علامہ اقبالنین لفظن منز دیدۂ بینائے قوم تہٕ آسُن۔ تَسُند فن گژھہِ
گُل وُلیل یا باغ تہٕ باغوان ہیوٚن علامتی کردارن ہندِس پردس منز پننہٕ اجتماعی
زندگی ہنز ترجمانی تہٕ پننہِ اندری پوٚکھچہِ عکاسی ہُند حق تہٕ ادا کرُن۔ چنانچہٕ
اوس کشیر پیٹھ مُسلط زورن ہتن وَرین ہندین ناسازگار حالاتن دوران
غنی کشمیری ہیو بوٚ کینژ دفارسی شاعرو پزۍ پأٹھۍ یہٕ حق پوٗرٕ فن کاری سان
ادا کوٚرمُت۔ چنانچہٕ ییتہٕ حضرت صرفیؔ تہٕ اَکس مرحلس پیٹھ اَمہِ قسمچہ حق
ادائی ہُند ثبوت دِوان وَنان چھُ۔

تذکرہٕ شعرائے کشمیر ابتدائی ۱۳۲۰ لغایت ۱۴۱۲ھ کبیرسے لیکر مہدی دیکہ تک

دورِ سوئم (۸۲ سال) ۳۲ ، اصحاب

بٕیین لفظن منز ونوٗ زِ مہجوٗر صابن چھُ صرف اَمہٕ پروگرامُک خاکہٕ مُرتب آسان کوٗرمُت ۔ چنانچہ چھہٕ ۲۱۰ صفحو منزٕ اَکس ہتَس ژُونٕزہن صفحن پیٹھٕ مختلف شاعرن ہندین نادن تحت اُردوٗ پاٹھی پننہٕ مطالعُک ماحصل درج کوٗرمُت ۔ اکثر صفحہٕ چھہٕ خٲلی تھوٗنہٕ آمتی ۔ اما پوٗز پرتھ دٔہن صفحن پیٹھ اَکس شاعرٕنٛد ناو درج کٔرتھ چھہٕ تَس کِتھ ز صفحہٕ وقف تھوٗنہٕ آمتی ۔ شاعرن ہند فہرست چھُنہٕ پوٗرٕ تحقیقہ سان ترتیب دِنہٕ آمُت اما پوٗز حتی المقدور چھہٕ تاریخ اعظمی (واقعات کشمیر) کس ترتیبس نِنھ روزنٕچ کوشش کرنہٕ آمٕژ ۔ تَسنٕزٕ پیش نظر ناوٕ ترتیب چھینہٕ ییمہٕ آیہٕ ترٕن حصن منز بٲگرٕتھ درج ۔

دورِ اول : ۱۔ مُلا احمد بٹہ شاہی ۲۔ قاضی حمید ۳۔ سید محمد امین اویسی ۴۔ حُسین شاہ چک ۵۔ یوسف شاہ چک ۶۔ مُلا نامی اول ۷۔ مُلا نامی ثانی ۸۔ میر علی ہمدانی ۹۔ طالب اصفہانی ۱۰۔ میرزا علی خان ۱۱۔ محمد امین مُستغنی ۱۲۔ بابا داوٗد خاکی ۱۳۔ مُلا احمد ۱۴۔ مُلا میری ۱۵۔ میر بابا حیدر تولہ مولی ۱۶۔ علی رینہ ۱۷۔ شیخ یعقوب صرفی ۔

دور دوم ۱۔ فطری ۲۔ بدیعی ۳۔ فروغی ۴۔ مہری مشہدی ۵۔ مُشتری ۶۔ گلشن شیرازی ۔ ۷۔ روشنی ۸۔ مُلا فصیحی

مینٛتہٕ مہجوٗر صابٕنۍ دعوا محض ہوٲیی دعوا باسان، مگر کینہہ دٕہ ورٛنٛٹھ ییلہٕ ابدال صابن مینٛہ مشوٗرٕ دیُت مینٛہ پیُد یقین زِ مہجوٗر صاب چھُ سنجیدگی سان اَتھ موضوٗعس پیٹھ کٲم کرِتھ علامہ اقبالؒ یا ٹھنڈِس روٗحس تہٕ روٗحِ کشیٖرس خوش کرُن یژھان مگر حالاتو دِتکھ نہٕ ساتھ بہرحال میانہٕ تحقیقُک مشخص دوٗر ادس ۱۳۳۹ء پیٹھ ۱۵۵۵ء تام پھہلِتھ تہٕ یمہٕ دٕہن ہتن شرٕہن ورٛیٚن دوران گزریمتین شاعرن علاوٕ گرٛ مینٛہ اَمہِ زیٛٹھہِ دورٕکین نثرنگارن متعلق تہٕ دستیاب موادس ترتیب دِنچ کوٗشش یُس میانہِ پی، ایچ، ڈی مقالچہ شکلہِ منز کشیٖر لاگیٚچ کانہہ صوٗرت پادٕ سپدنُس پیٹھ چھاپ ہیکہِ سپدِتھ۔

میانہِ تحقیقی مقالہٕ برعکس کیاچھُ مہجوٗر صابہٕ پیش نظر پرٛوجیکٹُک خاکہٕ او سمُت تمیُک عکس چھُ تمۍ دٕہن ہتن پانژن لیٛدرٕ رنگہٕکین پٹوٲری کاغذ باسونین (سایز ۷"×۱۰") ورقن پیٹھ ترِٛین حصن منز ترتیب دِنُک منز کورمُت آسان۔ گوڈنکہِ حصہٕ خاطرٕ چھِن ۲۳ ورق دوٗیمہِ حصہٕ خاطرٕ ۱۲۵ ورق تہٕ ترٛیمہِ حصہٕ خاطرٕ ۲۷ ورق وقف آسان تھاوی متۍ۔ یینہِ اَتھ چھِن اَمہِ مسوٗدکس پرٛتھ حِصس پیٹھ کینہہ لفظ ییٚمہ آیہٕ ڈیکہٕ ہکہٕ بناوی متۍ :-

تذکرۂ شعرائے کشمیر — ابتدائی ۸۲۲ھ لغایت ۱۰۰۳ھ — قاضی حمید مورخ سے شیخ مرفی تک

(دورِ اول) — (۸۱، سال) — (۱۷، اصحاب)

---

تذکرہ شعرائے کشمیر — ابتدای ۱۰۰۳ھ لغایت ۱۲۲۸ھ — فطری سے لیکر ملا صدرالدین تک

(دورِ دوم) — (۲۲۵، سال) — (۱۴۰، اصحاب)

---

۷۱، مرزا کمال الدین کامل داکمل ۷۲، مرزا عبدالغنی بیگ قبول ۷۳، مرزا گرامی
فرزند قبول ۷۴، محمد رضای مشتاق ۷۵، عبدالحکیم ساطع ۷۶،
مرزا ارجمند فرزند قبول ۷۷، امان اللہ شہید ۷۸، شاہ رضا چشم
۷۹، محمد امین دانا ۸۰، مرزا فرہاد بیگ فرید ۸۱، محمد اسحاق ۸۲،
خواجہ امان اللہ ۸۳، محمد عاقل ۸۴، ملا اشرف ویری ۸۵،
ملا یوسف ۸۶، محمد رفیع مانٹی ۸۷، عبدالغفور نامی ۸۸، مرزا بیگ
۸۹، حکیم رحمت اللہ ۹۰، محمد فاروق ۹۱، شریف الدین خان فرحت
۹۲، محمد حیات ہاری ۹۳، محمد اشرف یکتا ۹۴، لطف اللہ بیگ صہبا
۹۵، میر محمد معروف ۹۶، شیخ رجب اندواری ۹۷، شاہ یعقوب
۹۸، محمد اعظم دیدہ مری ۹۹، محمد یحیٰ حیا ۱۰۰، ملا عبدالرشید بینوا
۱۰۱، محمد رضا کنٹھ رضا ۱۰۲، شیخ عبدالوہاب نوری ۱۰۳، امیر عنایت
اللہ کنٹھ ۱۰۴، عبدالوہاب شائق ۱۰۵، شاہ صادق قلندر ۱۰۶،
خواجہ عبدالغوز ۱۰۷، عطاء اللہ ہما ۱۰۸، ملا عبدالغنی ناتھ ۱۰۹،
اسد اللہ شگون ۱۱۰، محمد جان بیگ سامی ۱۱۱، مولانا حسام الدین
۱۱۲، ملا محمد توفیق ۱۱۳، مرزا محتشم خان فدا ۱۱۴، بابا کرم اللہ
۱۱۵، میر احسن اللہ المعروف فصاحت خان ارضی ۱۱۶، حبیب اللہ
دیو ۱۱۷، محمد علی خان متین ۱۱۸، ملا محمود والا ۱۱۹، رحمت اللہ غمگین
۱۲۰، ملا حسن عشقی ۱۲۱، مرزا قلندر ۱۲۲، عصام الدین ۱۲۳، محوی
۱۲۴، عبدالوہاب ہمت ۱۲۵، محمد کاظم ۱۲۶، محمد رضا ۱۲۷،

۹، مُلا فہمی ۱۰، میرم بزاز ۱۱، طغرائی مشہدی ۱۲، ملا ابوالقاسم

۱۳، مظہری ۱۴، خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ ۱۵، شاہ نعمت اللہ

قادری ۱۶، خواجہ علی اکبر ۱۷، اوجی ۱۸، مُلا علی بوسک ۱۹، قدسی

۲۰، ذہنی ۲۱، نصیب الدین غازی ۲۲، نصیر الدین نصرت

۲۳، ملک حیدر چاڈورہ ۲۴، مُلا حسین خباز ۲۵، سلیم ۲۶، خواجہ محمد

خلیل غازی ۲۷، ندیم ۲۸، کلیم ۲۹، مُلا محمد عارف ۳۰، میر الٰہی

۳۱، ہاشم دیوانی ۳۲، عنایت خان احسن ۳۳، منشی محمد رفیع

۳۴، قاضی محمد عارف ۳۵، عنایت اللہ آشنا ۳۶، غلام رسول استغنیٰ

۳۷، محسن فانی ۳۸، غنی کاشمیری ۳۹، خواجہ معین الدین نقشبندی

۴۰، اخوند مُلا طیب ۴۱، حبیب اللہ دیوانی ۴۲، مُلا نازک

۴۳، زین الدین پال ۴۴، بابا داود مشکواتی ۴۵، میاں محمد امین

دار ۴۶، نور اللہ والہ ۴۷، مُلا بینش ۴۸، حاجی حیدر ۴۹،

مولانا ابوالفتح کلو ۵۰، لالہ ملک شہید ۵۱، کامران بیگ گویا

۵۲، حاجی اسلم سالم ۵۳، محمد زمان نافع ۵۴، عبدالغفور غازی

۵۵، مُلا احمد بن عبدالصبور ۵۶، ملا محسن کھشو ۵۷، خواجہ اسحاق

نادچو ملک ۵۸، حاجی مغنی ۵۹، مرزا داراب جویا ۶۰، شیخ محمد داود

رفیقی ۶۱، مُلا عنایت اللہ شال ۶۲، جیمی راوہو ۶۳، نور اللہ دیوانی

۶۴، میر نور الدین شارق ۶۵، مُلا فایق ۶۶، مُلا ثابت ۶۷،

قلندر بیگ ۶۸، آذری ۶۹، میر کمال الدین ۷۰، شیخ مراد ٹینگ

۷۱. مرزا کمال الدین کامل و اکمل ۷۲. مرزا عبدالغنی بیگ قبول ۷۳. مرزا گرامی
فرزند قبول ۷۴. محمد رضای مشتاق ۷۵. عبدالحکیم ساطع ۷۶.
مرزا ارجمند فرزند قبول ۷۷. امان اللہ شہید ۷۸. شاہ رضا چشم
۷۹. محمد امین دانا ۸۰. مرزا فرہاد بیگ فرید ۸۱. محمد اسحاق ۸۲.
خواجہ امان اللہ ۸۳. محمد عاقل ۸۴. ملا اشرف ویری ۸۵.
ملا یوسف ۸۶. محمد رفیع مانجی ۸۷. عبدالغفور نامی ۸۸. مرزا بیگ
۸۹. حکیم رحمت اللہ ۹۰. محمد فاروق ۹۱. شریف الدین خان فرحت
۹۲. محمد حیات ہاری ۹۳. محمد اشرف یکتا ۹۴. لطف اللہ بیگ صہبا
۹۵. میر محمد معروف ۹۶. شیخ رجب انداری ۹۷. شاہ یعقوب
۹۸. محمد اعظم دیدہ مری ۹۹. محمد یحییٰ حیا ۱۰۰. ملا عبدالرشید بیتوا
۱۰۱. محمد رضا کنٹھ رضا ۱۰۲. شیخ عبدالوہاب نوری ۱۰۳. امیر عنایت
اللہ کنٹھ ۱۰۴. عبدالوہاب شائق ۱۰۵. شاہ صادق قلندر ۱۰۶.
خواجہ عبدالعزیز ۱۰۷. عطاء اللہ ہما ۱۰۸. ملا عبدالغنی ناتھ ۱۰۹.
اسد اللہ شگون ۱۱۰. محمد جان بیگ سامی ۱۱۱. مولانا حسام الدین
۱۱۲. ملا محمد توفیق ۱۱۳. مرزا محتشم خان فدا ۱۱۴. بابا کرم اللہ
۱۱۵. میر احسن اللہ المعروف فصاحت خان ارضی ۱۱۶. حبیب اللہ
دیو ۱۱۷. محمد علی خان متین ۱۱۸. ملا محمود والا ۱۱۹. رحمت اللہ غمگین
۱۲۰. ملا حسن عشقی ۱۲۱. مرزا قلندر ۱۲۲. عصام الدین ۱۲۳. محوی
۱۲۴. عبدالوہاب ہمت ۱۲۵. محمد کاظم ۱۲۶. محمد رضا ۱۲۷.

۹۔ مُلا فہمی ۱۰۔ میرم بزاز ۱۱۔ طغرائی مشہدی ۱۲۔ ملا ابوالقاسم
۱۳۔ مظہری ۱۴۔ خواجہ حبیب اللہ نوشہری ۱۵۔ شاہ نعمت اللہ
قادری ۱۶۔ خواجہ علی اکبر ۱۷۔ اوجی ۱۸۔ مُلا علی بوسک ۱۹۔ قُدسی
۲۰۔ ذہنی ۲۱۔ نصیب الدین غازی ۲۲۔ نصیر الدین نصرت
۲۳۔ ملک حیدر چاڈورہ ۲۴۔ مُلا حسین خباز ۲۵۔ سلیم ۲۶ خواجہ محمد
خلیل غازی ۲۷۔ ندیم ۲۸۔ کلیم ۲۹۔ مُلا محمد عارف ۳۰۔ میر الہٰی
۳۱۔ ہاشم دیوانی ۳۲۔ عنایت خان احسن ۳۳۔ منشی محمد رفیع
۳۴۔ قاضی محمد عارف ۳۵۔ عنایت اللہ آشنا ۳۶۔ غلام رسول استغنیٰ
۳۷۔ محسن فانی ۳۸۔ غنی کاشمیری ۳۹۔ خواجہ معین الدین نقشبندی
۴۰۔ اخوند ملا طیب ۴۱۔ حبیب اللہ دیوانی ۴۲۔ مُلا نازک
۴۳۔ زین الدین پال ۴۴۔ بابا داؤد مشکواتی ۴۵۔ میاں محمد امین
دار ۴۶۔ نوراللہ والہ ۴۷۔ مُلا بینش ۴۸۔ حاجی حیدر ۴۹۔
مولانا ابوالفتح کلو ۵۰۔ لالہ ملک شہید ۵۱۔ کامران بیگ گویا
۵۲۔ حاجی اسلم سالم ۵۳۔ محمد زمان نافع ۵۴۔ عبدالغفور غازی
۵۵۔ مُلا احمد بن عبدالصبور ۵۶۔ ملا محسن کھشو ۵۷۔ خواجہ اسحاق
نادچو ملک ۵۸۔ حاجی مغنی ۵۹۔ مرزا داراب جویا ۶۰۔ شیخ محمد داؤد
رفیقی ۶۱۔ مُلا عنایت اللہ شال ۶۲۔ حبی راہو ۶۳۔ نوراللہ دیوانی
۶۴۔ میر نورالدین شارق ۶۵۔ مُلا فایق ۶۶۔ مُلا ثابت ۶۷۔
قلندر بیگ ۶۸۔ آذری ۶۹۔ میر کمال الدین ۷۰۔ شیخ مراد ٹینگ

میر عبدالغنی رتی پوری ۳۳، مہدہ شاہ دیکہ (۱۲۱۳ھ)

اَتھ ترتیبس منز یوٗدوٚے تقدیم و تاخیرچہ کیہنہ غلطی ٹاکارٕ چھیٚہ مگر باسان چھُ زِ مہجوٗر صابس چھیٚہ اَتھ نظرِ ثانی کرنٕچ راے اُسمژ۔ پتھے پاٹھی چھیٚہ تہنز یہ دوربندی تہِ تیژھے اَڈلیٚچ باسان ییژ تہنز۔ پننس زمانس تام فارسی گو شاعرن ہنز گرٕنز نامکمل چھیٚہ۔ تقدیم و تاخیرچہ غلطی ہنز اکھ مثال چھیٚہ طالب اصفہانی حضرت میر سید علی ہمدانیؒ سندیم عصر بنأوتھ شأمل سپدُن دوربندی منز چھُ صدی واد، صنفہِ واد یا سلطنتہٕ واد تقسیم کرنہٕ بجایہ مُبہم پاٹھی ترِ یہ دور مقرر کرنہٕ آمتی تہٕ ہیکہٕ ہن تم کشمیری دور، چک دور، مغل دور، پٹھان دور، سکھ دور تہٕ ڈوگرہ دور ناوٕن تحت پانژن شپن دورن منز پننس تذکرس باگرِتھ بہرحال تیٚسنز دوربندی نظرانداز کرنٕچ گنجایش چھیٚہ ییمہِ لحاظٕ باسان زِ سہ اوس یژھان تذکرہ لیکھُن نہٕ زِ ادبی تاریخ۔ امہ پوز تذکرہٕ خاطرٕ روزِ ہے تَس ابجدی ترتیب قایم کرٕنی بہتر۔ یوہے شاید امہِ وجہ کنہٕ تمن ذہنس منز چھیٚہ آمژ تہٕ کیازِ تَس تہٕ آزادس یُس نمونہٕ برونٹھ کنہٕ اوس سہ اوس مولانا شبلی نعمانی سُند شعرالعجم۔ ییمیُک اظہار تمن کینژن خطن منز تہٕ سپدمُت چھُ ییم مُختلف دوستن ہند طرفہٕ تمن سوزنہٕ آمتی اوان۔ ییتہٕ لس چھیٚہ اَتھ سلسلس منز اکھ زٕ مثالہ پیش کرنہٕ لازمی باسان۔ ییم مثالہ ییتہٕ تمہٕ وقتُک سُخن فہمی ہند بییہ ادبی محفلن ہند اَنہ ہاوان چھیٚہ تہٕ مہجوٗر صابنہ تحقیقی مواد جمع کرنُک طریقہ تہٕ برونٹھ کُن انان چھیٚہ تہٕ چھیٚہ یمہ مثالہ راجپور

رحمت اللہ بانڈے نوید ۱۲۸۔ مُلا محمد فرزند توفیق ۱۲۹ خواجہ بہاالدین

۱۳۰، فاخر ۱۳۱، مُلا راجح ۱۳۲، محمد اکبر رفیق ۱۳۳ میر غلام شاہ

آزاد ۱۳۴، سعداللہ شاہ آبادہ ۱۳۵، محمد فاروق ۳۶ا، شیخ شرف

الدین زہگیر ۱۳۷، ہدایت اللہ متو ۱۳۸، ملا محمد سعید گندرو

۱۳۹، مولوی قوام الدین ۱۴۰، میر عبداللہ بیہقی ۱۴۱ مولانا صدرالدین

خانیاری۔

دور سوئم :۔ ۱، کبیری ۲، مرزا ربیع بیگ خان ۳، شیخ الہام لاری

۴، ملا نظام الدین مغنی ۵، ملا حیدر ریشلو ۶، قاضی جمال الدین جمیل

عالی کدل ۷، خواجہ شاہ نیاز نقشبندی ۸، مُلا بہاءالدین متو

۹، حاجی نظام نوراہی ۱۰، بابا کمال ریشی چرار ۱۱، مُلا حمیداللہ اسلام

آبادی ۱۲، شیخ طیب رفیقی ۱۳، ملا عبیداللہ ۱۴، خواجہ غلام

رسول نقشبندی مُقبل ۱۵، ملا حبیب اللہ دار ۱۶، مُلا مصطفےٰ خان

بختور ۱۷، مرزا مجرم ۱۸، اخوند بابا ولی زہگیر ۱۹، شیخ احمد

تارہ بلی ۲۰، محمد شاہ فصیح ۲۱، شیخ محمد نعیم تارہ بلی ۲۲، خواجہ حسن

زہگیر ۲۳، اسداللہ راجہ نحوی ۲۴، یٰسین خان بیروہ ۲۵،

میر سید سعید اندرابی ۲۶، خواجہ امیر الدین پکھلی وال ۲۷،

بابا محمد کاظم صفاپوری ۲۸، غلام رسول شیوا گامرو ۲۹، خواجہ محمد

شاہ نزدری ۳۰، مرزا اعد مجرم مقبل ۳۱ خواجہ حسن کول شعری ۳۲۔

---

ہیمو علاوہ چھ متفرق نادون منز مولانا حسن شاہ مورخ کھویہامی پہ مرزا شاہ حسین شائل تھو نہ آمتی۔

پیش خدمت کردم و می کنم انشاء اللہ۔ بوقتِ مراجعت بہمین غرض از راہِ بارہمولہ خواہم آمد۔ متعاقب لفافۂ دیگر نیز بخدمت ابلاغ شود۔ انتظارِ جواب است۔ از طرفِ جناب شیر علی خان صاحب جاگیردار کہ نادیدہ دوستِ جناب است۔ تسلیمات"

رقیمہ۔ شمس الدین عفی عنہ

رجب ۱۴

اسلام علیکم۔

قبل بریں یک قطعہ کارڈ ابلاغ خدمت نمودہ ام۔ فہرستِ مرتبہ نفرستادند۔ در فراہمی مضمونِ متعلق کوشانم۔ شعراءؔ مندرجہ تاریخِ اعظمی و خزانۂ عامرہ و نتائج الافکار نظر انداز کردم۔ کہ ہر سہ نزدِ ایشاں موجود باشند۔ اگر زیرِ نظر نیستند بر جواب آں تحقیق (چھان بین) کردہ شود۔۔۔۔۔

یتھ کتھ کُن پیٹھ کنہ اِشارٕ کرنہ آو زِ مہجورٕ صابنٕ فہرست چھُ نامکمل خاص کرِتھ چھنہٕ تمہِ اَکھ منز ہم عصر فارسی گو شاعرن ہند تذکرٕ کرُن مناسب زونمُت۔ لہٰذا چھنہٕ یہِ ننان زِ مولانا شمس الدینٕ چھا حیرت پاندانی کنہٕ رتٕن پورک شمس الدینٕ غمگین کنہٕ راجپوریکُ اکھ بقدرِ ادبی صلاحیتٕ ودل عالم۔ بہر حال تہندِ خطچ عبارت چھیہ یتہٕ ہاوان زِ مہجورٕ صابنی پاٹھی آسی مولانا شمس صابس کُن موادچہِ فراہمی خاطرٕ محمد شاہ سعادت تہٕ رجوع کران پیٹھ چھیہٕ یہِ کتھ تہٕ ننان زِ تمہِ وقتہٕ چھہٕ کشیرٕ ہندس ادبی سرمایس

ہندوارکِس جاگیردار شیر علی خان ہنٛدِس دیوان خانس منٛز منعقد سپدن واجنین تمن ادبی محفلن ہنٛدِس خاص پوٚت منظرس منٛز ییٚیہٕ تہٕ کینہہ کتھ یاد پاوان یمن منٛز مولانا شمس الدین بحیثیتِ صدر شیر علی خان بحیثیت میزمان تہٕ تٔمُند رشتہٕ دار زبردست خان بحیثیتِ سکرٹری شأمِل چھُ آسان ۔ راجپور پیٹھے چھُ مولانا شمس الدین یتھی خط مہجورس لیکھان ۔

( ۷۸۶ از توقف راجپور دولتخانہ راجہ اکبر علی خان صاحب جاگیر تحصیل ہندوارہ مورخہ ۱۶ جمیدالثانی ۱۳۱۰ھ

مکرمی ام السلام علیکم

قبل بریں اوراق کہ بدست جناب بہاء الدین صاحب ابلاغ خدمت کردہ ام مہربانی فرمودہ اگر فارغ النقل باشند از جناب احقر بنام محمد سعادت صاحب مورخ سرینگر ارسال فرمایند تاکید تصور فرمایند ۔ این وقت از مطالعہ چند تواریخ و بیاض شمہٗ از کیفیت چند اسامی مشاہیر شعرا بدست رسیدہ حسب سابقہ ارسال نمایم ۔ خط و کتابت برپتہ صدر باشد ۔ )

امہِ پتہٕ چھُ مختلف تذکرن پیٹھ تارنہٕ آمُت یمن ذٔہن شاعرن ہند مُختصر حال درج ۔ ۱ ملا مظہری ۲ نجمی ۳ نگہت ۴ ندیم ۵ ساطع ۶ صبحی ۷ کوکب ۸ ماہری ۹ نادِر ۱۰ احسن ۔

پِٹھِم عبارت چھےٚ یمن لفظن پیٹھ اَندوا تان ۔

"کیفیت نامہ معلوم نمے شود      بازہم آنچہ در تلاش بہم شود

میرے دل میں آپ کی ملاقات کی چاہت بھی اس وقت اضطراب کے درجہ پر پہنچی ہوئی معلوم ہوتی ہے۔ ممکن ہے ہفتہ عشرہ تک میں آپ کو ... (بصورتِ) خط عرض کروں گا۔ جو مشتمل بر مضامینِ تنقید و تبصرہ اشعارِ شعرائے مختلف ہوگا انشاء اللہ۔ باقی رہا یہ کہ آپ ضرور مہجور ہیں۔ لیکن میں اپنے آئینہ دل میں مولانا شمس کے آنے کے بعد ایک بناوٹی صورت کو ہر وقت جاگزین پاتا ہوں۔ فرطِ حیرانی سے پایا جاتا ہے کہ گلِ نظارہ مہجور ہے ؎

دل کے آئینہ میں ہے تصویر یار
جب ذرا گردن جھکائی دیکھ لی

دستخط شیر علی خان

اَمہِ پتہ چھہ مختلف شاعرن ہندس کلامس پیٹھ تنقید و تبصرٕ والی شعر مہجور صابس بنیہ اکہ تفصیلی خطچہ شکلہِ منز سوزنہٕ یوان۔ لہذا چھُ مہجور نہ وتک آنہٕ ہاونہٕ خاطرٕ تہٕ کشیرِ ہندین مختلف علاقن منز فارسی تہٕ اُردو زانن والین ہُند عکس ہاونہٕ خاطرٕ تمن خطن ہُند اندراج (طوالتک خیال مدنظر اوِتھ) یتہٕ تس پیش کرن ضروری باسان:-

میرے مکرم دوست۔ منشی صاحب غلام احمد مہجور

السلام علیکم

میں کچھ عرض نہیں کرسکتا ہوں کہ آپ کے پاس خطوط

پتہٕ شعری میراثس جمع کرنس سیٹھہ فوقس، ہیچھوٕرس تہٕ آزادس علاوٕ محمد شاہ سعادت ہوی ییٚنہٕ تہٕ کینہہ تارکی بصیرژ وٲلی عالم سرگرم۔ یہ ادس علامہ اقبالنہٕ ہتی عبارژ سان دارہہن باشعور کاشرن ادیبن سوزمتہٕ خطک اعجاز کینہ تتھ ثانیک فصل گل اکھ بیٹھہ تژاو علامہ اقبالنہٕ خطک متن تہٕ کاشن۔ تکر تمہٕ خطک اکھ حصہٕ ییٚنہٕ نس درج کرنہٕ۔ برونٹھ چھ راجپورکس اکس گمنام مگر اہم ادبی مرکزس تھٕنہٕ ییمتی کینہہ خط تیمہٕ تبصرکہٕ بدولتہٕ محفوظ تھوٕنی لازمی باسان یم خطوط پیش کرُن چھ میٚہ اہم دستاویز پیش کرنس برابر باسان۔ گوڈٕ چھ مولانا شمس الدین نس اکس فارسی خطس پتہٕ کنہٕ شیر علی خاننہٕ ییٚنہٕ اکھ لیوکھمت یہ اردو خط پیش:

" از حقیر شیر علی اسلام علیکم قبول ہو۔

آپ کے مکتوبات دیکھ کر میرے دل میں گاہ گاہ کچھ کچھ عرض کرنیکا شوق پیدا ہو گیا ہے۔ آپ خود دیکھ لیں گے کہ آپ کی کس حد تک سمع خراشی ہوتی رہے گی۔ اس وقت میں ذرا تیار نہیں۔ البتہ آپ کے اُن الفاظ نے اس وقت یہ عرض کرنے پر مجبور کیا کہ آپ نے میرے (علم وفن وغیرہ کے بارے میں) جو تحریر فرمایا ہے اُس پر مجھ کو حد سے بڑھ کر ہنسی آتی ہے۔ واقعی آپ نے ایک حبشی یا زنگی کو کافور نام رکھا ہے۔ ورنہ میرے مکرم! برعکس آپ کے خیال کے میں اپنے تئیں ننگ قوم وملت تصور کرتا ہوں حقیقت بھی ایسی ہی ہے آپ کا فرمانا بغیر حسن ظن کے اور کچھ نہیں ہے۔

